# ژینہٕ وَن

(اَفسانہٕ سۄمبرن)

With compliments from

Autar Hugami

Mob.No = 8825043960

اوتار ہوٗگامی

18/2/2021

اوتار ہوٗگامی

کِتابہٕ ہُند ناو : ژینہٕ وَن

مُصنِّف : اوتار ہوگامی

چھاپن وٕری : 2020 عیسوی

مول : Rs.450/=

کمپیوٗٹر کمپوٗزِنگ : IILS D.T.P CENTER
471-A, Sec-2, Vinayak Nagar,
Muthi, Jammu - 181205
رِنکوٗ کول# 094191-36369

کِتاب میلنگ پتاہ:

۱۔ اوتار ہوگامی، 31/5 نیتر کوٹھیاں مُٹھی جموں 181205
موبائیل نمبر:9419684025, 8825043960

۲۔ کِتاب گھر کنال روڈ جۆم......مولانا آزاد روڈ سرینگر۔

۳۔ ناگراد ادبی سنگم مُٹھی جۆم۔

**"TSENEVAN"** A book of short stories in Kashmiri by Avtar Hugami

| | | |
|---|---|---|
| First Edition | : | 2020 |
| Price | : | Rs.450/- |
| Copyright | : | Avtar Hugami |
| Computer DTP | : | IILS DTP Center, 471-A, Sec-2, Vinayak Nagar, Muthi Jammu Rinko Koul # 9419136369 |
| Publisher | : | Sohani Publications, 31/5 Netar Kothian, Muthi, Jammu - 181205 |
| Available at | : | 1. 31/5 Netar Kothian, Muthi, Jammu-181205<br>2. Kitab Ghar, Canal Road Jammu,<br>3. Mulana Azad Road Srinagar<br>4. Nagrad Adbi Sangam Muthi Jammu |

# انتساب

تِمن لۄکن ہِنٛدِ ناوٕ
یِم وُنہِ تہٕ اَسنس کرٕیشان چھِ۔

یہٕ چھِ تہٕ دار حرفن وٕلِتھ حقیقتھ
یہٕ چھِ ژێنہٕ وَن اگر ژٕ ژێنکھ

جگن ناتھ ساگر

God is a comedian playing to an audience too afraid to laugh.

—Voltaire



If I had no sense of humour, I would long ago have committed suicide.

—Mahatma Gandhi



Humour is mankind's greatest blessing.

—Mark Tawain



A day without laughter is a day wasted.

—Charlie Chaplin

# فہرست

# میٲنۍ حرف ڈاے

میٲنۍ دۆیِم افسانہٕ سۆمبرن ''ژینہٕ وَن'' چھِ پیش خدمت۔ گوڈنچ سۆمبرن ''بُتھِس پیٹھ بُتھ'' کٔر پرن والیو سٮ۪ٹھاہ پسند، یَیمہِ کہِ برکتہٕ بہٕ گوس دۆیِم کِتاب کڈنس اہل۔ افسانہٕ وۄتُھم ژورو ڈٲلیو پیٹھِ لیکھان۔ ازکل چھُ حالاتو انسانس اُمن تہٕ گنڈُن زنتہٕ تھپہٕ نیُومُت۔ بہٕ چھُس کوٗشش کران میٲنۍ افسانہٕ پٔرتھ گۆژھ قٲری بۆزنِس کھنڈُس، ٹھاہ ٹھاہ گٔرتھ نۓ اسہِ ہے توتہٕ وُٹھِ کُمجار کرنس مجبوٗر گژھُن۔ امہِ کِنۍ چھُس ظرافتِکِس دامنس دۆیَو دۆیَو اتھو تھپھ گٔرتھ۔ پرن والین تہٕ بوزن والین کوتاہ چھُ پزیان تیتہِ چھُس گاہ بگاہ ژرژان۔

غزلن منٛز چھُ خیال تہٕ اسلوب آمتی زٕ لٲزِم و ملزوم حِصہٕ ماننہٕ۔ افسانس منٛز گژھِ پلاٹ، کِردار تہٕ زبان تزٕ کوٗبل مانٛتھ ورتاونہٕ یِنۍ۔ بہٕ چھُس افسانس منٛز کتھِ ہُند عنصر رژھراونک تہٕ open ending ہُند طرفدار۔ اکھ فن پارٕ چھُ أدیب زِندگیہِ ہِندیو تجربو (میٹھی تہٕ تلخ)، زبردس مطالعہٕ (باریک بینی سان) تہٕ حِساس مُشاہدہ (دِل، دمباغ یلہٕ تھٲوِتھ) پتہٕ زبٲنۍ ہِندِ شوٗبہٕ دار ورتاوٕ ستۍ تخلیق کران۔ تیُتھ ژھتُرن چھُ پتہٕ اِنفرٲدی نوعیت پیٹھ اجتماعی صوٗرت اختیار گٔرتھ اِفادیت پزاوان۔ بہٕ چھُس

افسانہٕ زِندگیہٕ ہِندِ سنگترٕچ اکھ لوٕکٕٹ موٕکٕٹ قاش زانان۔یتھ زبانٛی ہُند مُلہٕ مایہٕ گٔرتھ چھُ آسان۔امہٕ مُلہٕ ماپیٚچ بقاچھِ زبانٛی ہٕنزٕ وُسواری پیٚٹھ دٕرتھ روزان۔اتھ زُمرس منٛز چھُس بہٕ اِنتہاہی ذِمہٕ دأری سان پنٕن فرٕض نکھہٕ وانٕنچ کوٗشش کران۔توٚ پتہٕ تہٕ کوتاہ چھُس بہٕ کامیاب تہٕ ہکِن پرن وألی مشخص گٔرِتھ، تِکیازِ پٕنٕن عأب چھُ ہمیشہٕ ماشوق آسان۔

ازکل چھُ ابہامن افسانس تہٕ نال وٗلُمت۔حالانکہٕ سأرِی لِکھأری چھِ پننہٕ پننہٕ جایہٕ آزاد۔اکھ افسانہٕ نِگار کتھ نٔجہٕ دِیہٕ وٕتھبوتتھ تہٕ چھُ سُہ خودمختار۔مگر سو کتھ یٚیمہٕ ستی زن افسانٕکس بُنیادس کھُر پیہٕ چھےٚ نامُناسِب تہٕ نامعقول باسان۔اکوٗہمہٕ صدی ہِندِس افسانس تہٕ ۱۹، ۲۰ ہمہٕ ہِندِس افسانس منٛز چھےٚ بٔڑی زمین آسمانٕچ فرق مگر تمیُک مطلب ماگو زِ أسی ڈالواتھ نَس۔اِیچ بُنیاد برقرار تھأونی چھُ پٔرتھ افسانہٕ نِگار سٕنٛز اکھ ادبی ذِمہٕ وأری۔امہٕ ذِمہٕ دأری ہُند ثبوٗت پزٕ نقاد حضراتن تہٕ دیُن۔

اِنفارمیشن ٹیکنالوجی ہِندِس یتھ زمانس منٛز ماچھےٚ کانٛہہ کتھ بےٚ ببن دٕری پکان۔از چھےٚ کانٛہہ تہٕ کتھ پھٹاپھٹ سأرسے دُنیاہس ژھٕٹھ کڈان،یٚیمہٕ ستی اتھ کتھِ لشہٕ پاشہٕ نیرنس چھُنہٕ تأرے لگان۔ہرگاہ کتھ ادبس ستی وابستہٕ آسہٕ تیٚلہٕ چھُس ردِعمل ستی نیران۔چوٗنکہٕ ادب چھُ زِندگیہٕ ہُند سُہ شعبہٕ یُس حدٕ روٗس آسنہٕ کِنی پٕنٕن اثر (جان یا ناکارٕ) یکدم ترٛاوان چھُ۔

کأشرِ افسانٕچ ساخت، ہیت، موضوٗنیت منٛز چھےٚ ازکل سبٹھاہ تبدیلی آمٕژ، یٚیمہٕ کِہ برکتہٕ موجوٗدٕ کأشر افسانہٕ نِگار، پٔرانٛی گیہٕ أسی تھےٚ، نٔوپےٚ تہٕ چھِ خطہٕ دٕژامٕژ۔ یہٕ چھُ اکھ نیک فال یٚیمہٕ کِہ برکتہٕ یہےٚ صِنف صٔحی اندازس منٛز بٕڑوٕنہہ بٕڑوٕنہہ پکِتھ عالمی سوٗتھرس ستی مان چھِ کران۔پٔرانٛی کہاوتھ چھِ زِ پٔرون چھُ پٔرانان تہٕ نوٚ وچھ نوان۔ مگر نوٚ وچھُ تیٚلہٕ نوان یٚیلہٕ تتھ منٛز نوبر آسہٕ نتہٕ گو پیٚنٛژ کانہٕ دوٗنم بہٕ تہٕ تی تی۔یہِ کتھ

مدِ نظر تھاٲوِتھ چھُس بہٕ اِنسٲنی جذبن تہٕ باقی صوٗرتِ حالچ باوٕژ باپتھ ادب اکھ من پوٚژ تہٕ پُر اثر ذٔریعہِ مانان۔ بقولِ جین پال سارترے (Jean Paul Sartre) ''افسانہٕ پیہِ کُنہٕ دوہ دُنیاٚیی خرٲبین خلاف بطورِ طاقتور ہتھیار استعمال کرنہٕ۔'' بہٕ چھُس تتھ دوہس عیز ژٚندرِ کی پٲٹھی پزاران۔

بہٕ چھُس کہنہ مشق تہٕ نامور افسانہٕ نِگار تہٕ ناول نویس شری مکھن لال پنڈتا صٲبُن سبٹھاہ احسان مند یمو یتھ افسانہٕ سوٚمبرنہٕ پننہِ عالمانہٕ نظرٕ ستی اکھ نبرل رنگ بخُش۔ امہِ علاوٕ چھُس پننس فاضِل دوس تہٕ شاعر شری اوتار کرشن نازؔ صٲبُن تہِ مرہونِ مِنت یمو ذٔہن کامبن لتھ دِتھ کِتابہِ ہٕنٛدِس ترتیبس اتھ وتھ دِژ۔ ستی چھُس پننس برخوردار عزیزم رِنکو کول جیُن تہِ مشکوٗر تیمی سنجیدگی تہٕ ژُکہِ سان کِتابہِ ہٕنز کمپیوٹر کمپوزِنگ کٔرِتھ میاٚنی محنت رتھِ کھاٚر۔

چھیکرس پیٹھ چھُس بہٕ تِمن سارنٕے اُدیبن تہٕ ادب نواز دوستن ہُنٛد شُکر گُزار یمو مےٚ وقتن فوقتن پننہٕ موٗللی مشورٕ آیہٕ تن تھاٚو۔ کِتاب چھِ وونی تُہنٛد بن اتھن منز۔ اُدیبن عام پٲٹھی تہٕ نقادن خاص پٲٹھی چھُس بہٕ گُذٲرِش کران زِ تِم کڈن یمہِ کِتابہِ ہُنٛد زگ تہٕ پرن نوٚن تہٕ پننہٕ زرین تہٕ معتبر توٚثرات باوِتھ دِنی مےٚ مشکوٗر روزنک موقہٕ۔

**اوتار ہوگامی**

نیترِ کوٹھیاں مُٹھی جوٚم۔



# ۳، ۱۳ تہٕ ۲۳

الیکشن نتیجہ نیرنہٕ پتہٕ اُس یہِ پارٹی ہٕنز گوڈنچ میٹنگ یوسہٕ تمو از بُلاوٕمٕژ
اُس۔ پارٹی اُس تمن کتھن دل دِوان یمو ستیٚ تم برسراقتدار پیٹھٕ از فقط حزبِ
مُخالِف موٗژرےٕمتیٚ اٲسی۔ تِمہٕ اٲسی سپنہٕ کوبی کران زِ تمن شوٗٹھن کٕمہِ ہلکارِ ہوٗنی اوس
ژوٗپ دیتمُت تہٕ شےٚ رٕتھ برٛونٹھے کوٚر الیکشن۔ دپان ییٚلہِ دُکاندار دیوول چھُ کڈان
سُہ چھُ پرمانہٕ تولان۔ سوٗنچان چھُ شاید ماأسم پرمانہٕ گوٚب۔ سوے باش اُس اتھ
پارٹی از گأمژ۔ مگر کار اٲسی گأمتیٚ گرِتھ تہٕ پھیٚشل اوس گوٚمُت زبتھ۔ وُنی کیٚبن اٲتھی
کتھِ پیٹھ بحثا بحثی اوس پوٗنی منٛدنس برابر۔ یمو از زیوٚنمُت اوس تِمہٕ تہِ اٲسی شوٚوزد۔
ہارٕمتیٚ ممبر اٲسی پزی پھوٗتی کنٛہٕ اٲلس ژاٚمتیٚ۔ ساری اُس پننہِ پننہِ رنٛگہٕ یتھ ہارنس
لشہِ پاشہِ کڈان۔ پارٹی لیڈر اوس دٕہی لد گگر ہیوٚ انٛد گن ہِتھ دِیان۔ شاید اوس
سوٗنچان ''ینہٕ تہٕ تنہٕ آیاو پارٹی لیڈر بننُک موقہٕ مگر حاصِل کیاہ صِفر تہٕ صِفرے۔ شاید
وٕج پارٹی میأنی شکس طالع ہٕن۔ شیری متِس بتہٕ بانس لوٚگ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ برٛأری سُنٛد
ٹُت تہٕ پھوٗسِتھ۔ نتہٕ کیاہ یتھ الیکشنس پیٹھ کوسہٕ کمی تھاوٕ پارٹی۔ دپھ سا پانا طالع بد
بیٚیہِ نہٕ کینٛہہ'' سُہ اوس ہنا سوٗنچان اٲدرِ تہٕ ہنا نبر سپدان واجن میٹنگہِ ہٕنز بےدلی

سان سام تہٕ ہوان۔

رپوٹنگ خاطرٕ اَسی واریاہ اخباری نُمایندٕ وأتتھ پیٚمتی، زن آسکھ ترٲلہٕ کُجہٕ دِنن دِژمژ۔ روزنامہٕ "بے باک" نُمایندٕ تہٕ اوس لوٚب کُن ہتھ پننہٕ اخبارٕ خاطرٕ رپوٹنگ کرنہٕ باپتھ یور آمُت۔ ممبر اَسی سمان تہٕ سُہ اوس پانس سٟتی سوٚنچان، "اتھ سیاستس زن چھُ اَفیمہٕ ہُند چسکہٕ۔ دکہٕ بل وأتتھ تہٕ چھُ یمن لیڈرن الیکشن لڑنہٕ باپتھ زُواژان۔ اِنسان چھُ راوان۔ مگر اژ کھ تہٕ کیاہ زِ نہٕ؟ موٚنگہٕ ڈلہٕ منزٕ چھاؤ ژھس نیرنس ووندٕ یوان۔ کم سہولیژ تہٕ آسایشہٕ چھکھاڈٕسی یاب۔ غریبن ہنٛدِس خوٗنس چھِ بے بۄج طرٟقس منزٕ خرچاؤتھ پنٛنی دوہ شوٗنٹھہٕ ہوی کڈان۔ عام لوٗکھ پھٔٹتن ہو چھمژن کولن، یمن پچھانچ چیٚژ۔ تتھی لیڈر چھِ پنُن کُچل باہ تزک کرنس منزٕ طاق آسان۔ کتھو سٟتی گیہ یم ہاچھن دود والنس منزٕ سرس۔ ٹلی ٹلی تہٕ ژھلی حربہٕ پانناؤتھ چھِ پنٛنی ٹھل نوان کڈتھ۔ پتہٕ گو ژنہٕ کانہہ تہٕ بہٕ نہٕ کانہہ۔ الیکشن چھُ زنتہٕ سہلاب تہٕ سہلاب وٟستھ چھُ فِکرٕ تران زِ ننگے گس اوس ژھانٹھ وایان۔" تام گیہ مایک چالو۔ رپورٹرس ژھیوٚن خیالن ہنٛدِس سٔترٕ کأنس پن تہٕ لوٚگ نوٹ لیکھنہٕ۔

میٹنگ سپزٕ شوٚرٕ صدارتھ کُر پژٲنی صدرن یَس یُہس منڈیٹ اوسکھ نہٕ دِیُتمُت، تِکیاہ زِ تٔمی ہنٛدِ بدلہٕ اوسکھ تٔمی ہنٛدِس زِٹھس نیچوس تہٕ کِنٛسس زامترس یہٕ سہرٕ گوٚنڈمُت۔ دوشوے اَسی اتھن پھوکھ دِوان گژِ وتام ووٹو سٟتی کامیاب گأمتی۔ وونی گو جو جیتے وہ کھلاڑی۔ کِنی اَسی گوٗنژھن ور دِوان۔ پژون سپیکر اوس، تیٚمی از ہورمُت اوس، موٚنڈِ زنانہٕ ہنٛدی پأٹھی تالہٕ گُلی دِتھ زنتہٕ وِدان۔ یُت نہٕ تَس پننہٕ ہارنک غم اوس تمہٕ کھوتہٕ زیادٕ اوس مخالف پارٹی ہنٛدِس وومیدوارٕ سنٛدٕ زینک دوکھ۔ تِکیاہ زِ بیارٕ ہنٛدٕ گوٚ کھبنہٕ چھنہٕ تیٚوت گژھان یُت تسنزٕ لٹ بِگلہٕ ونہٕ سٟتی۔ اتھ اوس بیاکھ وجہہ تہٕ۔ یتھ مجلس منزٕ تٔمی سُند مقابل تہٕ اَزیک کامیاب ممبر روزان اوس تتہٕ اوس پژأنس

سپیکرس ہوٚر۔ اَمہِ سٟندبن ہوورٕ بن اوس باسان یہِ اَز ٹیگ کامیاب ممبر چھُ تمن شوٗٹھن زالنہٕ خاطرٕ بانڈ حیثیتہٕ بیترِ کرناوان۔ نتہٕ اوس ووٗنی برابراکھ رٕبتھ گوٚمُت رِزلٹ دڑامتس۔ مگر یہندٕ گرٕ اَسی وُنہٕ سال سبہٕ، ناچ نغمہٕ چلان تہٕ بنگولہٕ پھٹان۔ ہاٚری متس ممبر سٟندی ہوٚری اَسی ساٚرے شیٚچھ خبرتس پھٹاپھٹ واتناوان۔ زٕ ہنٕ متس ممبرس اوسا اتھ ہنگامس ستیٚ کانٛہہ واسطہٕ کِنہٕ نہٕ تہٕ زانان دے۔ ووٗنی گو آنٛجاربن مائٛنجاربن کیٛاہ کرِ ہے۔ ہُپاٚری اَس لۆکھ ونان جانٕے گو اَمہِ ہور یہِ اوٚس زوٚن کھینہٕ کھوتمُت، تِکیٛازِ تٕمی اوس پیاپے زٕ الیکشن زٕ ہمتیٚ۔ ازلۆگس گوڈنیچہٕ لٹہٕ بتھی ٹاس تہٕ لۆکو ژھُن تھوکہٕ ہندی پاٚٹھی تژ اَوتھ۔

ساٚرِوے ممبرٕ ودیٛت اَزی کہٕ لٹہٕ اکثر یتھ نہٕ پٕنس پننہٕ پننہٕ رنگہٕ دوٚرٛ ھ۔ خاصکرٕتھ تمو وومید وارٕو یمو زن از ہوٚرمُت اوس۔ تمن اوس پزی ضرب جِگر لۆگمُت۔ اَڈی اَسی سرکاٚری مشینری ہنٛز ژو یہِ باٚزی ذِمہٕ دارزانان تہٕ اَڈی پارٹی ہائی کمانڈس راہ کھالان۔ اصلی آنٛچہ لنکس ووت نہٕ کانٛہہ فقط شال ژٕلتھ بتھبن لۆرِ۔ ووٗنی کیٛاہ گژھِ ہے۔ از اَسی تم حزبِ مخالفُک جامہٕ پرِتھ لبہٕ تاپس بِہتھ۔ پنٛنس اِقتدار راوٕنس پیٛٹھ اَسی تم وٕہی تہٕ وائے کران۔ چھیکرس پیٛٹھ آو پژ اَنس سپیکرس، لیس از ضمانتھ تہٕ ضبط اَس گاٚمژ، بوٚس لۆژ راونک موقعہٕ دِنہٕ۔ تٕمی تژ وو گوڈٕ زٕبوٗٹھ ووشاہ۔ زنٕ اوُسس کانٛہہ ٹوٗٹھ ازکُنہٕ ایکسڈنٹس منٛز جانہٕ مرگ گوٚمُت۔ شاید آسہِ ہے اَندری کنی سوٗنٛچان کتہٕ سُپیکری ہنٛز گول نژن واجینٛز کُرسی تہٕ کتہِ از یہِ مل بٕرژ ووٚر گُرِتھ دوگل دارتکیہ ڈٕکھس۔ کتہِ ہوائی جہاز ہے کھسُن تہٕ ہوٚاَیی جہاز ہے وٕسُن۔ زانٛہہ اگر تاٚجلی منٛز ریل سفر کرُن پیٛیہ ہے سُہ تہٕ گیٛاوفسٹ اے۔ سی یَس منٛزے۔ بنگلہٕ، کارٕ، نوکر، چاکر سوٗرے اوس حکوٗمتہٕ کہٕ طرفہٕ عنایتھ۔ ستیٚ آسہٕ لۆکن ہنٛزٕ ڈالہٕ پرٕتھ دوہہٕ گرس منٛز وٚاَیتھ ڈولان۔ زِبِوٚ اوس کڈنے آسان تہٕ چھچن اَسی بُتھ پھٹان سُہ چیز

واتناوٕنہٕ باپتھ ۔ تہٕ از الیکشن ہأرِتھ کنہٕ پھُٹ شال ہیُوٚ ہیتھ ۔ دٕرٕ نہٕ کانٛہہ کران ۔ پانا دپھ سأ وقت وقت کی بات ۔ پانس دِژن دٕنہٕ نٕے تہٕ دم سنٛبھأیتھ لوٗگ تمن واقعاتن تہٕ حأرِی ثاتن ہٕنز باوتھ کرٕنۍ یموٗ سہٕ از یتھ خاکس پیٹھ ہیٚنو ومُت اوس ۔ ضمانتھ تہٕ أۍسس ضبط گأمٕژ ۔ تس أسۍ زنتہٕ دُدستہٕ تھاپرٕ پیمٕژ ۔ وأنٛنۍ أۍسس رتھ چوان ۔ اگر پلہٕ ہیٚس تمن سارِنٕے لوٗکن ژھُنہٕ ہے یأ غی ہٕسۍ ہٕندۍ پأٹھی متھِتھ یم تٔمۍ ہٕندِ ہارنک ذِمہٕ دار أسۍ ۔ تٔمۍ وۄن عأرق ووتھراوان ووتھراوان ''شوٗٹھس ہسا گو بسم اللہ ہٕس پیٹھ شکھ ۔ پیٹھٕ چھُ شک آتشنک بوٗے ، ییٚلہٕ فارم تٕرٕیمہٕ تأریخہٕ برنووہٕس ، حالانکہٕ بہٕ چھُس نہٕ یمِن کتھن ہُند قأیل مگر گاہ بےٚ گاہ چھُم مانٛن پیوان ۔ اِد امہٕ تأریخہٕ پیٹھ آیہٕ شوٗٹھس ہپے بتھۍ ۔ مےٚ کریاو Presiding Officer س جتنہٕ زِ پولنگ بوٗتھ کرتہٕ ییمہٕ کمرٕ بجایہٕ دوٗییمس کمرس شِفٹ ، اِد سہٕ زن آوٕ وُٹھنہٕ ۔ حرامٕے بوزُن ۔ مےٚ اوس أکی باصلوات پیرن ووٗنمت ، ییٚتہٕ مےٚ شوٗٹھس ووٹ آسہٕ تژاوُن تتھ پولنگ بوٗتھس اگر وسونہٕ آفتاب درواز آسہٕ ہے تیٚلہٕ چھُنہٕ ہارنک سوالٕے ۔ ووٹنگ مشینہٕ پیٹھ اوسُم سیریل نمبر ۱۳ ہٕس پیٹھ بٹُن دباوُن ۔ یوسہٕ کسر بأقۍ أۍسس سوٗ گرس کانسچوٗنسی نمبر ۲۳ ہَن پوٗرٕ ۔ پتہٕ چھُو خبرے......''



# ؤصیتھ نامہٕ

ہوٹل واڈلی سوٗز چاے۔ عرضی نوٚیسن پلنو اکھ کپ رادھے ناتھس تہٕ۔ پانہٕ زوٗلن سِگریٹ یُس کھوورِس اتھہِ کیٚمن اونگجن دون منزٕ رُٹتھ اوس۔ دٔچھنہِ اتھہِ روٗٹُن چایہِ کپ۔ رادھے ناتھ اوس زن ویشارژن گوٚمُت۔ عرضی نوٚیسن دِژِس زیرٕ تہٕ وٚننس، "چاے چےٚ سا۔ کمن غوطن گوکھ۔" رادھے ناتھن روٗٹ چایہِ کپ۔ پانس ستیٚ سوٚنچُن، "چےٚ سا پانا۔ پوٗژھ کھوٚ کوٗر پننہِ کھیوٚن مریگ۔ یِم پوٚنسہٕ تہٕ آسن شوٚٹھسے بژٕنی۔" یتِس کالس موکلاو عرضہٕ نوٚیسن چاے تہٕ چیتھ تہٕ اِشٹام ورقس تہٕ ژٔرس ژٔرس دِتھ۔ "بیٚیہِ ما اوسُے کیٛنہہ یتھ ؤصیتھ نامس لیکھُن۔ دَے دِیِ نےٚ رُمہٕ ریٚشن آے۔ مگر توتہِ چھُ ئرتھ پوان پکُن۔ گرِ واجنہِ باپتھ گرٕ ھِ نقدتہِ کیٛنہہ تھاوُن۔ یُتھ نہٕ سوٗزٕے پتہٕ دکن تہٕ دولن لگہِ۔" تمیٚ وٚنُس سبٹھاہ ہمدردی سان، اِشٹام ورق پلناوان پلناوان۔ یِم زانہٕ ہن اکھ اٚکِس جان پاٹھی۔ رادھے ناتھن روٗٹ یہِ اتھس منزٕ تہٕ ہیوٚتُن ہیرِ بون پرُن۔ عانٛک تُلُن تھوٚ دتہٕ صاف گرِتھ لوگُن بیٚیہِ۔ اٚمِس دِتیٚ پاٗنسہٕ تہٕ دزاو تیز تیز قدم تُلِتھ وکیلس حوالہِ کرنہِ۔ وکیلن روٗٹ تہٕ باند باند گرِتھ وٚننس، "یِگاہ گرٕ ھِ عدالتس پیٚٹھ سُلی پہن اکھ نفر شناختی کارڈ ہیتھ گواہی دِنہٕ باپتھ پانس

ہِتی انٕن۔ مگرتس نفرس گژھِ تھاوُن وٕنتھ جج صأب یہِ پزٕ ژھٕ تٕھی جواب دِیُن۔ یُتھ نہٕ خامخاہ کأ رِ کُل دگہِ تہٕ آمٕژ کوٕ کر کرِ پٕتی۔" وکیلن سوٗ زٕ پٕنن ایجنٹ فایِل ہیتھ پگاہ ٹک نمبر رٹنہٕ باپتھ۔

رادھے ناتھ تہٕ دزٕ او مگر سونٕچان اوس مےٚ کوٗ رایہٕ ٹھیک کِنہٕ غلط۔ یہِ وٕصیتھ نامہٕ لیکھنأوتھ گژھم نہٕ ژاگنج نالِ گژھنی۔ پٕتی کِنی دِژ سکوٗٹر وألی ہارن گٕرتھ یکدم بٕ زیک یمہِ ہِتی رادھے ناتھس ژھیٚون خیالن ہِنٛدِس پتنگس پن۔ یکطرف گژھِتھ باسیٚوس گرم تہٕ سونٕچُن ہوٹلس منٛز چمہٕ کولڈ ڈرِنک یُتھ ہناعأرق شہِلن۔ یہِ سونٕچان سونٕچان ژاو ہوٹلس تہٕ بیٚوٹھ أ کِس ٹیبلس نکھے کُرسی پپٹھ۔ ہوٹل وأ لِس موٗنگن کولڈ ڈرِنک تہٕ پانہٕ لوٗگ بیٚہِ سونٕچنہِ۔ زِندگی پیٹھ چھُنہٕ وسا۔ نبٕدرِ تہٕ موت۔ ووٚنی کتھ چھِم شٕرٕ بن وِیا دتھاوُن خامخاہ گژھن پگاہ چھِتہٕ۔ زمانہٕ چھُ خراب۔ نوش ژایہٕ گرِیکلس گوارٕ۔ پیٹھ یم أزی چہِ تالہٕ زأوِجہِ یمن چھا یوٗرک وہپان۔ یہِ گو جان مےٚ تھأو زِندٕ زٕوے حِصہٕ بٹأے کٕرتھ۔ بوٚڈ ہیٚو چھُ کنہٕ تٕرٕ کُر مگر مرن ہے چھِم بٕڈ نوشہٕ ہن چھِم دیوی۔ روٗ دسوال لوٕکٕٹ سُندسہٕ چھُ ژھوٚپ۔ مگر ژھوٚپ گأوٕ گیہِ گُدأمی کھاو۔ یہے لوٕکٕٹ ٹِکہٕ واوٕج چھِ ٹٕکر ہش۔ یام اگادِ گژھِ تام چھُنہٕ سہل سہل تھپھ ٹلان۔ یتیس کالس موکلاوُن کولڈ ڈِرنک تہٕ چیتھ۔ ہوٹل وأ لِس دِتی پونسہٕ تہٕ دزٕ او تیز تیز قدم تُلتھ میٹاڈور اڈس کُن۔ میٹاڈورس کھٕسِتھ پیٚوس یاد پگاہ گُس نمن گوأ ہی باپتھ۔ یار دوس أ سِس واریاہ۔ اماپوٚز معاملہٕ اوس نوٗ زُک تہٕ ہر ساٚنے گوٚژھ روزُن امہِ کِنی دِتُن سبٹھاہ ژٕیتھ۔ واریاہ چھیٚتی تہٕ کرٕہنی ژأرِتھ ووت ناتھ جیس پپٹھ۔ تس اوس واریاہ اکار بکار آمٕت۔ تام ہیوٚتُن موبالیس پیٹھ تسُند نمبر دباوُن، تہٕ ہِتی پیٚوس یاد نسأ پاناہ، سہٕ چھُ اوٗپ۔ یہِ آسہٕ گرٕ واتنے تہٕ سأرہے محلس آسہِ تُرے گأمٕژ۔ سُے گوٚے BBC سہٕ سوزِ اگر پلھس دھرم رازس تہِ شُنٛچھ۔ ہسأ روٗد چھُ تیار۔ ژٕمی ہسأ تھوٚو وٕصیتھ نامہٕ تہِ لیکھِتھ۔ نہ......

نہَ ......تس چھُ پیاول زبو۔ بدلس کأنسہِ پئیہِ وُنن۔ تام پئیوس شام جیئن ناوژتبس۔ زن لوٚبُن لنڈنک لاس تہٕ کوٚرنس یکدم فون۔ تمۍ بچارن کوٚرُس اَنکارتہٕ یُٔی تژ وو پھژ کھ۔ شناختی کارڈ ءستۍ تلنک کوٚرنس تأکید۔ رادھے ناتھن سوٚنچ پگاہ ونس وتہِ زِمے کیاہ چھُ ؤصیتھ نامس لیکھنو مُت۔

پگاہ دژایہِ دوشوے پانہٕ تہٕ شام جی عدالتس کُن۔ مگر شہمتہٕ نہٕ کار اَمِس گو ؤصیتھ نامچہ عبارژ متعلق یہِ وُنن اوسُس مُشی تھے۔ عدالتس پیٹھ واَتتھ سُمکھی وکیلس تمۍ دِتُھ ایجنٹ ءستۍ تہٕ سوٚزِن جج ءسِندِس کمرس کُن۔ لوٚکن ہٕژ ہیر بارٕ اَس سَخ۔ اگر کانہہ کلاَرکس اوس کینٛہہ پرٕژھنہٕ گژھان سُہ اوس پلہٕ پیٹھٕ زن پوٚنز ؤتھتھ کھیٚنہٕ یِوان۔ جکس اوس نہٕ تیٚوتاہ کاف یُوتاہ تسِندِس کلاَرکس اوس۔ ''پشمینس چھُ پزی نرمی'' رادھے ناتھ اوس سوٚنچان تہٕ بیٚوٹھ شام جی ہتھ اَند کُن پننہٕ وارِ پرٕ ارنہٕ۔

تام آکھ نمبرتہٕ چپراَسی بُلو وتھُند ناو۔ وکیل تہٕ اوس یتس کالس آمُت سُہ تہٕ گوکھ ءستۍ۔ جج صاَبن پرٕژھ شام جیس ناو، ولدیت، سکوٗنت بیترِ۔ ءستۍ پرٕژھنس رادھے ناتھ بٹ کرِ پیٹھٕ زانہَن۔ ''اَسی جِناب اَس کٔشیرِ اَکی ہے گامس منٛز زاٗمتۍ تہٕ یکوٹہٕ بڈٕمتۍ۔ تتہِ نیرِتھ چھوٚ پتہٕ ہے کوسہِ اَدرٕ کھل گیہِ اسہِ۔ وادَن ڈوٗنۍ تہٕ کاون گوجہِ۔ مگرتہِ گژھتھ چھےٚ ازکل اَکی ہے محلس منٛزلسان بسان۔ یہِ زانن یہِ لوکچارٕ پانہٕ پیٹھے۔'' شام جین دبُت جواب اگرنہٕ وکیل اَچھ ءستۍ ہاوہَس سُہ گیاومہٕ دالہِ ہٕنڈی پاَٹھۍ نیرِتھ۔ ''اچھایہِ یتھ ؤصیتھ نامس منٛزیہِ لیکھتھ چھُ سُہ چھُ پوٚز۔ کرِ دستخط تہٕ نیرِ۔'' ججن وونس نرمی سان۔ شام جی ووٚتھس سبٹھاہ اِنکساَری سان، ''جناب اَکس مدس ؤراَے چھس یہِ ساَری ہے پوٚز آسنچ گواَہی دِوان۔'' ساَرِی گیہِ ہے بنگہٕ تہٕ رادھے ناتھس پھیر لیٚدرِ ژھٹھ۔ سُہ اوس شکلہِ کِنۍ اوٚنژ کھونژٕ اما پوٚز دَین اوسُس کرمہٕ لیکھایہِ زنتہٕ پانئے اتھٕ ڈولمُت تہٕ بژ اَنٛد کُنۍ اَسس سپہِ۔ یمہِ کِنۍ سبٹھاہ

باگوان اوس۔ عیال بار آسنہٕ کِنۍ اوس کٲشیر رژھا موختاج منز دبن گذٲری کران۔ یوٗت وٲتتھ پوٚ رُس شر بو تہٕ نوکری میچھ۔ از اوس پینشنس گژھتھ تہِ جان پاٲٹھی دہ ہا دہ ہا نکھ والان۔ زمین جایدادیُس کٲشیر تژ اوتھ اوس آمت سہ تہِ اوسن وٚصیتھ نامس لیکھنووُمت۔

رادھے ناتھ اوس أندری أندری ژٔندر گوم وۄتمُت تہٕ سوٗچان اوس "شوٗھس گوٚژھ نہٕ جج صأب، وٚصیتھ نام غلط بأستھ اند ر برناوُن۔ پنٹِھ چھُ نہٕ گرِکس کأنسہِ بأژس نِش امیٚک اِبشاتہِ کوٚرمُت۔ ووٚنی گوٚژھم نہٕ ٹھوٚلہِ پھوٚت ژوٚتس پنٹھ نوٚن نیرُن تہٕ گژھہٕ برہم۔ مےٚ کُمی ہلکاری ہوٚنی اوس ژوٚپ دیتُمت زِ یہِ اوٚنم گواہی دِنہٕ باپتھ۔ مےٚ پزِ ہے ناأمس گوڈٕ تمن کتھن ہنز باوتھ کرٕنی یِہُند ذِکر اتھ وٚصیتھ نامس منز مےٚ کوٚرمُت چھُ۔ ہاے قسمتک ور، یوٚ ہے زن پزٕژھے تلسأرادھے ناتھ مےٚ کتھ کتھ چھُم گواہی دِنی تہٕ دستخط کرُن۔ أنم سوے وٚوم سوے لُجم سوے پانہٕ۔ دَے گوٚژھم رچھن نتہٕ گژھہٕ خامخاہس پنٹھ بدنام تہٕ بذ گار۔ واے دپان چھُس جج صأبس نمہٕ ہا اِشٹام ورُق تھپہِ تہٕ ترٕپچہِ گرتھ ژھُنہا زألتھ۔ مگر ووٚنی دِما نارس نرِ۔ بھگوانہٕ پٹن اوتار دار تہٕ مےٚ وال یٖیمہِ کاٹھ پنٹھ۔ تام پیوٚس خیال ویسے بہٕ تہِ کتھ چھُس یوٚتاہ وبسران۔ مےٚ چھاوٚصیتھ نامس منز کانہہ کتھ اپزٕ لیکھنأومٕژ۔ یہِ کیٛاہ پنٹھے بانہٕ چھُم لیکھنووُمت زِ زمینس ذٕہن مرلن پنٹھ چھُم ترٕ ے سیٚٹ بنأوِتھ، بارنبن دون اکھ اکھ تہٕ پانس بأژن دون اکھ تھوٚ وُمت۔ باقی گو بینک بیلنس تمہٕ نِشہٕ چھُس موخاصے۔ پتھ روٚ دکٲشیر ہُند کُل کوٹ، زمین جایداد بیترِ تتھ چھُم اٹہٕ ستی پاٲٹھی روپیس ذٕہ لچھ مأنتھ بہٕ حِصہٕ مساوی تھوٚ وُمت۔ خبر اتھ ما چھُم بُل چکس منز کم یا زیادٕ قیمت گنٔڈتھ اَتر کوٚرمُت تہٕ شام جی یَس پبو امکےٚ فی۔ رادیا شاید پھِرِ ے زبان تہٕ أمس اگر وٚنہٕ نژن آوٚ ے تاونس للگھ۔ لا گی تنےٚ کٲشیر ہنٔدِ جایداد کناوبٕ زِتھ مےٚ ستی بأج بوٚ د

کرُن۔ یُس یہِ مٔنزٕ مٔنزی مذاقس منٛز کران چھُ۔ تکیازِ اَمس چھُ کٔشیرِ ہِنٛدِ ناوٕ ستیٚ زنتہٕ
مُدوس مُچھ بیٚہان تہٕ اکثر چھُ پتہٕ دون دون پھلین وٕتھِتھ گژھان۔ مگر مےٚ کیازِ آیہِ
بود کھیٚنہِ تہٕ یہےٚ بنووُم گواہ۔ وٕصیتھ روزِ اَتی نے شوٗٹھس پپن ہٕتھکرِ۔ مےٚ کُس بوٗزِ۔
یوٚ تام پوٚز پزٕ توٚ تام عالم دزِ۔ پانا آوٕ لنس منٛز آکھ ہینہٕ۔ گوڈٕ بہٕ تہٕ کوتاہ ارژ کال چھُس
پانس زانان زِ میٚانہِ مرنہٕ پتہٕ تہِ گژھن میٚانٛی شُر بأژ میٚانس دوٗپس پیٚٹھ پکٕنی تہٕ حرفِ
آخر مانٛنی۔ نسأ یٚیلہِ اِنسان موٗد پتہٕ کیٚاہ چھُ گرجایدادس تہٕ باقی چیزن ہُنٛد اَمارٕ تھاوُن۔
الہٕ گٔری تنس یا وانگن تہٕ مرن وأرلس کتھ پیٹھ، زِنٛدٕ زوٗ گیاو پوٚزُے، مُرتھ تہِ بیٚلی بیگ
لاگُن۔ یہٕ گٔیہِ سٔری ین بیوقوٗفی۔ پانہٕ وُچھتہٕ کتھ پیٹھ کھوٚتُکھ کچھر بن۔ ہے......
ہے...... وأنسہِ اوستھ نہٕ وُچھمُت عدالتک درواز اِدٕ وکیلہٕ سُنٛد بُتھ بیٚیہٕ جس نِش پیش
گوٚمُت۔ ژےٚ وُچھتھ واریاہ کران یہےٚ گُرین لاگکھ نال خرگٔیہِ پڈر دأرتھ۔ پأنٛ
پانس لأجتھ وٕ کرنہ ہناونی۔ نا...... نا...... یہ گٔیہِ فأترگی، باورگی، بیقلأزی۔ نہٕ......
نہٕ...... نہٕ تہٕ ہیوٚتُن گُلی گٔنڈِتھ جس وَنُن، ''جج صأب بہٕ چھُس گُذأرِش کران زِ وٕصیتھ
نامہٕ گوٚ ژھُم واپس تہٕ میٚانس گواہس مٔہ پرٕژھو مزید کینٛہہ۔ مےٚ گٔیہِ غلطی مےٚ دِیو
مأفی۔'' اَتھی ستیٚ ژٕج تس بڈٕ ہٹہِ ودن کرٕ بکھ نیرِتھ۔ گرواجینٛی ،یَس ٹھوٚکُر پوٗزِتھ اَس
لأبی کُن پکان، گٔیہِ دوان دوان رادھے ناتھنِس بیڈس نکھے۔ تس دِژن دِنہِ پأنٛشہٕ تہٕ
کوٚرُن ہُشیار۔ سُہ روٗد بیڈس کُن ڈوٗکھ دِتھ بہِتھ تہٕ کلہٕ روٗٹُن اتھن دون منٛز چیرِ زن
اوس تتھ زِ کھأنٛژ گژھنک خطرٕ۔



# آکھ

بہٕ گوس یہُس برابر 26 وُہہِ ؤہری کشیرِ پٔژن گام۔ پنہٕ نِس آنگنس منز وأتِتھ گوس ہے بنگہٕ۔ اتہِ اوس نقشہٕ بدلیو مُت۔ مکانچہِ جایہِ اوس فقط اکھ میٚژ بوناہ۔ ڈۄنی کُلِس نِش اَس أکی کھوڑ مۄنڈی جاے ژٕٹمژ یُس أکی ہے مۄلس پیٹھ ڈٕرِتھ اوس زنتہٕ میأنِس آخری مُلاقاتس پژاران۔ آنگنٕچ کول اَسی کانٔے ہٕژ۔ کُچھِ اَسی صرِف کھۄری ژور اِستادٕ۔ البتہٕ گگروأسی زنتہٕ از أزی راتھ کُیت میٚژ کڈٕمژ۔ مےٚ پیٚیہِ پٔنٕنی سورگہٕ وأسنی موج یادیوسہِ ہرٕدِ کالس منز گوڈنیُک دانہِ پھۄت کُچھِ ترٛاونہٕ برٛوٗنہہ دجہِ گنٛڈِتھ ژۄبۄت نۄن تہٕ ڈۄنی کاہ مرٕ ترٛاوان اَس۔ اکہِ دوہ پرٛژھام تس امہِ ستی کیاہ چھُ گژھان۔ تَمی ونیام مایہِ سان زِ یہِ چھُ رُت شگوٗن تہٕ دانبس چھِ برکت نیران۔

کونٔگہٕ مالہِ ہٕشدبن سیٚدے یہِ اکہِ ؤری یہِ نۄو دِنہٕ برٛونٹھے کُچھِ ژۄرتہٕ ڈُوِتھ نیٛو ہکھ۔ پتہٕ ننیٛو زِ تَمی ہٕشدی نیچِوی گوشن ما آسہٕ ہَن تم ڈۄنی چنٛدس برٕی متی یم ماجہِ داش پھۄتہٕ برٛونہہ کُچھِ ترٛاونہٕ باپتھ دِتی ہٕتی اَسِس۔ گرٕکو کریٚاوتس چوب دِی دِی اردابہ۔ ژۄرلگی نہٕ اتھِ کینٛہہ مگر گوشس تھأوِکھ نل نکھِ پھٕٹرأوِتھ۔ گُربن نہٕ پوشن تہٕ

لیز ہیٚنین چوب۔ یہِ واقہٕ پٮ۪و مےٚ زنتہٕ کالکُ بتہٕ یاد۔ آنگنس اوس کچھن تہٕ خودرو گھاسن اوش کوٚرمُت۔ مےٚ پٮ۪و میر تقی میر سُند یہِ شار یاد۔

میر جنگل پڑے ہیں آج یہاں　　　　لوگ کیا کیا یہیں کل تھے بستے

اورِ یور دِژایم نظراہ۔ سُل آسنہٕ کِنۍ اوس نہٕ محلس منز خاص کانٛہہ نیٚندرِ وۄتھمُت۔ مےٚ مارِ پنہٕ نِس آنگنس ژھالہِ پوٗنشہٕ۔ زن ستہٕ زاو ووٚژھ نیٚتھِ یارِ منزٕ یلہٕ گرٕھتھ گوڈنچہِ لٹہِ آنگنس پھیران اوس۔ بہٕ اوٚسُس بیٚیہِ گامہٕ پیٹھٕ أکِس دوستس ہٕتۍ اور آمُت۔ دوس گو پنہٕ نِس أکِس أشناوس سمکھنہٕ تہٕ بہٕ اوٚسُس پنہٕ نِس آنگنس ژھوہ ماران۔ مےٚ سوٗنٛچ ژِیرِی ہٕتھ کتھ چھُم پان کھہر نہٕ کھارُن۔ اورِ یور پھیرِتھ گوس مندرس پیٹھ یُس نکھے اوس۔ شنکر بھگوان سنز مورتی تزٕأوم یِٔژ کاٗلی پاںٛ گھاگرا۔ سہٕ زن، اوٚسم ونان ییٚلہ بیٚیتہٕ روزان اوسکھ تیٚلہِ زن آسے یور کُن پچہٕ۔ یُٔ تاہ پوٗنۍ اوسُتھ نہٕ تمن 40 ہَن وٕری یَن تزٕ وومُت ییٚلہِ بیٚیتہٕ بسان اوسکھ۔ بہٕ گوس رس کیٚسرِ۔ پرٛ نام کوٚرمس گلۍ زٕ گنڈِتھ تہٕ ہرژٕ انس نیرٕ ن۔ مندر آنگنہٕ کہِ گیٹہٕ پیٹھٕ پھیوٗرس واپس۔ سوٗنٛچم تمہِ ناگک تزٕیشہِ گوٚل چمہٕ ہاییمہٕ ہٕتۍ تمن ایامن روٗحس طراوتھ أس پھیران تہٕ وأنٛجہِ أس شیٚہلتھ پٮ۪وان۔ از وُچھم تتھ تہٕ لُہا آمژ تہٕ کانٛہ وُمُت۔ شِلہٕ تہٕ ہلہٕ اوٚسُس اوش کوٚرمُت۔

واپس ووتس بیٚیہٕ پنہٕ نِس آنگنس منز۔ سہٕ بجلی کوٹ اوس سونگو پان زنتہٕ میأنِس ینس پیٹھ اسان۔ سہٕ اوس مےٚ تمہِ شیٚشترٕ تارِ ہُند آکھ ہاوان یوسہٕ اسہٕ اکہِ طرفہٕ بڑ انڈٕ چہ اکہِ کرٕ ہٕتۍ گنٛڈِتھ أس تھأوٕمژ تہٕ دوٕیمہِ انڈٕ أس اتھ کوٚٹس ہٕتۍ وٕجمژ تہٕ أسۍ پلو ہوکھناوان۔ بہٕ گوس اتھ نکھہٕ۔ یہٕ زن نمو وبون تہٕ ہیٚژان مےٚ ہٕتۍ نالہٕ موٗت کرُن۔ مےٚ کھیٚے ووٗٹھ ہش تہٕ ژوٗلُس قدم تارٕ پتھ۔ مےٚ باسٮ۪و مےٚ پیٹھ مایہٕ لاینہٕ۔ تس زن آیہٕ زیوٚ تہٕ لوگُن ونُن، ''مہٕ کھوژ۔ اسہٕ چھِ 22 وٕہری یکوٹہٕ ہٕتھ آنگنس

منز گنڈ اَرِ ہتی ۔ ژٕ اوسکھ ان کتھ مےٚ اَنٛدی اَنٛدی گندان دروکان، از گویاہ مُشتھ ۔
بیٚلہِ بی۔اے (فاینل) ہُک رِزلٹ اوسے ژٕ دریا کھ نہٕ ڈبہٕ پٹھ رِزلٹ بوزنہٕ ۔
ریڈیو تھاوِیا تھ ہیٚر زورٕ تہٕ پانہٕ بچھا کھ مےٚ نِش وِوتھا بیٹھی کرنہِ ۔ پنُن امتحانی رولنمبر
اوُستھ میاٰنس سینس کِلہٕ ستی کھٔنِتھ تھوٚومُت ۔ دِ نظر وُنہٕ چھُ موٗجوٗد ۔ پاس گژھِتھ
تھاوِتھ پگاہ نمبر تہٕ لیکھتھ ۔ مےٚ گرتھ ماہ تہٕ میٹھی آکھی ۔ تمہِ دوہہ بیٚلہِ بہٕ چون ہمدرد اوُسس
از کیاہ زِ تژہریوٚ کھ نالہِ مِتس ۔" مےٚ پیوٚ سوُرے یاد ۔ سوٗنچان چھُس یہ کُس قرنہٕ پھیُر گو
زِ آدم روٗد آدم خوٗنس زاگان ۔ بیٚلہِ زن باقی حیوانات، نباتات، جمادات حتا کہ یہِ
بجلی کوٗٹ تہِ چھُ اِنساٰنی ہمدردی ہُند علمبردار ۔ کیٚنہہ پیوم نہٕ پلہِ تہٕ دبماغس اوسم
عجیب قسمک وُ ترِبٹیل یوان ۔ سوٗنچان چھُس ونس چون آکھ چھُ پزٕی پاٰٹھی از تہِ لبنہٕ
یوان ۔ مگر مےٚ یم آکھ یمن وٕری ین ییٚمہِ آنگنہٕ منزٕ ژےٚ نِش دوٗررروٗ زِتھ لگی بہٕ کتھٕ
پاٰٹھی ہاوے تہٕ ژٕ کتھٕ پاٰٹھی وُچھکھ ۔ ہرگاہ وُچھتھ تہِ ہلکھ خبر واٗراگ یتھ ما
ژھٹکھ باکہٕ ۔ یمن وٕری ین گو میانہِ باپتھ اکھ اکھ دوہ اکھ اکھ کوہ ۔ دپان چھُنہٕ نوٗنہٕ
پھوٚل تہٕ کنہِ پھوٚل گٔیاوٕری یاوس، گنہِ پھٔلی ونیاس گوٗلس ہا، نوٗنہٕ پھٔلی ووٗنس یُیے
گوٚل تہٕ سِے ۔ سوے باش گیہ میانہِ حقہٕ تہِ ۔

مےٚ دِژ بجلی کوٗٹس گن نظراتہ وُچھم پنُن رولنمبر وُنہِ تہِ کھٔنِتھ لیکھتھ ۔ مےٚ
وۄتھ ددرلیہِ اوٗش ۔ روٗمال چنڈ منزٕ کڈِتھ لوگُس اوٗش وۄتھراونہِ ۔ سوٗنچان اوُسس یور
یتھ کوٚرما جان کِنہٕ ناحقے آس ۔ ووٗنی اَسہِ گاٗمتی برابر 26 وٕری ییٚتہِ دژاہِمتس، مےٚ
کٔمی سوزِیا وناد یوریٖنگ، کِنہٕ یمٔ بجلی کوٗٹ دِژِم کرنٹ ۔ عجیب قِسمک خیال یتھ
گوس غوطن ۔ مےٚ پییہِ لوکچارُک تم دوہ یاد بیٚلہِ بہٕ نیٚشہِ بود اوُسس تہٕ بےٚ فِکری
ہٕندِس عالمس منزٕ روٗزِتھ اتھ کوٗٹس اَنٛدی اَنٛدی باقین شُربن ستی آرو مارُو کران
اوُسس ۔ تام دیُت مےٚ تتھ گنہِ پلس پٹھ تھکھ یُس اتھ بجلی کوٗٹس خبر کر پٹھ ڈکھ

اوس۔

یِیلہِ یہِ بجلی کوٹ سائنس آنگنس منز تمہِ دوہہ اِستادٕ کریا کھ میٲنی مالی چاوے یہِ تم موٗ زوٗرٕ قہوٕ۔ یہِ اوس دِٕ دار اگو وٗرأے۔ تمیٚ لاگنوو یہِ ژأرِتھ تہٕ بجلی والبن ونان سانہِ آنگنٕکی شُرِ چھِ سپٕشل خبریم ما گرٕشھن اتھ ہٕرکرِتھ کھٔسِتھ۔ اسہِ شُربن تہِ اُس اتھ ہتی سخ ماے گمژ۔ یہِ زن اوس نہٕ بجلی کوٹ ٹلٕی کہِ اسہِ شُربن ہُنٛد ہتی بوج۔ بٕڈتھ اگر کانٛہہ یار دوس سانہِ آنگنہٕ کس شُرِس میلنہٕ ییہِ تہٕ ہرگاہ سُہ سمکھے ہَس نہٕ، تیٚلہِ اوس سُہ یار اتھ کوٹِس کاغذ تلمہٕ پیٹھ لیکھِتھ پٕنٕ شٕیچھ الونٛد تھاوان۔ آنگنس منز اژوٗنی اُس گوڈٕ سأنی نظراُتھی کُن پیوان۔ میٲنی نأنی اُس امہِ بجلی کوٹچہِ ژھایہِ کرِ ہٕنز کام تہِ ہیوان۔ اُسی شُرِ اُس اتھ پیٹھ حأران گژھان۔ یہِ بجلی کوٹ اوس سانہِ باپتھ اکھ اژھبن انگ بنیوٗمُت۔ از یِیلہِ یہٕ اتھ نِش غأریرأ دی طور ووٗتُس مےٚ لوٗگ سأری ہے یادٕ ؤترِس ژٔکی پھٹِؤ ر۔ یہٕ اوٗسُس زاہ شُرہٕ سٕندی پأٹھی گراہ پانٕسے ہتی اَسان تہٕ گراہ ودان۔ اُتھی کوٹِس کُن وُچھِتھ باسیو وےٚ زنتہٕ چھُ کٔشیرِ منز میوٗن سورُے سرمایہِ رٔژھرِتھ تہٕ محفوٗظ۔ از اوس یہِ بجلی کوٗٹ مےٚ دُنی یاہچہِ بے ثبأتی ہُنٛد کُن تہٕ کیوٗل شاہد باسان۔ یہٕ ماروٗز ہا خبرٕ کِتِس کالس اتھ گرداپس منز تام آومیوٗن یار، یُس کستام اُشناوس سمکھنہِ اوس گوٗمُت تہٕ ہکہٕ دِژِن مےٚ ہٕنن۔ یہٕ زن اوٗسُس تتھ کنہِ پلس پیٹھ وٕٹِس گوٗمُت۔



# مشرپھ

فونس گیہِ رِنگ۔ مےٚ دبووبٹُن تہٕ لوٚگُس ہیلو ہیلو کرنہِ۔ یہِ اوس مئیون یار فون کران۔ سبٹھاہ خوش باسیوٚم۔ رٕژر پاٹھ گرِتھ ژُھننٕ ہمہِ یِیمہِ بدلہٕ بڈگژاوا گرِتھ تہٕ وۄنُن ''کیاہ سا از اوسُم وہرِوود، مُبارک تہِ پھۄرُے نہٕ۔ کِنہٕ ژےٚ تہٕ چھُتھس گال کھالس تژ وومُت۔ سہلے چھُ ؤری یَس چھِ 365 دوہ۔ کُنہِ ساتہٕ تارے فِکری۔'' یوٗرک بوزنہِ برٛونٹھے ژوٚتُن فون۔

تمیٚ ژوٚٹ فون شوٗٹھس ڈجہِ اناسیرٕ۔ حالانکہِ مےٚ اوس لبہِ ہٕنڈِس کلنڈرس پیٹھ نوٹ تھوٚومُت گرِتھ۔ تمیٚ سُنٛد وُنُن اوس پوٚز۔ مےٚ زن چھُ بڑٲری ژھوٚٹ کھومُت۔ مےٚ چھُ مشرپھ لاریومُت۔ یِمہٕ کتھہٕ بہٕ مُشراونہِ چھس یژھان تمہٕ چھم ہمیشہِ یاد پِوان تہٕ یِمہٕ یاد گژھم روزنہِ تم چھُم اکثر مشان۔ گرِکی تہٕ پرِکی چھِم دپان بانٛز ڈانگر چھکھ لاگان۔ بہٕ چھس امہِ ستیٚ نہٕ تہٕ کھیٚنہِ آمُت۔ فِکرِ چھُم نہٕ تران زِ کتھہٕ پاٹھی موکلہِ امہِ تپالہِ نِشہٕ۔ سخ پسرٕ چھس آمُت۔ یارن خاٲر خاہن، انگن اشناون ستیٚ تہِ کژ یام اشورٕ مشورٕ۔ اکھ ونان، اکھ کتھ بیاکھ ونان بیاکھ۔ اڈی دپان سوکھن چھس ڈِس گاٹہٕ تیٚ۔ پٕنٛز شُری باٗژ چھس بجاہ ووٗنی چھُ اسہِ پِش کھاران۔ اڈی دپان بُڈتھ چھُ

بڑِتھومُت۔ بانہٕ ہتس دِزِ ژھانہٕ ہتھ، مگر اُسہٕ ہتس کیاہ زن گرِ ی زِ۔ زانم پیُن گُن پان شوٗژھس کیاہ چھُ امہِ مشرپھ ستیٚ دوہ دِش گُذران۔ نمنمتھ ژھل گرِتھ تہٕ چھُس تِژھے۔ گاہے چھُم تیُتھ جیرٕ یوان دِپان چھُس کولہِ پھاٹہٕ ناوٕ پان۔ پتہٕ چھُس سوٗنچان زوٗ وِ ہنٛدِ داٗدِ ماواتہٕ زٕٹ کڈٕنی نالہٕ۔ اوٗترِ پرٛژھام ڈاکٹرس تہٕ۔ تٔمۍ ترٛوو اسناتہٕ ووٚنُن، "بجرس منز چھُ گاہ بیٚگاہ گژھان۔ پریشان گژھنُک چھُنہٕ ضرٗورتھ۔" مےٚ ییٚلہِ تٔمن کھُربن ہٕنز نبمتھ دِژٕس یِم امہِ مشرپھ ستیٚ مےٚ کالہٕ پگاہ اگادِ گژھان چھِ، سُہ ووٚتھ ڈاکٹری آیہِ بڈٕتھ تہٕ بولتھ، "گرس منز لگہِ نہٕ خامخاہ کتھ زٕٹھراوٕنی۔ ہنا گژھِ لوٚب روزُن۔ گرٕکس لوہ لنگرس گژھِ یوٚت پلہِ تیٚوٚت کم سٕنُن۔ چلیٚ تہٕ زیادٕ وقتس علاحدٕ کمرس منز بہتھ اُتی دے ناوٕ ہَن سوٕرنی۔ اخبار یا کتاب پرٕنی۔ TV وُچھُن یا ریڈیو بوزُن۔ صُبحن شامن چکرٕ ہناتہٕ کرٕنی۔ سأری داٗدی روزن کرٕ۔ گرٕکین کھشرٕ پاٗ جامن کِہے پہن زنگ ترٛاوٕنی۔ صحت روزی ٹھیک بیٚیہِ بڈی یاداش۔" نسخس اوٚسُن ترٛس ترٛس تہِ دیٚتمُت سُہ حوالہٕ گرِتھ کوٚرُم روٗخصتھ۔ روٗخصتھ کیاہ ڈٕ یو فیس ہَن عنبنگلاوٕنی ڈاکرٕ وٕراٗے۔ بہٕ دژاس کلنکہٕ منز ڈٕہ لد لگر ہیٚوٚ۔ نیران نیران چھُس سوٗنچان بیٚیہِ سُند دود گو پانہِ کھوتہٕ شِہُل۔ ووٕنی ڈاکٹرن تہٕ گُس راہ کھالو ہتہٕ بڈی قسمکی بیمار چھِکھ وُچھنۍ پیوان۔ ووٕنی کوتاہ بیٚوٚن بیٚوٚن مشورٕ تھاون لوٗکن آیہٕ تن۔ کانٛہہ کانٛہہ کتھ چھکھ اتھس وُچھمن والین ہنٛدی پاٗٹھی دوہراوٕنی پیوان۔ اُتھی ستیٚ پیوٚ مےٚ یادراتُک واقعہٕ ییٚلہِ میاٗنی یارن دیوی بلہِ نبرٕ کنہِ اُکس اتھِ وُچھن واٗلس اتھِ ہاویاو۔ تٔمۍ دِتیٚیہِ میاٗنس یارس ہیرٕ بوٚن نظراہ۔ زن اوٚسُس خبر گُس ارٕژ کال یُس میاٗنس یارس ناوِ والہِ ہے۔ اِدِ سامیوٚن یار گو اکھ شداد یُس ہاپچھن چھُ دود والان بیٚہ اتھ وُچھن وول کس کھیت کی مولی۔ اُمۍ اتھِ وُچھن واٗلی ووٚن میاٗنس یارس "گرہ خلش ہے۔"

میوٚن یار ووٚتھُس "ژےٚ نِش کیاز آس۔ اتھ ون ووپاے۔"

مےٚ زون کتھ زیٹھیہِ۔ بازرٕ پھِٹ واریاہ کامہِ گرنہٕ۔ بسم اللہ ہَس پٔتھ لوٚگ میٚون یار ہوگاڈن اُچھ ژھارنہٕ۔ مےٚ سوٗنچ ونہٕ نا بہٕ تہٕ اتھ وُچھن وأٹس پننہٕ مشرٕ پھِچ دلیل۔ بستن منز چھِ سر۔ دِتُن زن کانُہہ جان مشورا۔ دوٗ بہٕ تہٕ لمہِ مُشکِل نِش آزاد گژھ ہا۔ ای کجہِ مےٚ کانچہ۔ اکھ چھُم پأنس گیٚوٚر یوان ہیٚیہٕ چھُم گرِ تہٕ پرِ ستم یوان۔ میٚون یار اوس أمِس ستیٚ کتھن تتھ پأٹھی میٹھیٚوٚمُت زن اُسی یار زٕ یٔژ کأنٛی سمکھے اِتیٚ۔ اتھ وُچھن وأٹی اوس اکھ سِگریٹ پأنس کیٚیت زولمُت تہٕ بیٚاکھ میٲنس یارس دیتُمُت۔ یمو اوس دٕہی آٹاس تلُمُت زن اوسکھ أدرِس پنس نار دیتُمُت۔ اتھ ہاونہٕ کُس معاملس پٔتھ اوسُس بہٕ ووتلان تہٕ بوڈان۔ مےٚ چھُ یمن پٔتھ کہِ پھن بھروسہٕ۔ خأر یہہ جگرٕ گرِتھ ووٗنُم اِشارٕ ستیٚ پننس یارس۔ تمیٚ ژیٚوٚن میٚون مطلب تہٕ ووٗنُن اتھ وُچھن وأٹس یُس ووٗنی سِگریٹ چیتھ اوس موکلیٚوٚمُت۔ میٚون دٕچھن اتھ پننس دٕچھنِس اتھس منز رٔٹتھ لوٗگُن امہِ چین رٔکھن تتھ پأٹھی سعُن زن اوس پائے تھا گورس رایٹ ٹرینگلہٕ (Right angled triangle) کُس وجۂ دس ژھاران۔ میٲنہِ اتھچ أدرٕ کھل وُچھِتھ گوسُہ ترٕبن تہٕ ترٕواہن۔ رٔکھٕ تارٕ آسہٕ ہَن یمن پٔتھ سُہ پٔنُن علم خرچاوِ ہے تہٕ مےٚ کرِ ہے مُطمین۔ اِد سا میٚون اتھ چھُ زنتہٕ گلوب یتھ پٔتھ طول بلد، عرض بُلد، خطہ استوا، خطہ سرطان تہٕ خطہ جدی بیترِ بیترِ سأری خط یکوٹہٕ سِمِتھ چھِ آمتیٚ۔ ڈبکس ژٔنڈا دِتھ ووٗنُن میٲنس یارس کُن، یُس أندری کِنی خبر کوٚت اوس ووتمُت "یہِ رِتھ پأٹھی دم دم کڈان۔ اتھچو رِکھو تلہٕ گوٚ ژھ یہِ کرتام یتھ دُنیاہس لتھ دِتھ گوٚمُت آسُن۔ سأنس خاندانس گیہِ ستھ پیرِ یہےٚ کارکران۔ پأنس گیم پنژاہ وٕری۔ مگر یتھ اتھا چھُم نہٕ زانٛہہ وُچھمُت۔ یار ہاوُن جان پھن ژمہِ ہٕندِس ڈاکٹرس مزید ژیر کرنہٕ ورأے۔ میٚون علم چھُ اتبتھ بےٚ کار۔" سُہ یتھ پٔتھ ۂتھ اوس یکدم گوتھوٚ دٕ ژھِتھ، وِگوی شُکھر ووٗتُن تہٕ دڑاو تیز تیز قدم تُلتھ۔ بہٕ تہٕ میٚون یار اُس لس توٚ تام وُچھان یوٚ تام سُہ نظرِ ڈوٗل۔

مےٚ اُس وأنٛج رتھ چھوان اگرے پلہم أمس تھاوِ ہالرِ پھٹراُوِتھ۔ مگر تہٕ اوس شال ژٕلِتھ بٹھبن لورِ۔ أندرِ اوُسس نار ژاپان۔ تام وۄن مےٚ یارن ''چھُ نا صلاح یپأری گرِھو skin specialist نِش۔ وُنی کیٚن چھِ آمتی ژٕ تہٕ گرِھکھ آزاد۔'' یہٕ اوُسس کتھٕ أچھوکرِی کرِی صرف تس کُن وُچھان۔ سوٗنچان اوُسس کتہِ مشرٕپھچ بمأرِی تہٕ کتہِ skin specialist۔ اتھ تہٕ تتھ کُس سناواٹھ۔ گوڈٕ گرِھن مےٚ اتھ چہِ رکھٕ ٹھیک گرِھنہِ تہٕ اِدٕ دِیہِ اتھس وُچھن وول میانبن قسمت کیٚن سِتارن کھلہٕ ڈٕلہٕ پأٹھی نظر تہٕ اتھِ سپدِ میأنس دأدِس سپہٕ یلاج۔ ووٗنی گواکھا گوٗمت ییر تہٕ وِرٕ منگان ٹنگ۔

یہٕ اوُسس کُنہِ پأٹھی ییٚمہِ مشرپھ بیمارِ نِش آزاد گرِھن یژھان۔ یارن ٹلنس سکوٗٹرس پیٹھ تہٕ واتنووُنس Skin specialist سِندِس کلنکس پیٹھ۔ تتہِ اُس لأن سبٹھاہ زیٹھ زن اُس لوٗکھ چینبدٕ خطا دنہٕ آمتی۔ واتہٕ وُنے ژاو میوٗن یارلوٗکن منٛزی منٛزِ تہٕ کوٗرن معلوٗم گرِھم نمبر چھُ چلان۔ مگر یہٕ اوُسس نہٕ منہٕ کنٛی أمس ڈاکٹرس سمکھُن یژھان۔ مےٚ زن اُس اتھِ وُچھن وألی سٕنٛز کتھ دبماغس منٛز پھٹیان۔ مگر یارسُند دِل تہٕ اوُسس نہٕ پھٹراوُن یژھان۔

نمبر ووت تہٕ یہٕ تہٕ میوٗن یار ژأیہِ ڈاکٹرس نِش۔ کمرٕ اوس سبٹھاہ شاندار۔ ٹیبلس پیٹھ اُسی قسمہٕ قسمکی Medical show piece سجأوِتھ یِم شاید Representative تہٕ دوا کمپنی والیو ڈألی رٕنگی سوٗزی متی اُس۔

یہٕ گیاس غوطن مگر سِتی پھیوٗرس واپس ییلہِ میأنی یارن مےٚ زیرٕ دِژ۔ ڈاکٹرن ہووُم اِشارٕ بیڈس پیٹھ کھسنک تہٕ لوگنم سیتھس کوپہٕ ستی دِلچ دُبراے ژینہٕ۔ مےٚ دوٗپ ونس کتھ دِلس چھُکھ دُبراے ژھاران اچھ دُبراے چھنہٕ مےٚ محسوٗس گرِھان تہٕ ژےٚ کیاہ پلہٕ پییی۔ یارٕ سِندِ ہیمہٕ کھیٚیم کتھے۔ امہِ پتہٕ دِژن لوکٹٕ ڈوکرٕ ستی

کوٹھی آنچن تہٕ گوڈن تہٕ ٹھس ٹھس۔ بہٕ گوس سبٹھاہ حأران۔ سوٗنچم مے ماچھےٚ شرانہٕ گربو ہارِ وچمژ۔ تہٕ بہٕ چھُس سوندر ہندِ شاندے۔ سأری ہے پانس معاینہٕ گرتھ بیٖوٹھ ڈاکٹر صاأب کُرسی پیٹھ تہٕ بہٕ ووتھُس بیڈٕ پیٹھ یون تہٕ بیٖوٹھُس تس برٛونہہ کنہٕ بیٚیس کُرسی پیٹھ۔ تمۍ لوگ میأنس یارس کُن وُنن "بانبرٕ چھنہٕ کانہہ کتھ مگر سہل انگأری تہٕ پزٕ نہٕ ورتاوُنۍ۔ سُہ دود چھنہٕ یتھ نہٕ یلاج سپد بشرطیکہٕ بیمارِ co-operate کرِ۔ دوا تھوٚ و مے ریتس سُمب لیکھتھ۔ ربتھٕ پتہٕ گژھ ہِ بیٚیہٕ سمکھُن۔ نمبرٕ کنہٕ ونہٕ دوا فروش مزید تفصیلات۔" نمبر نیرِتھ کھٔتی دوا فروش ہندِس وأنس پیٹھ۔ یارن پلہٕ نوٗوس نسخہٕ۔ دوا فروشن ژھُنۍ زیوٚ دندس تل تہٕ ووٗنن "توٚہی کوتاہ کال گواتھ دأ دِس۔"

"ربتھ شےٚ مرٕ۔" مے ووٗنُس بانبرٕ ہوٚت۔

"ہیتس کالس أسوا توٚہی ناگہٕ نیٚندِ رِ پیمژ۔" مے ہیژ اوتس جواب دیُن۔ تمۍ دیُت نہٕ مے ونہٕ نۓ کینٛہہ۔ صرف لوگُن میأنس یارس، یکطرف نیتھ، کیاہتام لوتہٕ لوتہٕ وُنن۔ بہٕ وبسر یوٚس سخ۔ میأنۍ یارن تژ کراوبس أچھ تہٕ ووٗنس "ژٕ ماچھُکھ دُلہٕ ووٗتھمُت۔ أخرونان کیاہ چھُکھ ژٕ۔ ہرگاہ أمۍ ہندِ گرٛیک بوزِہے، چوبوٗستی کھارٕ نے لاہہ" مے دِژن نرِتھف تہٕ کوٚ ڈنس نمبر۔



# اغوا

مےٚ ژٕج کھورتل میٚژ نیٚرتھ ییٚلہِ مےٚ بۆزسو چھکھ اغوا گرٕمژٕ۔ حالانکہِ ازکل چھَ پژٕھے خبرٕ کالہٕ پگاہ بوزان۔ خوش قسمت وأٹس چھَ زِندٕ ے لبان ہرگاہ بدطالع اوٗسس تیٚلہِ چھُس لاشہِ تہِ زافے۔ مےٚ رووقرار تہٕ بہٕ گوس ہے بنگہٕ یہِ اغوا قصہٕ بۆزِتھ۔ سونچانٛ چھُس تس کُس تقصیٖر آسکھ کھورمُت۔ زورٕ اوس نہٕ شاہ تہِ بنان تژاوُن۔ دماڈِتھ سۆنچُم خبر یہِ ماتژ ووٗکھ سُرٕ ٹاس۔ یاں ماوژن کانٛسہِ ندرا تہٕ حالس پھہلاون افواہ یہِ زانُنہٕ باپتھ وُچھو کیٛاہ ردِعمل نیٖرِ لۆکن ہُنٛد۔ لۆکو تہِ لاجے یہِ بۆزِتھ سۆسرِ گۆسرِ کرنہِ۔ بہٕ دژاس کھۆژی کھۆژی گرِنبر۔ سونچام سڑکہِ تام دِمہٕ نظرا ممکِن چھُ کانٛہہ ہرترمانیٖرِ۔ یاں کانٛہہ ماونہِ یہِ ہسا اوس شوشہٕ۔

ازکل چھےٚ ناسِیاست دان گوڈٕ گوڈٕ چھچھِن اتھِ شوشہٕ تژ اوان یہِ زانُنہٕ باپتھ زِ لۆکن ہُنٛد ردِعمل کیٛاہ روزِ۔ شُد زِشُد کارے شُد، پتہٕ چھِ اِدٕ باقی حربہٕ آزماوان۔ مگر مےٚ اوس نہٕ فِکرِ تران سو اغوا گرتہٕ کُمِ۔ تِکیٛازِ یا چھُنہٕ بڈٕبن موہنوبن کانٛہہ تھوٚس أنِہ مژٕ، نتہٕ ماچھن کانٛسہِ غریبس غُرباتس اتھِ روٗٹ کرنأوِتھ پنُن پان أچھن پٹھ کھورمُت۔ بلاین چھاساأہینگ۔ زمانن کھیٚیہٕ چۆنکھ۔ از چھا بنان پۆز وُنن۔ ازگو

ژھوپہ چھےٚ روپہ ہٕنز۔ وُچھتھ اوٚن تہٕ بوٚزِتھ زوٚرلاگُن سبٹھاہ جان۔ وُنی کیٚمن اوس زنتہٕ مےٚ تمی ہٕنز سارٕی کارکردگی دیڈ مان۔ نبرٕ تہٕ گونہٕ امہِ اغوا کأری ہُند اِفشاہ۔ سارٕی اُس ہے بنگہٕ گأمتۍ۔ اُچھوتہٕ کھوربو اُس اُکس اکھ پرٕژھان وُٹھن زن اُسکھ ٹیب لَجمرٕ۔ سارِنے اُس پننہِ پننہِ جانِ عزیزچ فِکر۔ امہِ اغوا کأری ہٕنز شیچھ اُس درٕس مُلکس پھہلأمرٕ تہٕ سارٕی اُسی دم پھٕٹِ گٕژھتھ وچھ ژیٹان۔ زیوٕ زنتہٕ اُسکھ ہری گوگرِ پیٹھ موٚلے کڈِتھ نیمرٕ۔ عجیب وولہرٕش اُس وٕژھمرٕ۔

تام آو اکھ مردِ آدم نفراتہٕ تمِس اُندی اُندی گو وُچھان وُچھان لُکہٕ ارساتھاہ جمع۔ بہ تہِ گوس لوٚکن ہندِس آرٕ کوٚنڈلس منز کھڑا۔ سُہ نفر اوس بارعب تہٕ یکدم ووٚنُن سارِنے کُن بتھ پھرِتھ "مےٚ کتھ آیو النہٕ تہٕ ولنہٕ۔ گرن پننہٕ نبن گرٕھوتہٕ بےٚ ببن ہیٚو مُشکھ۔ اُتی ترو فِکرِ اُسی چھِ سارٕی اغوا کار۔ اغوا کأری ہٕنز کأم چھ اسہِ سارِوے ہلہٕ شٕرٕی کرِتھ انجام دِژمرٕ۔ امیر وامیری پأٹھی تہٕ غریبو غریبی پأٹھی۔ اُسی چھِ بے منٕد چھ۔ اسہِ چھُ خودغرضی تہٕ لالچن اُچھن انٕیوٚ ژھُنمت۔ یہٕ تہِ چھُ پانو پانو گوٚمُت۔" سارٕی لوٚکھ اُس شرٕ وکنبن اُژِتھ یکٕہ اُچھ گرٕی گرٕی اکھ اُکس کُن وُچھان۔ مگر اُس مُزراونک اوس نہٕ کانٛہہ دس کران۔ بہ اوٚسُس سوٚنچان خبر مےٚ تہِ ما آسہِ بوٚزمُت تہٕ مٔشِتھ ماگوم وونی کتھ چھُم کأنسہِ پرٕژھتھ پانس ٹاوتلناوُن۔ پانا کھیٚیہ سأ کتھ تہٕ دِسأ گوٚش فِلحال۔

تام پیو زیوٚٹھ مستا گرِتھ اکھ ملنگاہ اوٚت وأتتھ۔ سارِنے گیہِ کھل ئلوٗ تہٕ لوٚکھ ہٕتیٚگی پتھ پتھ کھسٕنی۔ مےٚ گو وہمہٕ سوٚنچُم پانا بلایہ منزٕ نہٕ گرٕھ اژُن تہٕ نہٕ نیرُن۔ وونی چھس ژامُت نیرنہٕ ستی ماواتم زُوس خطرٕ۔ لہٰذا اپٕشر پان دَلیس۔ تام ژاویہِ ملنگ پتھرِس ٹاس ٹاس دِوان لوٚکن منزمنز تہٕ ووت تمِس مردآدمس نِش۔ تس ستی کوٚرُن دٕسی پوٚسی تہٕ ڈٕسہٕ ستی دِتی پتھرِس ٹاس پأنٛژ شےٚ تہٕ۔ خبر کتہِ پیٹھ اوس دوان دوان

آمُت۔ شاْنْش ٲسس کھٕڑٕ مٕژ۔ دم سنبھالتھ لوٗگُن وُنُن "لۄکو میٲنٛس وَنٛس تھاٲوِو
کن۔ یِیتہٕ ہبا چھےٚ سو اغواسپز مٕژ۔ اغواکارتہِ چھِ ٲسی۔ ہرگاہ پاٮ۪س وُنہِ تہٕ پہموٗ نہٕ
تیٚلہِ گژھہِ یِیتہٕ قیامژ کھوتہٕ بدتر۔ اسہِ ساٮ۪رِنٕے روزِنہٕ گُنہِ رُمہٕ راتھ۔ پاسہِ خودابۆزی تو
میوٗن۔ ہنا پہمہٕ ہاو ٲسی پاٮ۪س۔ ٲسی سنہٕ ہاو اسہِ کھٕنٛزِ شُرنہِ چیٚیہِ ژٕلیش تہٕ سوگر اسہِ
اغوا۔" کٔمی تام وۄن پنٛنہٕ کنٛز لوتی "یہِ ہسا چھُ مغزو ڈۄلمُت۔ کاٲنٛسہِ ڈاکٹرس
ہاوِیٚون۔" تٔمی ملنگن ییلہِ یہِ بۆزپنہِ چینہٕ ستی دِتنہٕ پننس ڈبکس ٹاس تارٕ۔ مردِ آدم
پۄک برونٛہہ تہٕ نینٛس چینٛز اتھِ منٛزٕ۔ سارِنٕے پلون دِژٕنٛس دِنن۔ کٔمی تام ٲس ژٕلیشہِ
بوتل پلنا وٕمژ۔ ژٕلیش چوان چوان وۄنُن عارٕ ہژرو چشمو تھۄد وٕتھِتھ لۄکن گُن "یہٕ
چھُس نہٕ ڈۄلمُت تہٕ مغزتہِ چھُمنہٕ ڈٕلیمتہِ۔ صرِف چھُم افسوس اتھ اغواکاٲری پیٹھ۔
اسہِ لاٲے پننین زنٛگن پانے مکژ۔ یِنہٕ واجنہِ پیٚیہِ ہُنٛد چھُم واٲلنٛجہِ زبتہٕ۔ سۄنٛچان چھُس
اسہِ کٔڈی گاربو کنڈبو پنٛنہٕ دوہ، مگر تمن کیاہ بنہِ۔ تمی چھُس وولیٚومُت تہٕ توہہِ چھُس
باسان فاٮ۪ترگومُت۔" یہِ وَنان وَنان آو پتھر وُرکاوُنہٕ۔ اتہِ وۄتھ ہۄل بارو۔ ژٕلیش
ہمٕژ اٮ۪س ژٕ اوِنی، تس آسہِ ٲسس پٕژ لاچہِ کھٕڑٕمٕژ۔ "اِنسانیت گٔرِکھ اغوا۔" یہِ وَنان
وَنان دِتُن امانتھ۔



# بھوک ہرتال

''ہیلوٗ ہیلوٗ بہٕ چھُس بوبہٕ لال۔ اِو، اِو......بلکل ٹھیک پأٹھی...... نِکہٕ تہٕ چھُ وارے۔ صِرف چھُ ووتھوٗن تہٕ بیہوٗن داداجی ونان آسان۔ مےٚ چھُ سخ پھیران، مےٚ کیازِ گر لالہٕ صأبنِس پاسپورٹس سہل اِنگأری۔ کوٚڈ مُتےٚ آسہِ ہے مَس، یہِ نِکہٕ ماکرِہے ووٚنی پتو پتو لالہٕ صأبنہِ موکھ۔ ووٚنی کروشامن انٹرنیٹہٕ کہِ ذریعہِ Skype س پیٹھ وارِ کتھ باتھ۔ نمسکار!''

یہٕ اوس لالہٕ صأبُن کأنسہٕ کوٚٹ امریکہ پیٹھہٕ زِٹھس بأیِس فون کران، یُس شُرِ بأژ، حتاکہ راتچ مہریٚنی روزی، ہتھ لالہٕ صأبَس زارِ پارأسی کران۔ تِمن اُس زیوٚ پھیُجمِژ......مگر لالہٕ صأبَس اوس نہٕ الگزارتہِ گژھان۔ لالہٕ صأب اوس اززیادے وُٹھنہٕ آمُت، ژِ کتھِ اوس نہٕ مانان۔ دوہ تارِ أسِس أسس تژلیش لدنس گأمتِ۔ کم کم ژھل گرِہس مگر سُہ نہٕ ژِ کتھِ تہِ مانان۔ سأری اُس حالہِ حأران تہٕ پریشان۔ بأے راج، لالہٕ صأبُن زیٹھ نیچو، اوس پانسے ستی سونچان پزی چھِ اُڈی بڈٕ میٹھان تہٕ اُڈی ٹیٹھان۔ لالہٕ صأب چھُ دوہہٕ پتہٕ دوہ ٹیٹھأنے۔ زانہِ دَے کیازِ؟ بأے راجنہِ گرِ واجنہِ اوٗشہٕ اُس تالہِ گُل دِتھ ودان۔ ژٕ نوشہِ تھی أسس رب لدنہٕ آمژ۔ سونچان اُس

شوٗٹھ لٔج تاوٗنس۔ فِکر چھُم نہٕ تران زِمےٚ کُم پاپھ چھِ کرٕ ی مٕتی۔ ہُمہٕ گیم باقی بیٚنہٕ، وأرِو بأژ چھِکھ تھوکن اتھِ داران۔ یمہٕ گیم درکا کنہٕ زٕ۔ اکھ چھےٚ بنگلورٕ اُش وُڈاوان تہٕ بیٚا کھلوٗ ءکٹ ٹِکہ واوِ ج چھےٚ امریکا ہس منز سوکھ بھوٗگان۔ بیٚتہٕ لٔج اوٗشے کلہٕ کاپہ سان۔ یہ بُڈ کچل روٗ، دشینکرن مکرٕ ہیوٗ شوٗٹھِ تال دِگنس۔ زانٔھہ ہیوٗتُم نہٕ سوکھٕ سان شاہ۔ زلنہٕ دَے کیٚاہ چھُم ازلہٕ لأنس زبنہٕ گرے لیکھتھ گوٚمُت۔ یَنہٕ یتھ گرس منز وأژِس پریشانیہِ آسہٕ زنتہٕ برٕ وٕنہہ وأژمژ۔ زٕ دوہ گیہ أمِس شخصس تژ لیش تہٕ چنبس۔ معموٗلی کتھِ پٮ۪ٹھ ہیوٗتُن توٗت گوٗل، نتہٕ کیٚاہ کتھ چھےٚ۔ ہوٗمِ وٗن سیٚوٗ دٕ ے، روزی مالیا گرس منز گرٕ ھِ نہٕ Top تہٕ Jean Pant لاگُن۔ لالہٕ صأبَس چھُنہٕ خوش لگان۔ اسہِ بأژن دون تہِ کتہٕ چھُ نتہٕ أمی سُنٛد یُتھ ڈژس پسند یِوان۔ اسہِ سوٗنچاو دپوٗ سو لالہٕ صأبُن بوٗزِتھ ناراض گرٕ ھِ نہٕ، پوشاکھ بدلاوِتہٕ قبٕلس کُن گرٕ ھن نہٕ کھوٗ ر۔ لالہٕ صأبن یِیلہٕ بوٗز زِ تُسنٛد پوٚٹ چھُکھ ناحقے وُ کھلس تژ ووٗمُت، سُہ گو نارو نار۔ أتھی پٮ۪ٹھ تژ أوِن چھوٚمبتھ۔ تمِیُک تہِ اوس سہلے مگر کھبن چبن تہِ تژ ووٗن۔ دَے رٕ چھِنٛ اگر ہیوٚر یون آسبس مےٚ کڈِ پٔنٛنی نوش أڈٕ أڈٕ، بہٕ نےٚ کأنسہِ لایق روزٕ۔ پگاہ واتہٕ ببنہٕ گأشر بمبیہٕ پٮ۪ٹھ مأجِس منناونہٕ۔ سُہ گوم بیٚاکھ ووٗنہٕ مظہر ژٕلہٕ ہا چانہٕ دادِ ژہبتھ ءستی۔ ووٗنی آسہِ نُو جواب طلبی۔ اوٗ تام أس ہشی کتھایہ گٕدراوان أسم تہٕ تہِ۔ مگر ووٗنی چھُم نوشہِ تھی وُنہٕ والان تہٕ ہُہ تہِ چھ پتہٕ وُٹھنہٕ یِوان۔ سےٚ زن لاگہِ ہے کم پایہ۔ مأجِس ءستی کرِ ہے نہٕ واد واد۔ از چھُ دٕ ہی لد گگر ہیوٗ کوٗنس أکِس منزشرٕ پتھ گرٕ ھان۔ مأجِس نِش چھُنہٕ ترٕ نس بہران۔ نِکن گرٕ نس جتنہٕ، از موٗنٛن نہٕ تُسنٛد تہٕ۔ جِن زن چھُس پژ کرِ ژ ژامُت۔ یمن گرٕ تام لِچھن روپین ہُنٛد سُکرٕ چھُس۔ ووتھوٗن تہٕ بہوٗن چھُ ونان چھُس نہٕ کأنسہِ پٮ۪ٹھ۔ دم پھُٹِ چھِن کرٕ ی مٕتی۔ فِکرِ چھُنہٕ تران کیٚاہ کرو۔ اماسنا کچنس منز کتھ ٹھُس گرٕ ھان۔ فرٕ جس تہِ گو درواز مژرُن۔ نظر ما دِمہٕ۔ ہے تلہٕ ساتھوٚد

ووتھ لابی دِنظر۔ فرٛجس گُس متیو۔

سُہ ژاو ہکہٕ، لالہٕ صأب اوس صوفس پیٛٹھ بہتھ بوتلہِ ستی ترٛیش چوان۔
''مہراٹھہرٕ و، یہٕ دِمہٕ ہووا پارِ گلاسہٕ تارِتھ یتھ نہٕ گٹھ گرٛھو۔ پتہٕ آسہِ نوٚ ونیاے۔''
بأے راجن ووٚنُس کھوٚژی کھوٚژی عارہژ دِپیٚشمو ''نیاے گوواسأ غفضی۔ زٕ دوہ وأتم
أسس ترٛیش لدٕنس، اِد توٚہہِ کیاہ۔ اگر چأنی مأج سورگہٕ وأسنی زِندٕ آسہِ ہے،
پھیٚپھرٕنی آسہٕ ہنس لگیٚ متیٚ۔ چانہِ تالہٕ زأوجہِ کوٚرنہٕ دٕرٕ تہٕ۔'' لالہٕ صأبن ووٚن خشمہٕ
ہوٚت ژکھہِ سان۔ اوٚشہٕ تہِ أس ووٚنی لابی منٛز آمٕژ۔ بأے راجن ہووتس أچھ ستی
یُتھ نہٕ کرٕتھ کڈکھ، لالہٕ صأبس چھُ زہر کھوٚتمُت، لہٰذا اگری زِ تاب۔ وٕنی کیاہ کیاہ
چھس وُنن صرِف گرٛھہِ بھوک ہرتال پھٹُن۔ باقی بوزو پگاہ پینہٕ گأشی وأتتھ، یہٕ ووٚنس
تمٕی لوتہِ لوتہِ۔ لالہٕ صأبن چھےٚ ترٛیشہِ بوتل گرٕٹھ گرٕٹھ کران۔ پتہٕ کھٔرٕس شأنش
ہش۔ دم سمبھولُن تہٕ بتھ ژُکرأوِتھ ووٚنُن نوشہِ نیٚچوس کُن، ''شوٚنگان کونہٕ چھُو۔
نبصف رأژ کتھ بیٹھی وِپلسہٕ وألی ہوی کھڑا۔ مےٚ أس صرِف ترٛیش چینٛی۔ توٚہہِ مادٕ پو
شوٚٹھس پھٹہِ یڈ ظأہرا۔''

''نہ مہراتہِ چھنہٕ کتھ'' بأے راجن ووٚن کھوٚژی کھوٚژی سبٹھاہ نرمی سان۔
اوٚشہٕ أس کوکرٕ پوٚژ ہش موژ ہمٕژ کوٚنس منٛز۔ سونٛچان أس مےٚ کتھ ونیاو برتھاہس لابی
کُن نظر دِنی۔ ووٚنی گُس طوٗفان آیوو، یہےَ اگر فرٛجس درواز مُژرنہٕ گیاو۔

تس اوس یہ سونٛچ سونٛچ خبر کیاہ گرٛھان زِپگاہ لاگِم زأم تھی لولی مار۔ خبر کتھ
کتھ سوالس آسِم جواب دیُن۔ سأرِےٚ اوس سہل مگر روزی تھی چھم وُکر نہناونہٕ
یِوان۔ مگر کرٕ کیاہ؟ گوڈٕ کتھ ہاویان شوٚٹھہ روزی ہندبن پلون کُن۔ ازکل کوسہٕ نوٚش،
کوٚرِ چھےٚ پرٛأنی پأٹھی فِراکھ شِلوار لأ۔ گتھ کلہٕ نلہٕ سأڑی وٕلتھ روزان۔ خبر گُس اوسم
بُتھ وُچھمُت۔ پیٛٹھ زن گو ہوٚمس تہِ موٚٹھن۔ سُے زن ونہٕ ہے مےٚ ژٕٹ روزی

ہِند بن پلون ہٕنز کتھ۔ تِمی ہے مےٚ ارمان تھوومُت چھُ میٲنی کانٛہہ کتھ مانِنس۔ مگر از کوٗرُن یکدم اَنکار۔ بوٗہرِ بایہِ ہِندی گن ما آسہِ ہَن زٕ یتھٕمتی۔ لالہٕ صأب ما گژھِ ہے اُدرزٕیٚ ہیٚو اگادِ۔ گُس بوزبم تہٕ گُس بوزناو۔

یِتِس کالس ژاو لالہٕ صأب پنٕنِس کمرس منٛز واپس مگر خشمہٕ ہوٚت۔ اَوٗشہٕ تہٕ وژالیہِ جل جل تہٕ ژالیہِ پنہٕ نِس بیڈروٗمس منٛز۔ بأے راج اوس صوفس پیٹھ زِپہِ کران تہٕ تام پیٚیس اَتھی ستی نیٚندٕر۔ یِتِس کالس پھوٚل گاش تہٕ بیٚنہِ گأشہِ ہٕنز بیل بجاونہٕ ستی گوٚسُہ ہُشیار یوسہٕ بمبیہِ پیٹھ پکان اَس۔

☆☆☆

# جُگاڑ

''کیاہ سا از تہٕ دزٕلیہِ ناکاٗم۔ مےٚ اُس پتاہ ژٕ پکھ از تہٕ ہوٚ کھٕے سونہٕ گوبر ہیٚو واپس کاٗم کرنےٚ۔ مگر ژٕ کتہٕ تژ اوکھ پنٕنۍ اوصوٗل، ژیٚے چھےٚ ناستن یارٕ بلن ہنز تژیش چیےٚ ہژ۔'' مول روٗدُس سبٹھاہ ٹسنہٕ بأزی سان زٕرٕ کی زُرٕ کی دِوان۔ تس اوس اکھ ربتھ گوٚمُت محکمہ مال کِس تحصیل دفترس پٹھ نیچوٚس باپتھ پُشتنی باشنٕدٕ آسنٕچ سند اِجرا کرنہٕ خأطرٕ گژھان۔ نیچوٚس اوٚسس ڈاکٹری سیٹہٕ ہنٕدِ انٹرنس ٹیسٹ خأطرٕ فارم برُن۔ دوہا دوہا اوس گژھان مگر تس اوس نہٕ کینٛہہ تہِ اند ان۔ دفتر وألی اُسی تس کالہٕ پگاہ کرنأوِتھ دوہے پریڈ کرٕناوان۔ تس اوس ئُری پٹھی گوٚمُت، مگر کرِ ہے کیاہ۔ از دزاو سُہ ہینکن میٛو لدِتھ تِمس کلأرکس ہتی ژُونہِ یُمٕ تس برابر ربتس ہیتھ گژھ کرنأوِتھ فینہٕ آسہٕ کھاجمژ۔ سبٹھاہ پریشان اوس امہِ باپتھ۔ فارم برنس اوس صرف اکھ ہفتہٕ روٗدمُت۔ پھیکھ گھنبس اوسکھ واتنومُت۔ دفترس منز اژٕوٗنی ووت تتھ ٹیبلس نِش یتہٕ نس سُہ کلأرک اوس کُرسی پٹھ بیٛہان یُمٕ سُہ أکس ربتس ترٕبچہِ ترٕبچہِ کرنومُت اوس۔ تس اوس تسُند بدخمیر بُتھ ژھایہِ ہنٕدی پأٹھی ہرساتہٕ پتہٕ آسانٕ۔ أمِس اوس یہ کلأرک دون أچھن کھران۔ دف سأنارس مادِہے نرِ۔ فایِل اُس تسی نِش۔ اوٚتتھ وأتِتھ پیو

سُہ زنتہٕ اسمانہٕ یِیلہِ نہٕ سُہ کلاٗرک تتھ کُرسی پیٹھ وُچھن۔ سوٗنچُن ظاہرا مابوٗز دیَن تہٕ تبدیلی چھس گامٕژ۔ أندری أندری اوس تہٕر کران زِ بلاے گیِہ شاید دفاتہٕ دیوٗ میاٗنی کاٗم تہٕ نیرِ۔ دفترس منٛز أس از دوہہ کہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ ہیر بارٕ۔ گرم اوس سخ۔ سُہ دژاو پوٚت کھورِ نسبر تہٕ Corridor س منٛز بیٛوٗٹھ بینچس پیٹھ عاٗرق شہلاونہٕ۔ أندری کنی اوس سوٗنچان بیا کھ کلاٗرک تہِ کیاہ کربم، کولہٕ کھوتہٕ کول سرٕ د۔ پژاٗنس کلاٗرکس أس توتہِ پتاہ زِ شوٗھس چھِ پٔتِ مہٕ ربتہٕ پیٹھٕ کوٗٹھی لاٗ چھل ہِوی گاٗمتۍ۔ گرٕھبس مادِٕ یوٗ چشمِ ترحُم۔ ئوٗس کلاٗرکس ئتی آسم ووٗنی نوٚو بولو۔ ییٛتہِ چھُم کلاٗرکہٕ سُند وپاد تہٕ گرِ گیم ماٗلی ئشٕز پیٹھی۔ کیاہ کرٕ پتہٕ چھُم کھےَ تہٕ بزٕ ونٛٹھٕ چھُم نار۔ پسرِ چھُس آمُت۔ ئُنہِ پاٗٹھی گوٚ ژھُس ییٛمہِ جنٛجالہٕ منٛز موکلُن، زن زایاس ماجہٕ نوٚو۔

أندری أندری اوس اکہِ بالہٕ وسان تہٕ بیٛیہِ بالہٕ کھسان۔ کینٛہہ اوسُس نہٕ پلہِ پیوان۔ جیرس پیٹھ اوسُس ووتمُت۔ سوٗنچان اوس ناحقے ژھُنم کھشرٕ پاٗ جامس زنگ۔ نیٛچوٗس ووٗنُم ڈاکٹری ہندی انٹرنس ٹیسٹُک فارم برُن۔ بڑٕ ونٛہہ کُن تہِ ہیکہِ ہے پُرتھ۔ ووٗنی اُسکھا ڈاکٹری ہنٛز نان اُری ہے ژٕتھ تھاوٕمژ۔ گوڈٕ ئمُ تہِ کتہِ مانیاو۔ یہٕ گوٚسس اگادِ۔ مگر مےٚ کتہِ أس پتاہ مےٚ رٹہِ کاکُن ہاوتھ۔ اما سنا ساریٛنی آسیا یِہِ سٹوفکیٹ کڈنہٕ باپتھ یٖہےَ أدرٕ کھل گژھان، کِنہٕ بہٕ چھُس طالع وول ییٛمِس پرٕتھ کامہِ وزِیسرٕ چھےٚ یوان تہٕ یاد چھِ پھولان۔ دَے چھُ زانان ازکُس شوگہٕ ئُت آسم بوزُن۔ یہِ کلاٗرک تہِ چھُ زن شیطان یوٗنڈ پیٹھٕ زامُت۔ اکھ نتہٕ بیا کھ ہیٚتھ ہیتھ چھُم ٹالان۔ مگر ازٕ ئلس نہٕ بہٕ تہِ تھچھ۔ نتہٕ اگر دفہٕ اوس گوٗمُت تیٛلہِ سوٗنچو۔ وُچھو کیاہ آسہِ از بوزُن۔ مگر سرٹیفکیٹ جل جل نہٕ میلنہٕ ئتی چھےٚ نا ئکنس فارم بھرنس ہیٚتھ لگان۔ اکہِ طرفہٕ چھُم تحصیل دفترٕ پیٹھٕ خاٗلی گرٕ واٗتتھ واٗنٛج رتھ چوان تہٕ دوٗیمہِ انٛدٕ چھُم مول ٹانہٕ ژٕڈی ژٕڈی گدی کران۔ نہٕ چھُم زمینس کھورواتان تہٕ نہٕ آسمانس اتھٕ پلان۔ واے

گیر چھُس گوٗمُت۔ فِکرِ چھُم نہٕ تران کیاہ پزِ بہٕ کرُن تہٕ کیاہ پزِ بہٕ نہٕ۔

تام آو اکھ وۄتھ پۄژھ نفرا، خوش تہٕ خوشحال پاُٹھی امہٕ دفترٕ منٛزٕ نیر تھ تہٕ بیُوٹھ بینچس پیٹھ تہٕ یمس تہٕ ژھیوٚن خیالن ہِندِس سٔترِ کانٛس پن، یتھ سہٕ اُدی پیٹھہٕ کھر اوس کاسان۔ اُمی نفرن پرٛژھُس ''ژےٚ کُس مسلہٕ چھُے؟'' یہٕ زن اوس اُتھی سوالس پرٛاران یمی لاُجس رنٛجِ داُدی کانٛگر باوِنی زِ پُشتنی باشنٛدٕ آسنٛچ سٹوفکیٹ اِجرا کرناونہٕ باپتھ کمہٕ نارِ تُی کھُتم۔ سارِنے کاغذن ہنٛزٕ دِژنس اکہٕ اکہٕ نمتھ۔ تِمس کلارکہٕ سُنٛد ناو ہیٚنہٕ بژونہہ ژاُرن تس باہ ترٛچ لکھا، تیمی تس رہتہٕ کِس رتبس اُدرِ کھل گرمژ اٗس۔ ہنٛزی بے بسی تہٕ غارزاُنی باُونس سبٹھاہ عارِ سان۔ اُمس باسیو وظاُ ہرا سوٗز دین بوٚ ڈغم خارا۔

کتھ ژاُتھ وۄنُس اُمی نفرن بڈٕ لولہٕ سان ''بہٕ تہٕ چھُس ازٕ نیچوِس باپتھ یہے سرٹیفکیٹ اِجرا کرناونہٕ آمُت۔ کلارکس فایل دِتھ دژاس نمبر مےٚ دۄپ تام شیٹھلاوٕ عارِق۔'' تام دژاو دفترٕ نمبر چیرٕ اٗسا اکھ اورٕ یورٕ نظرا دِتھ ہوٗون اُمس وٕٹھی پۄژھی نفرس اتھٕ ستی اندر اژنُک اِشارٕ۔ سہٕ نفر ژاو شی گرِتھ دفترس منٛزٕ تہٕ یہٕ رۄد ہانٛگل ہیٚو وُچھان تہٕ تس پرٛاران سونچان اوس دپٕ شوٹھس تہٕ سٹوفکیٹ جل جل کڈٕنٛچ ژھوٚمب ہاوِ۔ سہٕ اوس دفترٕ کِس درواز س گُن مُدے گنٛڈِتھ۔ تام دژاو سہٕ وۄتھ پۄژھ نفر اورٕ سٹوفکیٹ ہیٚتھ خوش پاُٹھی۔ یہٕ گوتھو دِ ژھِتھ تہٕ اُمس نفرس پرٛژھُن نانا بچاُری ہنٛدی پاُٹھی ''ہے ژےٚ کیاہ سا ژھل کوٚرُتھ۔ ازٕ برٛتھ فایل تہٕ ازٕ میج سرٹیفکیٹ۔ شوٹھس پھلی رتبس پادٕ تہٕ وُنہٕ تہٕ چھُم نہٕ پتاہ کرمیلم، میلم تیا کِنہٕ نہٕ۔ دیہٕ ہنٛدِ پاسہٕ ونتہٕ پوٚز پوٚز ژےٚ کوٚرُتھ تہٕ کوٚرُتھ کیا؟''

''جُگاڈ ہسا'' ۔ تُمی وۄنُس اسنہٕ ہنا گرِتھ تہٕ سرٹیفکیٹہٕ تاہ کران تہٕ بیگس منٛزٕ تھاوان تھاوان۔

# پاٚژ لوٕ

بہٕ گوس از پنٕنس یارس کُمارُن گرٕ سُلی۔ سُہ اوس آسنٕس پیٹھ ژاٹہٕ کوٚٹ گرِتھ بِہِتھ ماٚلِس ماجہِ ہُند فوٹوٗ چوکہِ پیٹھ تھاٲوِتھ، دُپہ، مُشکہٕ تُجہِ زاٲلِتھ تہٕ گُلی گنٛڈِتھ پاٹھ کران۔ تھالس منٛز اُسن پاٚنژٕ ہٕتن ز تھاٲوِتی۔ تام پھرُن گلاسہٕ منٛزٕ ذٕ چھِنس اَتھس کیتھ پاں قطرا۔ ماٚلِس ماجہِ ہُند ناو زورٕ زورٕ پرٕتھ دِژن یمن پاٚنژٕ ہٕتی نبن لوٕ۔ فوٹوٗ ٹلُن تھوٚد۔ چوٗکی تھاٲوِن یکطرف تہٕ دُپہ، مُشکہٕ تُجہِ ییم دُنہٕ دزنٕ آسہٕ تھاٲوِن ٹھوٗگر صاٲبس نِش۔ تھالہٕ منٛزٕ پاٚنژٕ ہٕتن نوٹ ٹلِتھ تھاٲوِن اکہِ طرفہٕ یُتھ پاں لوٕ ہو کھسکھ۔ پتہٕ آدیورگن تہٕ بیٚوٚٹھ مےٚ نِش۔

رٕژر پاٹھا گرِتھ ووٚنُن، ''از کیاہ صُچاٚے صُچاٚے دھیا'' تٕمی سٕنزٕ گرِ واجنہِ اُنی اسہٕ دہٕ شونی چاے۔ بہٕ چھس ژھوپہٕ دم گرِتھ سونچان اما کُمارس چھا ماٚلِس رِنہٕ ماجہِ از شرادھ۔ یہٕ ما ڈوٗلمُت تومُل، پھل موٗل بیترٕ کیاز تھاٲوِن تیلہٕ۔ ییٚہٕ از کتھ پیٹھ چھُ یوٗت سخی بنیوٚ مُت زِ روپیہ ساسس دِژن لوٕ۔ سبٹھاہ دبما غس زور دِتھ تہٕ پیوٚم نہٕ کینٛہہ پلہٕ۔ صرف چھس سونچان۔ تام ووٚن اُمی سٕنزٕ گرٕ واجینہٕ ہکہٕ، ''چاے مہرا شہلیوٚ وٕ پتہٕ کیاہ فاٲید چیٚنٛزٕ۔ چاے، تٕمی یا گٕی ژٕ گرٕ شہ چیٚنی۔'' بہٕ زٕ لن گوس مٕہ منٛزٕ ہُشیار۔

یِم بأژِ أسِم تھلہِ تھلہِ وُچھان۔

میٲنہِ بتھچ جغرٲفی وُچھِتھ وۆن کُمارن مےٚ کُن، ''تلہٕ باوَن تہٕ مےٚ کیٛاز کوٚریوٚ تاہ دان صُبحٲے پکھے، مردا مانتھ۔'' مےٚ دۆپ ونس ہتا یارٕ چانہِ مرد مانٕنہٕ ستی گژھیا میٲنی رازٕ بارے قٲیِل، یوسہٕ مےٚ وُتھوٗن تہٕ بہوٗن ونان چھےٚ ''ژٕ گوکھا مرد آسُن، آمژ کوکری چھکھ پٕتی کران۔ نہٕ چھےٚ خرخوش نہٕ خرٕ وول۔'' نسٲ سوڈبکہٕ بڈٕ تہِ چھےٚ پوٚزونان تِکیٛازِ صافٕی ونہو میٲنہِ وِزِ چھےٚ پکوٕنی ڈریاوتھامہِ گژھان۔

راتٕچ کتھ چھےٚ۔ بہٕ اوسُس گوڈٕنچہِ لٹہِ پینشن کڈنہِ باپتھ ٹریجری گوٚمُت۔ اتہِ أکِس کلارک صأبس نِش پینشن کِتابہِ entry بیترِ کرناوِتھ دوٗپنم، بٔیِس کمرس کُن ہاوِتھ، صاحبس نِش کرناوُس دسخط۔ بیرٕ بارٕ أس وارہ۔ تام سبدیوٚس بہٕ تہِ اوٗت۔ صاحب اوس پھوٚلونہِ ڈبکہٕ دسخط کران۔ پینشنی أس اسوٗنہِ ہونٛچہِ اورٕ نیران زنتہٕ صاحب اوسُکھ الگٕے یأریاہ از کران۔ تام وأژ میٲنی وأرٕ تہِ، قسمتُک کار چپرأسی ژھُن زنتہٕ ہتی لوٗکن أنتھ تہٕ صاحبس ووٗنُن سبٹھاہ انکسأری سان بوٚڈ صاحب چھُوٕ ناد دِوان۔ بہٕ چھُس دپان أمِس یتھ گری تو گوڈٕ دسخط۔ سُہ ووٗتھ One minute please تہٕ دژاوشی گرِتھ نبر تہٕ ژاو بڈِس صاحب سٕندِس کیبنس۔ بہٕ تہِ مےٚ ہِوی واریاہ نفر روٗدی ڈٕہی دوہس لبہٕ تاپس۔ یِمو لاگ بڈِ بڈِ بارودِنی۔ مےٚ نِش بِہِتھ نفرا ووٗتھ ''بڈی صاحبن چھےٚ پینشن کأم لوٕکٹس صاحبس ذِمہٕ تھأوِمژ۔'' مےٚ ووٗنُس کمی تام ہٹہِ، ''یہِ گو ڈِویژن آف لیبر (Division of Labour)، امہِ ستی چھُ کامبن وُژھ یوان تہٕ اسہِ ہوِبن گراکن سہوٗلیتھ واتان۔ بیٛہِ چھُ سارِنے مُلازمن پننہِ پننہِ پوسٹہٕ تہٕ قابلیتہٕ حِسابہِ کأم کرنُک تہٕ ہیٛچھنُک موقہٕ میلان۔'' تس نفرس شرٕ پییہٕ نہٕ میٲنی کتھ کینٛہہ تہٕ ووٗنُن، ''پینشن والین نِش گُس أنژ نیر بس۔ بڈی صاحبن چھےٚ ٹھیکہٕ درن ہنزٕ بِلہٕ بیترِ پاس کرِنچ کأم پانس مٹہِ تھأوِمژ، تمی چھُ مژی مژی دژالہٕ ہرکران۔'' ووٚنکھ دونکھ

تیزیہِ تہٕ پیٚتس کالس بجے یہِ ژوٗرتہٕ چیرأسی وۄن مےٚ ہِوبن واریاہن نانا بچار بن ووٗنی گوٚیُن پگاہ۔

بحرحال مےٚ أس وٗنی کین کُمارِن زنتہٕ پرٛژھ ترأومٕژ۔ میانہِ أندری أندری سونچنہٕ ستی کیاہ فائید نیرِ ہے۔ مےٚ اوس تیٚنٛدِس سوالس جواب ژھارُن سُہ تہِ فِلِ فور۔ چایہِ گولا گولا چھُس چوان تہٕ کُمارنس ساس روپیس لوٗ دِنگ وجہہ چھُس مُشخص گرِتھ ہبکان۔ سوٗنچُم ہتا پانا وارٕ کارٕ اوسکھ گرٕ ہِتھ صُبح پگہے کیاہ اوسے ییٚتہٕ شہلتیوٗمُت۔ ہر گرِتھ آکھ، زنتہٕ اوس نۓ نادسوٗزمُت۔ اِد ژھار تہٕ پرٛژِھ جواب۔ مےٚ چھُنہٕ کینٛہہ تہِ پلہِ پوان۔ کُمار زانہِ ہن یہ لوکچارٕ پانہٕ پیٚٹھے۔ اسہِ چھےٚ ژودہ جمأژ یکوٹہٕ پرٛمژ۔ مُلأزمت تہِ گرأ کی ہے محکمس منٛز یکوٹے شوٗروٗ۔ دوٚشوے أس اکھ أکی سنٛدی رازدار۔ سرٛگ الگ أسی اکھ أکِس باوان۔ مےٚ لوٗگ تتھ سأری ہے پھیٚریُس اسہِ فِکرِ ییٚنہٕ پیٚٹھٕ ازتام پانہٕ وأنی بھووُمت اوس۔ اِد سوکھ اوس یا دوکھ۔ کُمار چھُ اکثر دپان خوٚشی ہبا چھےٚ باگراونہٕ ستی ہُران تہٕ دوکھ کم گژھان مگر أمی سنٛدِس سوالس چھُس نہٕ یہ جواب ژھأرِتھ ہبکان۔ ترٛبن تہٕ ترٛوہَن گوس۔ تام وۄن مےٚ یاشاہ گرِتھ ''ہے توٚرُم ہے فِکرِ از کتھ پیٚٹھ چھُکھ ژِ یوٚت دأنی بنیوٗمُت۔ آ کرکھ نا ساس ڈاس۔ سورگہٕ وأسی مالی آسی باغہٕ ٹُکر ہَن نم ژم گألتھ بنأومژ۔ وِرِہتھ اوسکھ سُہ خرچُن پزھان ازچھےٚ أنٹ مورپمژ تہٕ چھُتھ سودا کوٚرمُت۔ مےٚ کتھ کرہاکھ کنن مِس کال تہِ ہیچِتھ نہٕ دِتھ۔ امی چھُکھ وتن تہِ روپیہِ چھکان۔'' کُمارس ژوٗل ٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اُسن نیرِتھ۔ ''دٕچھُن اتھ گِلناوان گِلناوان وۄنُن نہٕ نہٕ...... نسأیہِ کتھ چھُنہٕ۔ جواب چھےٚ غلط۔''

یہ پھسیوٗس گوٚ پأٹھی۔ مےٚ سوٗنچأو شاید چھُ یہَے جواب، مگر تہِ اوس نہٕ۔ أخرٕ لأج مےٚ ووٗنی وارٕ پأٹھی ژٕبتھ دِنی۔ مگر پلہِ چھُم نہٕ کینٛہہ پوان۔ تام پیوٗ مےٚ یاد

کُمارس آسہِ Gratuity تہٕ Commutation توٚرمُت۔ لہٰذا آووسہِ۔ تِکیٛازِ سُہ اوس پٲژِمہِ ربتہٕ ریٹایر گوٚمُت۔ مےٚ وۄنُس اَسوٗنہِ ہونٛجہِ، ''آہن سأ روپیہِ چھتھ کھوٚنو کھوٚنو رچہِ مژ، تمی چھُکھ وُپھان۔ مأژی پرنوٗ کھ کفائژ کٔرِتھ از چھُکھ ساسن ڈاس کران۔ سُہ سورگہٕ واس گوٚ ژھ از زِنٛدٕ آسُن، شلکھ کرِہی۔'' یہِ وۄنُم أکی ہٕے شاہس منٛز سوٗرے تہٕ تژ ووٚم پھٔژ کھ زِ سوالس دُتمس سکہٕ جواب۔ یہٕ گوٚس ہے بنگہٕ ییٚلہِ تٔمی وۄن ''جواب وۄنُتھ بیٚیہِ غلط۔''

مےٚ ہیوٚتُن کلہٕ دود کرُن۔ مےٚ پیوٚ یاد ییٚلہِ پژ ایمری سکوٗلس منٛز حِسابکس سوالس اگر مےٚ تہٕ کُمارس غلط جواب نیرِ ہے، ماسٹر جی اوس اسہِ دہہِ لٹہِ أکِس اکھ ہٕنٛد بن کنن تھف کرِنأوِتھ ووتھا بیٹھی کرِناوان تہٕ باقین لڑکن صِرف پانٛژِ لٹہِ تِکیٛازِ دیان اوس توٚہہِ نِش اُوسم نہٕ یہِ توقاہ لہٰذا دوگنہٕ سزا۔ مےٚ باسیوٚ وُسے دوگنہٕ سزا وُنی کنٛن بہٕ وبتراوان مگر دَیَن کوٚر سہل۔ کُمارن وۄن اورے، ییٚلہِ میٲنی تسلاہ گیس، ''یوٚت سخی کتہِ بنیوس راتو راتھ۔ مگر کرِ کیاہ، نارس دِمانرِ۔ فنٛڈ آفسکی کلأرکن چھُم جی۔ پی۔ فنٛڈ فاینل withdrawl باپتھ روپیہِ ساس ایڈوانس ژھورمُت۔ مےٚ دۄپ دِنہٕ چھُس دِنُے، سُہ تہِ ماتُلہِ تھِھ، سُہ چھُ أدرِ ژٹ ہیوٚ اگادِ گژھان، لہٰذا کونہٕ دِمس لوٚ دِتھ تہٕ کلس آلِوتھ۔''



# پیشن گوٲی

میٲنِس یارن کۆر راز صُبحٲے یہِ ڈٔلِ زِ تہٕ گاش پھولنۍ مےٚ فون۔ أچھن مُرمُر دِوان دبوُوم موبایلس بٹُن تہٕ ہیلو ہیلو کرنہٕ پتہٕ پننِھ یلہٕ ترٛاوِتھ بیۆٹھُس بیڈس مُن ڈۆکھ دِتھ بوزنہِ۔ تِکیازِ مےٚ آس پتاہ زِ یہِ گونہٕ سہل سہل کتھ ژٹن وول۔ کالہٕ پگاہ گیہِ مےٚ ژنجی ؤری تس ستۍ ووتھان بیہان۔ لۄکھ چھِ اسہِ وُچھتھ یک جان دُ قالِب ونان۔ ووٚنۍ گو کٲم کارسون چھُ بیۆن بیۆن۔ مےٚ کٔر سرکٲری مُلازمتھ تہٕ تٔمۍ لٲج گوڈٕ گوڈٕ ٹھیکہٕ ڈٔری کرٕنۍ تہٕ پتہٕ ژھنٛنۍ یاشاہ تہٕ پیرشاہ کٔرِتھ سِیاستس منٛز زنٛگ۔ سِیاستس منٛز أژِتھ آیہِ زنتہٕ تَس سونہٕ کان اتھِ۔ مگر مُرن چھُ، مےٚ ستۍ تھاوُن یارٲنۍ بدستوٗر قایٔم تہٕ دایٔم۔ حالانکہِ دوہہٕ پتہٕ دوہ اوس تس آور یرٕ ہُران۔ سُہ چھُ امہِ کارُک گھنٕےٚ۔ تہِ کٔرِتھ تہِ اوس ہلنس ڈلنس، شادِ غمس منٛز النہٕ تہٕ ولنہٕ یِوان۔ بہٕ تہِ اوسُس نہٕ زانٛہہ ووزلہِ پٲرِ ژوپا کڈان تِکیازِ سِیاسی رنٛگس ستۍ چھےٚ مےٚ زنتہٕ گیۆس تہٕ کنہٕ ہاپنہِ رِش۔ مگر یارٲنۍ منٛز آس نہٕ میٲنۍ سرکٲری مُلازمتھ ٹھۆر بنان نہٕ تٔمۍ سنٛز سِیاست۔ دوستی پکی خرچہٕ اپنا اپنا۔ یہےٚ اوس وجہ یمہِ کِنۍ أسۍ پنٕنۍ یارانہٕ قایٔم تھاوَنس منٛز کامیاب أسۍ۔

بہرحال بہٕ چھُس تس ہِتی کتھ کتھ کران ىٕہ چھُ مےٚ Paul the octopus! متعلق پرٛژھان، ییٚمی حالہٕ فُٹ بالکِس عالمی کپس دوران اُٹھن میچن متعلق صحی پیشن گوٗیی گٔرِتھ دزُس دُنیاہ حأرتس ژھُن۔ بہٕ لوٗگُس سوٗنچنس اما سنا میٚون یار کتھ لوٗگمت از بدل گلہٕ گوٗشس۔ دِماغس سبٹھاہ زور دِتھ پیوم نہٕ کینٛہہ پلہٕ۔ اُخرس پیٚٹھ چھُ دِپان مےٚ ہساہ بوٗز Paul the octopus س چھُ جلدٕ ے دِلہٕ واتُن۔ ژٕ چھکھ دِلہٕ تتہٕ اگرایڈوانس بُکنگ آسہِ گرِٕنی ژٕ گٔری زِ میانہِ قسمتکہِ پیشن گوٗیی خأطرِ تیٚلہِ بُکنگ۔ ووٗنی چھُس بہٕ ییٚمن سِیأسی لیڈرن پتہٕ پتہٕ پھیرِتھ سبٹھاہ تنگ آمُت۔ سوٗنچان چھُس الیکشن لڑٕ ہا، دِیہ سوٗرُے لاوِ داوِ نیرِ بم۔ مگر اُٹھ زوٗنگِس (Octopus) پالس نِش چھُس گوڈٕ قسمتکِن تارکِن ہنٛز گردِش زانُن یژھان ہرگاہ ژٕ میانہِ باپتھ یہٕ تکلیف برداش کرکھ مےٚ باسہِ ہے یار أنی گھٔرِ رتھِ۔ اگر زن (دَے مہٕ گٔرِن) اَمی پالن اوٗرک یوٗرک ووٗن تیٚلہِ پیٚیہِ وکھرِ سوٗنچُن۔ ہُپأری چھُم باسان ییٚہس میلہِ منڈیٹ۔ مگر ژےٚ چھےٚ پتاہ منڈیٹ باپتھ کوتاہ چھُ جکھُن پیوان، مالکہ تہِ تہٕ جأنی تہِ۔ بیٚتہٕ گرٛھنم نہٕ لوٗکھ ریٚژھ ٹُکنی تہٕ وٕنی ”ڈٹی وال دٕ ٹوٗٹ ہاموٗدُے لوٗٹ ہارِدُے اتھس کبتھ“۔ تمہِ کھوتہٕ چھُ مرُن بہتر۔ بس موبائلس گیہِ بیٹری ڈاون۔ پتہٕ کرے بیٚیہِ رِنگ (Ring)۔ مےٚ دوٗپ وٕنس ژےٚ گیہِ موبائلس کتھ گٔری گٔری بیٹری ڈاوٗن تہٕ میٚون کیاہ حال آسہِ یُگر یِوٗتاہ بوٗز۔

مےٚ تھوٗ موبائل یکطرف تہٕ چھُس اُٹھ زوٗنگِس پالس (Octopus) متعلق سوٗنچان۔ پالس ہِتی چھُس دِپان چھُ ناصلاح یلہِ یہٕ پال دِلہٕ واتہِ یارٕ ہِندِس طالع ہَس ہِتی ہِتی کیاز دیاوِ نہٕ بہٕ پننِس قسمتکِس سِتارس تہٕ نظراہ۔ کیاہ پتاہ بستن منٛز چھِہ سِر، دزلیہِ زن مےٚ تہِ لاٹریا۔ اِدِ پتہٕ ہمو دِلہٕ منٛز فلیٹاہ۔ ہِتی پیوم یاد فلیٹ گو قُلف

وأرِی قأد۔ دپھ سا مکاناہ۔ مےٚ لاجے یہٕ نۍ دانٛدِنۍ دانٛد گنٛزراوِنۍ اگرنٕے دروازس ٹھس گژھِہ ہے۔ یپأرِی سوٗنچم ہتا پاناہ چانہِ وِزِچھِ بال یِوان وٕستھ، ووکھل یِوان پھُٹتھ تہٕ پکوٗنۍ دٕریاوتھامہِ گژھان کتھ چھِ نال لأگنۍ یارس کُن وُچھتھ۔ اکھا کھوٚت گُرِس بیا کھاہ کھسیاہ دوسہِ۔ تَس چھُ تھپل تعالےٰ۔ ممکِن چھُ اٗٹھ زوٗنگ (Octopus) پال ماکرِ صحی تہٕ جان پیشن گوٚیی تِسٕنٛدِ باپتھ۔ چانہِ ستۍ یِیہِ تَس تہٕ تھوس۔ ہپأرِی چھس سوٗنچان اٗٹھ زٕنٛگی پالن یِیلہِ یِوٗتاہ کمال ہووصحی پیشن گوٚیی کٔرتھ۔ کٔشیرِ منٛز اوس ہتھ زوٗنگ ناوبوٗزمت سٕہ کرِنا امہِ کھوتہٕ اصل پیشن گوٚیی۔ یہےٚ میٚون یار کیٛازِ لوٚگ اٗمِس اٗٹھ زوٗنٛگس پتہٕ۔ یہِ کونہٕ نہٕ ہتہٕ زوٗنٛگِس اتھِ پنہٕ نَس طالع ہَس کھُلہٕ ڈُلہٕ نظراہ دیٛاوِناوان۔ ہتہٕ زوٗنگ تہِ کٔشیرِ ہُنٛدُ ے تہٕ یار تہِ اصلی تتہِ کُے۔ اٗمِس ہتہٕ زوٗنٛگِس آسہِ قودرتی طور تتہِ کِس سِیأسی ماحولچ جان واٗقفیتھ، تہٕ یارس میأنِس سپدِ صحی رہبری۔ اگر روپیہ ژٕور، تیچ نہٕ تَس کانٛہہ وبٕژھے چھےٚ، خرچ تہٕ گرچھنس کأم تہٕ گژھبس سپہٕ۔ دِلہِ یِیہِ جرمنی پیٹھِ اٗٹھ زوٗنگ پال سٕہ کتہٕ آسہِ کٔشیرِ ہِنٛدِس سِیأسی ماحولچ زانکأری تھوان۔ تتِکی سِیاستن چھےٚ کمن کمن سیاستدانن وُنہٕ وأجۍ، یہِ پال کیٛاہ ونہِ تمن متعلق۔ مےٚ پیوٚ یاد کٔشیرِ ہُنٛد پٔنن ہمسایہِ حأجی صمد بٹ، یِیلہِ تَس پٔنن طلبہ موہنیوٗ رِمضی پرٕژھاوزِ لالہِ یو۔این۔او (UNo) کیٛاہ گوٚ؟ تٔمۍ ونیٛاس ''یہِ ہسأ چھےٚ دُنیاہکین گاٹلبن ہنٛز جماتھ۔ یم زن دُنیاہک نیٛاے اٗنزراونہٕ خأطرٕ گاہ بےٚ گاہ سمان چھِ۔ اکھُتے چھُ کٔشیرِ ہِنٛدِ مسلہٕ تہٕ تمن نِش۔'' رِمضس ژجاوہکہٕ نیرتھ ''یوسہٕ کتھ گاٹلبن لٔج، سو چھا انٛدان۔''

اٗٹھِ زوٗنٛگِس تہٕ ہتھ زوٗنگ کِس کشمکش منٛز سپدِ میٚون دِماغ صُجأے پگاہے سبٹھاہ آور۔ سوٗنچان چھُ یارس چھم سِیأسی شیطان نستہٕ کنٛزٕ ژامتھ، وُنۍ آسہِ یِیٛہِ فون کران۔ میٚون مشورٕ کیٛاہ روزبس۔ دوکھِ گوٚ ژھس نہٕ لگُن۔ مےٚ سوٗنچ پانا دوشوے

کتھ تھاوہوس بڑ وُنہہ کنہٕ، پتہٕ چھس پننۍ فرضی۔ نہٕ چھُم کٔشیرِ ہُند ہتہٕ زوٗ نگ دوس تہٕ
نہٕ جرمنی ہُند اُٹھ زوٗنگ دُشمن۔ وونۍ گو کتھ گژھِ کٔرنۍ دیَس کھوٚژِتھ۔

تام کوٚر یارن ییٚہٕ فون تیٚچ مےٚ خبر اَس تہٕ مےٚ دِتُس کٔشیرِ ہنٛدِ ہتھ زوٗنگس
تہٕ جرمنی پیٹھ دِلہِ ییٚنہٕ وأنس اُٹھ زوٗنگس پالس سمکھنہٕ ستی تسنٛزِ طالع ہچ پیشن گوئی
متعلق چھیٚتی تہٕ کرٕہن ژارنک مشورٕ تہٕ ستی وونمس یتھ نہٕ octopus پالس دِلہِ مےٚ
پزٕژھنے سمکھنچ غلطی کرکھ۔ تٔمۍ ترٕ وو ڈھاہ ڈھاہ گرِتھ اسناہ زنتہٕ آیہِ وہراٰ ژرۆدٕ ستی کنہِ دوس
وٕستھ تہٕ ووٗنُن، "مےٚ کوٚڈ الیکشن زیٖنٛنگ تہٕ منڈیٹ میلنگ بدل اکھ وسیلہٕ ونہٕ۔
وسیلہٕ کیاہ دپھ سا ژھومب۔ چون وُنن چھُ پوٚز سانہِ ریاستچ سِیاست تہٕ دُنیاہچ
سیاست اکی ترٕ کرِ تولنۍ تہٕ اکی کھوچہٕ ستی سر کھرِ کرٕنی گیہِ صٔرٖکن بے وقوفی۔" ستی
ژھینٛز نیٹ وٕرکے۔

۱؎ Octopus چھُ اکھ اُٹھ زوٗنگ آبی جانور۔ تتھُے اکھ جانور اوس اَکی جرمن (Jerman) سِوی کوٚرمُت تہٕ ناو اوسنس پال (Paul) تھوٚومُت۔ یہ اوس صحی پیشن گوئی کران۔



# ایڈوانس بُکِنگ

نِچہٕ اُس ہفتس کھنڈس چھٹی تہٕ اُس گرٕ آمُت۔ گرس منز تہٕ اُس گاہ بیٚگاہ لاپ ٹاپس پٮ۪ٹھ انٹرنیٹ کہِ ذٔریعہِ دفترٕچ کأم کار کران۔ ازکل چھِ دفترن ہنز کأم شُری گرن منز بِہتھ تہِ کران۔ یہِ چھُ أزی کہِ مشینی دورُک لگی لون۔ اتھ کیٛاہ ہیٚکو کٔرِتھ۔ وُنی کمن تہِ اوس تس گُستام دفترُک کار أنزراوُن۔ لہذا اُس لاپ ٹاپ کھوٚلِتھ کیٛاہتام کران۔ تام ژاس پاپہٕ کمرس منز تہٕ اژوٗنی پوٗنس تت کال ٹِکٹ کڈنُک یاد۔ نِچہِ لأج ٹِکٹ ژھارٕنی۔ دبد اُس تکٔیس ہتی ڈوٗکھ دِتھ تس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ تس آسہٕ بوٗ کہٕ ہنان۔ سوٗنچان اُس نِچ کِتھہٕ پأٹھی چھِ اتھ لوکٹس موکِٹس بزٕیف کیس بچس اتھِ ییٚژاہ کأم پھٹاپھٹ أنزراوناوان۔ برابر چھُ اللہ دیٚنٛ ژونگ ہیٚوٗ زنتہٕ جنس اتھِ کأم کرٕناوان۔ یہِ چھُ جہازٕ ٹِکٹہٕ، ریلہٕ ٹِکٹہٕ، ہوٹل بُکِنگ تہٕ واریاہ پٮ۪ٹھہٕ کامہِ ایڈوانس منز کٔرِتھ ہبکان۔

کال کھبتھ (ڈِز کٔرِتھ) شوژنٛج نِچ دبدِ نِشے۔ تس اوس دوٚیہِ دوٚہی پتہٕ ممبئی نیٛرُن۔ دبدِ ووٗنُن، ''متھ چھُم گژھان ژٕ نمتھ پانس ہتی۔ مگر تتہِ چھُس ناپانہٕ PG (Paying Guest) روٗزِتھ۔'' دبد، توٗرُن فکرِ PG کیٛاہ گوٚو۔ تمی کٔرُتس چلاون وأرِلس

تہٕ اٰہی۔ تکیاہ زِ نچہِ اَسی ناتَم چاپہِ ہَن بتہٕ ہَن وقتس پیٹھ تیار تھاوان۔ دوشوے آسہٕ دُنہِ کتھے کران زِ تام ژایہِ نچہِ ہنٛز ماجِ تس کیٛت دودٕ گلاسہٕ ہتھ۔ نچہٕ دِنی ژھرٛٹ چیہٕ باپتھ مگر دبدٕ ہُند دِل رچھنہِ باپتھ چون یکدم۔

دبدٕ اوس امہِ ایڈوانس بُکنگ ہنٛز کتھ دِماغس منٛز زنتہٕ گیر بچہِ کران۔ لہٰذا پرٛژھن نچہِ بیٛیہ اکہِ لٹہِ اتھ متعلق۔ تٔمی تورُس سبٹھاہ وِستارٕ سان فکرِ زِ انٹرنیٹ کہِ ذٔریعہِ کتھہٕ پاٹھی چھہِ یہِ کاٗم کرنہٕ یوان۔ دبد اَس سبٹھاہ دھیانہٕ سان بوزان زن اَس تس کانٛہہ Helpline کھولنٕی تہٕ لٔکن آسس مختلف کامو باپتھ ایڈوانس بُکنگ کرناوٕنی۔ خاٗرپتہٕ شونٛجہِ دوشوے۔

مٔتس بتہٕ نی زیٛرا۔ دبدٕ کوٗر سوپنہٕ منٛزے زنتہٕ لاٗپ ٹاپ چالو تہٕ لاگِن سایٹ ژھارٕنی۔ اَمِس پیوٚ پتٕن برتھاہ تیمس شُری ٹاٹھ صاٗب ونان اَسی تہٕ دبد تہٕ آسبس پتہٕ ٹاٹھی صاٗب ونان، یکدم بُتھہِ۔ من گوس سبٹھاہ شاد تہٕ پرٛژھنس کھُلہٕ ڈُلہٕ خبرا اترا۔ حالانکہِ تس اَسی ژٕ ہ ؤری سورگہٕ واس گامتِس۔ دبدٕ اوس نہٕ وُنی کینہہ یادٕ ے۔ تمہِ لوگ تس ستی پرٛانی پاٹھی اَسن گنٛدٕن یلہِ تم ستہٕ راٗژ مہربٔنی مہرازٕ اَسی۔ اَمی لوگ تس تمن فایلن اوٕر یور کرٕن یم سہٕ تمن ایامن دفترِ پیٹھہ گرٕ انان اوس۔ تہٕ پتہٕ شُری شونٛگتھ تہٕ تمن ترٛس دوان تہٕ اَزِچ دبد تہٕ تمہِ وٕچھ پوشہِ گُج، یَس ڈاے پوٗشہِ تلی اَسی، اَس تس شونٛگنہٕ خاطرِ فایلہِ بنٛد تھاونٛچ ضِد کران۔ دبد اَس عنٛبدرِ منٛزٕ آسان زن اوس دودٕ شُر فرٛستن ستی گنٛدان۔ اَتھی منٛز ووٗنس تٔمی صاحبن چھمُو وونمت دِلہٕ گرٛشہٕنچ ٹکٹ صحبن ریلوے سٹیشنہٕ پیٹھہ کڈتھ انٛی۔ لہٰذا شونٛگو سُلی پہن یتھ صُحبن تہٕ سُل گژھہِ تہٕ ٹکٹ ہیکہٕ اَنتھ۔ تام پیوٚ دبدٕ انٹرنیٹ ستی لاٗپ ٹاپس پیٹھ ٹکٹ کڈنک یادٕ۔ تٔمی ہیٛژ یہِ برتھاہس نِش اتھ ذِکر کرٕنی مگر ستی کھیٛین کتھے۔ سوٗنچن اماشوٗتھ ہیکہِ نا اَمِس نِش جل پہن وٲتتھ۔ اتھ مرٕنس تہٕ گژھہِ ایڈوانس بُکنگ آسنٛی۔ وُچھتہٕ کیاہ

گیاو جان۔ یِکیٔاہ شوٗٹھ تھاوِہے از سنٛز کٔرِتھ۔ تیٚمِس نچہ چھُم وارٕ کارٕ ہردِ کھاندر۔ سُہ سیٚدِ بُتھِ نکھہِ وأژتھ نیرِ ہے شوٗٹھ تہٕ ٹاٹھِ صأبس نِش۔ مگر نِکٕن کھاندر ماروزِم وُچھنے۔ وولہِ ساتٕمی ہٕندِ کھاندرُک چھُ سہلیے۔ نچہِ ہُنٛد چھُم زیادٕ پہن طماہ۔ کیٛازِ دوشوے چھِم ہِوی۔ تیٛلہِ کیٔاہ کرٕ۔ تتھ لگن اکھ زٕ ؤری۔ خبر زیادٕ ژیر ما گڑھِ۔ بیگأرِ تہٕ ہرگاہ گڑھن آسہِ دپان بڑ وٗنٛھے گڑھِ گڑھن۔ کِنہ راج صأبس وَنو دوشوے کارہردے نکھہِ وانٛی۔ نِکہِ تے وونی برسرِ روزگار چھُ۔ پٔنن بأژھیٚکہِ ناپسترٕ اُوِتھ؟ مگر سُہ چھُ دپان یہِ ییٚمہِ گوڈٕ امریکہ پھیرِتھ۔ ژھُنٛزِتن تورے کأنٛسہِ میٚمہِ ستی وأژتھ تہٕ أسی روزولہِ تاپس۔ نہ......

نہٕ ......نہٕ......تہٕ بنہٕ نہٕ......سُہ چھُنہٕ تمہِ آیک۔ وونی گو بلاین چھاہینگ۔ ازے چھُ قرنہٕ پھیرٕ گوٚمُت۔

یہِ کیٔاہ ہُمن ہمساین ہنٛز کوٗرنے زانہِ ہے زٕؤن مأج زٕؤن۔ ٹرینِنگ دوران أسن کستام مدرأسی، کرٕہنس ہِکٕہ کال لڑکس ستی وأٹھ، اِد گرِکبن نین لگو کٔرِتھ۔ تموٚ لاجوس کھاندر ژھأرن۔ گوڈٕ گوڈٕ دؤ پنٛکھ تو وہ تمبلی کیٛازِ چھہِ کران، مے دِیو کھور ٹھیکراونہٕ۔ گرِکبن ما أس پتاہ یہِ کیٔاہ زن ورگہٕ پأٹھی ونان تہٕ کُم ژھرٕٹ چھِس۔ أخرس دؤ پنٛکھ شوٗٹھِ ہٕندِ کھاندرٕچ فکر ترٕ اُوِ توٚہی کرزبو بوبہٕ لالس میأنس بأے، ہٕندِ کھاندرُک تلاش۔ شوٗٹھِ چھُ تھوٚومُت ژھأنٛڈِتھ۔ تمن رؤ دأنٛدِرِم شاہ اندر تہٕ نیٚبرِم نبر۔

دبد أس سوٚپنہٕ منٛزٕ یہے سوٗرے پانسے ستی دأنی راوان زِ تام پیٚیس پنہِ مرٕچ کتھ یاد۔ سونٛچان أس اِنسان روزِہے بأتی کامبن ہٕندی پأٹھی پنٕنس تنگس توٚ برس خبردار۔ سوزن گیہِ مجبوٗرتہٕ وؤنُن پنٕنس برتھاہس ''اتہٕ وُچھتہٕ کانٛہہ سایٹ۔ یُتھ شوٗٹھ اور ینٛچ ایڈوانس بُکنِگ تھاوِہے کٔرِتھ۔'' تمی ژھنی دنٛدس تل زیوٚ تہٕ وؤننس ''ژٕ ما چھکھ نوشہِ نچِوی گال کھاتس ترٕ اُوہٕ، تہٕ ژٕ چھکھ یِژھ کتھ کران۔ بیٚتی یوت چھنہٕ ایڈوانس

بُکِنگ چلان۔ وونی گومرنہٕ پتہٕ چھُ کرمن ہُنٛد پھل ضرور میلان۔ تمیُک تھاوزِ پوٚرٕ پوٚرٕ خیال، یُتھ نہٕ سہل انگاری کرکھ یا مساوٕ ے زانکھ۔ یێتہِ کری نہٕ کانٛہہ اتھٕ روٗٹ۔ یێتہِ چھنہٕ کانٛہہ سُفارِش سٔد اٰرِش چلان یاں کانٛہہ کوٚژھ رٹان۔ یہےٚ کیٚتھو ھا دان دھرم کرکھ تتھ چھِی رِتی پھل میلان۔ یُتھ نہٕ امہِ نِشہِ کانٛہہ وتھ راوٕ راوی۔ ہوش تھاوزِ۔ پوٚزا پاٹھ والین کھوتہٕ وُچھم یێتہِ تمن زیادٕ مان سمان میلان یم بےٚ لاچ اکھ اٰکس اکار بکار یِوان چھِہ۔ نچہٕ ہِنٛدِ کھاندرٕ چ تیاری کوٚت واٰتژ؟ راج صاٰبَس گری زِ باند باند یم پوٚنسہٕ مےٚ اٰمی ہِنٛدِس کھاندرس باپتھ تھاوٕمتی چھِہ تمہ گرٕھن فضوٗل خرچی ورٲے رتھِ کھالنی۔ وێدھیا دانہٕ پتہٕ چھُ کنیا دانُس مہتو۔ کنیا دانک روٗدُم نا کھژ وو۔ اسہِ ماتوٚگ پرٕسُن۔ کوٗر مازایہ۔ یُس مأنس ماجہِ رفیق تہٕ شفیق چھےٚ آسن۔ دَیس کُن شکُر تیمی نچہٕ پیٚنژہٕ سوٗزتہٕ کولس ژوٗل یژ کالُک ہونژھ۔ راجہِ صاٰبَس وٗنی زِکنہٕ لیٖڈ لاگُن۔ کاٰنسہِ ہُنٛد دامے تہِ بوزُن۔ اگر ہوور ونس 9,3,6 تہٕ 11، تتھ دِیُن گوش تہٕ کارٕہن والنی شوٗبہِ دارپاٹھی نکھ۔"

پوشہِ کٔج یعنے دبد اُس سوٗنچان یہِ کیاز مییٲنس اور یٚنس نہو نکل دِوان۔ اما سنا اٰمی چھسا یہٕ پیٚڑاہ مُشر اوٕمژ۔ کِنہٕ سوٗنچان چھُ وونی کتھ چھُم حرفس گواہ تہٕ منیڈس شریک تھاوٕنی۔ چھُناہ صلاح نچہٕ اتھٕ کرٕناوٕ یہٕ مرٕنچ ایڈوانس بُکِنگ، یُتھ اٰمس سرپرٕائز دِمہٕ۔ اٰتی تربس فِکری یوسہٕ پوشہِ کٔج ژٕ اوسکھ نہٕ زانٛہہ مُجراہی دِوان سو کاٰژاہ گاٚنچ تہٕ ارٕژ کال چھِہ وونی بنےٚ مژ۔ واٰنسہِ اوٚسم نیم حکیم خطرِ جان، تہٕ نیم مُلا خطرِ ایمان زانان۔ زانٛہہ اوس نہٕ یوٚرک بوٗزِتھ تتھ عمل کران۔ مگر تقصیر تہِ کیٛاہ اوسُس۔ آخر مول موج (مییٲنی ہش تہٕ ہہُر) حالِ حیات اٰسس۔ اٰمس تہِ کیٛاہ راہ اوس۔ یہِ چھا اٰز یُک سمےٚ نوشن کوربن چھنہٕ دٔدِ تہٕ کرُن بنان۔ ساٰری چھِہ کھوژان۔ وقت وقت کی بات۔ از چھنہٕ بنان کرٕتھ کڈُن۔ گاہے پیوان وُچھِتھ اوٗن تہٕ بوٗزِتھ زوٗر

لاگُن ۔ أزی کیٔو شانٛدٕ گنٛدی طوطو چھایمن شُربن سُہ زہر تھوٚ ومُت ۔ از چھُ مول موجے کوٚپتھ گژھِتھ نوٚن نیران۔ ویسے اکہِ حِسابہٕ چھُ أزی کُے وقت جان۔ نوشہِ کورِ چھُ ہنا شاہ تژٕ اونس موقعہٕ میلان۔ سانہِ وقتہٕ أسی دم پھٔٹی گژھان۔ اِدٕ ہیکہا وأرِوی بأژن تھِی بژتھاہس ءتی کتھ کٔرِتھ۔ دبد أس پژٕ أنٛس وُنہِ پھیُر پھیُر دِوانٕے، تام دیُٹس نچہٕ آلوتہٕ گیہِ یکدم ہُشیار۔



# ژینہٕ وَن

تٕمۍ مژُر گیٹ لوتہِ لوتہِ تہٕ ژاو اندر۔ بہٕ اوٚسُس ورنڈاہَس پٹھ اخبار پران۔ ییٚتِس کالس سٕہ کُرسی پٹھ بیٚوٚٹھ مےٚ لٔج نہٕ پتہٕ ہے۔ ژاکھر گرِن تہٕ مےٚ پیٚیہِ تس کُن نظر۔ نمسکار کوٚرمس تہٕ تٕمۍ دیُت بُتھ چونکھر اُتِھ جواب، زن اوٚسُس بہٕ اخبار بجایہِ تِسنٛدِس زاتکس وُچھان ییتھ منز تٔمِس سٔتم بوم تہٕ زُنمس راہ اوس۔ تٕمۍ وٕوُن، ''تل سأے اخبار تھاو دون مِنٹن پتھر۔ ییٚتہِ ہسا چھُ مُلک وُلٹہٕ بِمارِ آورومُت، ژٕ چھُکھ صرف اخبار پھِری پھِری پران۔ ہنا سوٗنچ۔'' مےٚ وونُس اخبار یکطرف تھأوِتھ، ''وونی چھسا بہٕ ییمہِ مُلکُک مختار کِنہٕ ئلی بیگ زونتھس۔ سانوں کی۔ یُس زہر کھیٚیہِ سُے مرِ۔'' تٕمۍ وٕوُن۔ ''مگر زہرٕ کھیٚنہٕ وول چھُنا مرنہٕ برٛونٛٹھ چژنگ دِوان تہٕ ژھرٕ ژھرٕ ژھرٛٹ کران۔ تہٕ ییم انٛدِ پکھی آسنس تِمن تہٕ چھِ گرد لاران۔''

''ہتہٕ سأمتہٕ ون تہٕ فلسفہٕ۔ کتھِ کرتہٕ واش۔ مےٚ چھےٚ نہٕ پرٛژھ فِکرِ تران۔''

مےٚ وونُس اخبار وٹان وٹان۔ تٕمۍ وٕوُن، ''مُلکس چھِ اکھ خطرناک بیمأری اگادِ گأمٕژ۔ یہےٚ چھنہٕ صرف سرکأری مُلازمن عاشق ئلی کہِ پرٛایویٹ تہِ چھِ اَمِکی شِکار سپدی متی۔''

مےٚ کھیٚیہِ ووٚتھ بہٕ کتھ بوٗزِتھ۔ مےٚ سوٗنچ پنشن چھُکھ، اماپوٚز شری کُر، اَنگ اُشناو

تہٕ یار دوس ہے چھِ وُنہِ مُلاَزمتھ کران۔ دَے رٔچھن یتھ نہٕ تم تہِ اتھ بیمارِ منٛز ہینہٕ ییٚن۔ ''دَے ہِنٛدِ پاسہٕ کٔڈ تہٕ کتھِ واش۔'' مےٚ وۄن تس وبسرِتھ تہٕ حاَرتہٕ سان۔ سُہ تمبلیٚو ونہٕ کینٛہہ البتہٕ وۄنُن، ''وق ہساَ بدلیٚو۔ ییٚتہِ ہساَ چھِ اکثر لوٗکن أچھن پیچہِ پھیُر گوٚمُت۔ زیٚٹھ، کوٚنٛس، حیاتہٕ شرم، پاَرزان، یہِ سورُے چھُ دقیانوٗسی بنیوٚمُت۔ امہِ بیمارِ چھِ سٔنٛز مۄل دِتھ جہار کوٚرمُت۔'' مےٚ روو قرار مگر سُہ اوس ووٚنی چایہِ گولا گولا تہِ چبوان۔ بہٕ زن اوسُس روٗخو نیٚوٗمُت۔ مےٚ آسی نہٕ پتہٕ ہے ٹیبلس پیٹھ کٔمی تھاَو چاےِ تہٕ کر۔ ''پیٹھٕ چھےٚ یہِ بیماَری سکیوٗلر۔ یہِ چھِ بلالحاظ مذہب و مِلت سارِنٕے اوش گرِتھ۔ حاَرانی ہنٛز کتھ چھےٚ چِھرآسی کیٚو بوٚڈ افسر ساَری امہِ مرضک شِکار۔'' سُہ روٗد ونان مےٚ ہمٛژن دِلچ ڈبراے تیزٕنی۔ مےٚ سوٗنٛچ بہٕ آس شیٚیہِ رٔتھی نبرٕ پیٹھٕ واپس، ییمن شبن رتبن منٛز گواہ قرنہٕ پھیُر۔ کیٛاہ اتھ بیمارِ گوٚیژ کال تہٕ بےٚ چھُس بے خبر۔ یہِ ماچھُ گبلہٕ لایان مےٚ اہرِ بیٚہناونہٕ باپتھ۔ مگر یہِ کیٛازِ کھوٚژ ناوِ مےٚ۔ یوٚ تام نہٕ تس پتاہ چھےٚ ہنگہٕ منگہٕ ما کرِ سنجید اَستھ غاَر ذِمہٕ دار کتھٕ۔ ''ییٚتہِ ہساَ چھُ زنتہِ ہلکاَرِ ہوٗنی ساَری داغوتھ تھاَومتۍ۔ نہٕ چھُ کانٛہہ اَمِس نِش دوٗر ژلنٕچ کوٗشِش کران تہٕ نہٕ چھُ کانٛہہ تس مارنٕچ حماقت کرُن یژھان۔ ساَری سوٗنٛچان بہتی گنگا میں ہاتھ دھولو۔ ژٕ آسکھ سوٗنٛچان بہٕ کیٛازِ بچھاس نہٕ وُنہِ تہِ نبرٕ ے نہٕ اوسُے ماچھی تہٕ نہٕ ٹوپھے۔'' تٔمی تھوٚو بیان جاَری۔

''مگر میٛانہِ تتہِ بیٚہنہٕ ہٕتی گرٕشھِ ہے اتھ مرضس روٗٹ۔ کیٛاہ میٛانہِ پینہٕ ہٕتی لوٚگ ساہُر بر۔ أخر مےٚ گُس اَثر کوٚر زِ بےٚ آس پنٛن مُلک واپس۔'' مےٚ وۄن تس ہنا ژکھِ سان۔ تٔمی ترٛ وو ٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اُسن۔ زن آیہِ وہرأ ژ روٗدِ ہٕتی کنہِ دوس ؤستھ تہٕ لوٚگ بھاشن جاَری تھاونہٕ، ''ہاژٕ ہساَ گوکھ ئلۍ ناراض، چانہِ یا میٛانہِ ہٕتی گو نہٕ اتھ بیمارِ کانٛہہ ہُر بر تہٕ نہٕ گرٕشھبس جلدٕ ے سانہِ ہٕتی کانٛہہ کمی۔ ووٚنی گو اکھ تہٕ اکھ گو کاہ۔ اگر زن سارِنٕے یہِ کتھ کاڈبن منٛز اژِ ہے دیوٕ کانٛہہ اند یوٚر لگہِ ہَس۔ مےٚ سوٗنٛچ ژٕ چھکھ

لِکھأری اگر ژٕ امہِ بیمارِ ہُندِ بن اثراتن تہٕ وجوٗہاتن ہٕنز ژینہٕ وَن پٔننبن لیکھن منز دِیکھ جاے، دپہِ دَے کرِ ہے سہل۔"

مےٚ ووٗنُس ہنا دم دِتھ، "ییٚتہٕ گُس ساچھُ از لیکھ پران، سُہ تہٕ کأشرِ زبأنۍ منز۔ اسہِ ہے پٔنٕز زبان کرتام پوٚت پلوبنأوِتھ لبہِ تاپس تھأوِمژ چھِ۔ اسہِ چھےٚ کأشرۍ پأٹھۍ کتھ کرنس گال گژھان۔ سانبن شُربن، یم اکہِ طرفہٕ سکوٗلہٕ والبو کِتابو ستۍ بأرخر بنأومتۍ چھِ تہٕ دوٗیمہ طرفہٕ چھِکھ موج مول تِہنٛدِ اڈکجہ زبأنۍ منز واٹہٕ پأرِم بوٗزِتھ پٔنٕزۍ ووٹہٕ ٹُلان، تہٕ میون کأشُر لیکھ پرٕنچ گُس چھِ فرصتھ یا چیٚنٛڈ۔ یہِ چھِ اکھ کتھ دوٗیم کتھ ییٚلہِ نہٕ مےٚ بیمارِ ہُند ژٕپےٚ پتا ہے ونان چھُکھ بہٕ کیٛاہ لیکھِ اتھ متعلق۔ یمہٕ گیہٕ ہوٚہس گیٛجہِ کرنہٕ۔ پزٕ ژھ تھاویکطرف مےٚ ون کأکرِ گی وٗرأے چون مُدعا و مقصد کیٛاہ چھُ۔ نتہٕ ٹُل تم تھپھ تہٕ دِتم اخبار پرنہٕ۔ شیٚنہٕ رتۍ چھِم پننہِ مُلکچ تہٕ خاصکر پننہِ ریاسژ شیٚچھ خبر پرٕنۍ۔"

سُہ ووٗتھ بڈِتھ تہٕ بوٗلتھ، وٗچھن اتھ خاص انداز س منز کِلناوان کِلناوان، "ولے بألۍ پوٗشہِ مالۍ۔ ژٕ پرہَس خبرِ و، اکھ مُلکچ تہٕ بیٚیہ پننہِ ریاسژ۔ ژےٚ ماچھےٚ خبر ییٚتہٕ آسن پتۍ میبن شیٚن رتبن منز دوہٕ کولہٕ وٗژھمژٕ تہٕ مأنچھ سرسٕنۍ دژامتۍ۔ ہتا یوسہٕ خبر از شےٚ رتھ بژ وٹھ اخبارس اُس سو پرکھا ازتہٕ۔ ووٗنۍ گولفظن پھیٚر تھٔرگرِتھ آسی پرٕانی شراب نئی بوتلوں میں۔ ہاں! اکھ کتھ چھِ ییٚمہِ بمارِ ہُندِ مےٚ ذِکر کوٚرتمہِ کہِ ہرٕنچ خبر آسی ضروٗر۔ تتھ تہٕ چھُ خاص وجہ۔ ییٚتہٕ چھنا لیٛج تہٕ ژوٗرتہٕ گٔژ تہٕ ژوٗر۔ اخبارٕ والبن تہٕ چھُ یمو خبرو ستۍ اوزکہ چلان تہٕ لوٗکھ، یم ہمیشہٕ نےٚ داندٕنۍ داند گنٛزراونس منز گانگلہِ لأگۍمتۍ چھِکھ، چھِنہٕ اتھ بمارِ خاص سنان۔ شیٚن رتبن ووٗتم یہے کتھ أندرۍ أندرۍ للہٕ وان۔ سونٛچان اوٚسُس ژٕ پکھ تہٕ دپہٕ أسۍ اتھ بیمارِ متعلق یکوٹہٕ سونٛچتھ کانٛہہ أند بوٚر دِمو۔ مگر ژٕ چھُکھ خاہ مخاہ ناراض گوٚژھتھ ژٕنگرِ ٹُلان۔ مےٚ ہسأ چھُ افسوٗس

پانٛژٕ ہاٹھ ؤری برٛونٛہہ آزادی پرٛاوِتھ چھِ مُلکس برٛونٛہہ پکناونہٕ بجایہ Reverse Gear لاگان۔ یُس اکھاہ اہم بیمارِنش بچُن چھُ یژھان تس چھِ باقی بیمارِ یکٕت گرِتھ سُہ نلہٕ ٹاس دِوان زِ دوہلی چھِس تارکھ بوزنہٕ یوان۔"

"مےٚ ہسا آوکلہٕ پھٹنس۔ پیٚژاہ ووکھ بیمارِ اُستھ چھُنہٕ مےٚ امیُک کانٛہہ پےٚ پتاہ۔ میٲنی ارژٕ کاٲلی تہٕ انٹرنیٚٹ زانکاری چھِ بےسوٗد۔" مےٚ وۄن تس عارٕ ہژ و چیشمو نانا بچاٗرِ ءنٛدی پاٗٹھی۔

"اتھ کیاہ کرِ انٹرنیٚٹ زانکاری۔ امیُک پےٚ پتاہ چھُ صرف تمن اِنسانن لگان یمن زن قوچ دَگ آسہ۔ ییٚتہٕ چھِ اکثر لوٗکھ دوزُل پاٗرِ ژوٗپاکڈنس زاگان آسان۔ لیڈرا کہِ طرفہٕ تہٕ عوام بیٚیہ طرفہٕ۔ پتھ رۄدی ژتہٕ بہٕ تہٕ لتہٕ باب۔ خاٗرۄنہٕ گونہٕ کیٛنٛہہ۔ اگر اُسی قدم تلومےٚ چھُ باسان اسہِ ءتی سمن بیٚیہ تہٕ واریاہ یم اتھ بیمارِ نیاٗل گالُن چھِ یژھان"......

بہٕ اوٚسس ووٚنی اخبارس صرِف ورق گرداٗنی کران۔ تِکیازِ میوٗن توجہ اوس اٲرِ ہے کُن۔ سُہ اوس زنتہٕ سبٹھاہ کیٛنٛہہ کرنہٕ باپتھ ہینٛگن میٛژ لدِتھ آمُت۔ مگر بہٕ اوٚسس حاٗران یہ کونہٕ چھُ اتھ بیمارِ متعلق سیٚدِ سیوٗد دوٚنان۔ یہِ ما چھُ الہٕ کُلِس تُلہٕ گُل بناوِتھ مےٚ لورِ پیٚٹھی سرُ پھ تارُن یژھان۔ مگر دِل اوٚسُم نہٕ مانان۔ تِکیازِ بہٕ زانن یہِ لوکچاٗر پانہٕ پیٚٹھے۔ سُہ مزاج چھُس نہٕ، ہُپاٗرِ اوٚسس سونٛچان اُسی سمکھِہے برابر شیٚیہ رتی۔ اِنسان بدلنس چھُنہٕ تاٗر لگان۔ یُس رات تام ہوٚنبن ءتی تُل اوس کھوان سُہ چھے از وٚنان اُسی ہسا گیہِ لُسی ڈار۔ میٲنس یارس تہٕ ما چھُ تِتھے ہیوٗ ورگوٗمُت۔ دِمباغ سپدُم سبٹھاہ منتشر۔ کیٛنٛہہ اوٚسُم نہٕ پلہِ پیوان۔

ٹیبلس پیٚٹھ کوٚرُم ٹرانسٹرس سچ آن لتہِ اوس کُستام یہ شاربوزناوان۔
بتھِس پیٚٹھ بتھ مُرِتھ ساٗری چھِ بدلیمتی

## کٔمِس پیٹھ گَس چھُ ازکل ناز بستی منٛز

یہٕ شار پیٚوم زنتہٕ پھیکہِ پھیکہِ دوا۔ مےٚ لاجاواتھ وارِ پاٹھۍ سٕنٛن مگر ستی لجہِ خبرٕ، تہٕ گوڈنٛچ اہم خبرٕ ٲسِتھ زِ حکوٗمتن کرنو واکہِ محکمک اکھ بوٚڈ افسر رٕشوٕ خوٗری ہنٛدِس اِلزامس پیٹھ راتھ دفترس منٛز گرِفتار۔ میٚون یار گو یکدم تھوٚد وٕتِھتھ تہٕ گٔیس نیرٕ وٕن وٕنُن، ''بیمارِ ہنٛز ژٔینہٕ وَن دِژ خبرو نٕن واُلی۔ ژھارُس یلاج تہٕ دِس اَنٛد بوٚر۔''

☆☆☆

# یُسے رٕوٗ چھُم تسٕی نِش رچھتم خدایو

''ہیلوٗ، ہیلوٗ، بوزان چھکھے، بہٕ ہے چھس روزی رانچی پیٹھٕ۔''

''آہاٗنی۔ وُنہِ نارے چھُم تیٚوٗتاہ زربر زِ بیٚنہِ ہٕنز کتھ پچھانس گڑھم بُل

چُک۔''

''مےٚ وَن تےَ لالہٕ صابُن پےَ پتاہ مادڑ ایوو؟''

''ہتے کتہِ، زن ہے گو وُڈِتھ۔ سارِنٕے اَنگن اَشناوَن، آشرمن دِژ

ژھاٗنڈ مگر کُنہِ چھُس نہٕ پےَ پتاہ نیران۔ زن دِژس آگر پچھنہِ ژھٹھ۔''

''اَہنی پولیس تھانسٕ دیتوٕ نا رپورٹ یُتھ تم تہِ ژھانڈنس اتھٕ روٗٹ

کرہانو۔ ووٗنی ہے دوہ پنداہ مرٕ گیس لاپتاہ گاٮ٘متس۔''

''نارِنکُن مول، چوٗن جی جاجی چھُ دپان دوہِ دوہٕ پھیرِ واپس پانے۔

ووٗنی کتھ چھُ تھانس رِپورٹ کرِتھ کالکی پہرٕ خرس کھسُن۔''

''مگر یُتھ نہٕ پتہٕ لوکچہٕ ہنہِ بُڈہَن گژھِ۔ اکھتُے گژھِ ہسپتالکین لاشہِ گرن

تہِ نظر دِنی۔ بیٚہن ماوس کُنہِ۔ دٕتھٕس ماگُنہِ جایہِ گاڑِیا سکوٗٹرن دکہٕ۔ از چھا بھرٕوٗسہٕ تہٕ

واتناٮ٘وٗکھ ما ہسپتال تہٕ توٗہی چھِوٕ سونٛدرِ ہٕنٛدِ شانٛدِ۔ ادٕ بی بہٕ کرے پتہٕ بیٚیہ فون۔ اورٕ ژاو

گیٹس گُستام۔''

یہٕ اُس نا اُٹھنٕ سال روزی بیٚنہِ سٟتی کتھٕ کران۔ ناتھٕ نِس مائِلس لالہٕ صأبَس، گو از برابرا کھ پچھ لاپتاہ گأمتِس ۔ کُنہِ چھُ نہٕ پےٚ پتاہ نیران۔ ناتھس اوس اوم تیل زن تیلان زِتس کوٹھس کیٛاز آیہ بود کھبنہٕ تہٕ مائِلس سٟتی لوگم پأشی بود۔ سُہ اوس سونچان، ''ویسے مےٚ تہِ کیٛاہ غلط ونیاوتَس زِ ریلوے سٹیشن چھُ بنیومُت تہٕ سأنس زمینَس یُس تتھ نکھے چھُ، چھُ واریاہ مول ہُر یومُت۔ اَکی دژالن اوسُم فونس پٹھ وۄنمُت زِ اگر اَسی سُہ زمین ٕکنواز تیلہِ میلہٕ قمت ڈیتھ، لگ بھگ اکھ کرور روپیہ۔ یہےٚ کتھ ونیایم لالہٕ صأبَس۔ اِد سأسُہ چھُ پڑانوِے تارو تران تہٕ وۄنُن ''موج چھا کانہہ ٕکنان۔ اُٹھِ شیٛٹھ آسہِ واپس گرِ گرٕھن پتہٕ کوٚت گرٕھو، تہٕ کیٛاہ کرو۔ یہٕ گیہ پننہِ زنگہِ پانے مکرٕ لاتنٕ، تہٕ چھا جان۔'' اِد سایمن اسہِ اَندی پکھی زمین اُس تموزِٕہنھ کِنتھ تہٕ اَسی چھِ کٹہٕ اَچھ کُری کُری وُچھان تہٕ دقیانوسی فلسفہٕ دگان۔ مےٚ وۄن ہتہٕ پھرِ لالہٕ صأبَس یہٕ شرل تژاو۔ واوۄچھتھ پزِ ناوتژاوِنی۔ مگر سُہ چھُ تورٕ کوکرس چھےٚ کُنٕ زنگ ونان۔ حالانکہِ میٲنی ہیٛہرٕ بابن ژھُن تتہِ مُجہٕ مُلی تمہِ ساتہٕ کِنتھ ییٚلہِ تہٕندی کنٕ ریلوئک نیب نشانے اوس نہٕ۔ اِد اَسی روٗ دی تی یِیتہٕ اُس۔''

پٲتی مہِ رہتہٕ کوٚر اَمی دژالن شامنس مےٚ فون تہٕ لالہٕ صأبن ہۆز سأنی وارتالاپ۔ مےٚ تأرتَس پننٕ بےبسی ورگہٕ پأٹھی فِکرِ سُہ روٗ دتورٕ بدلے داے ونان۔ اِد سأیہ کتھٕ پأٹھی تارِتَس فکرِ زِ یہ کوتاہ چھُ لالہٕ صأبنِہ نُہون کلہٕ سٟتی گیر گوٚمُت۔ مگر نارس دِمازِ۔۔ اَکس بیٚیس اتھِ تہِ وناویامس۔ سورُے گوس کُنی پٲتی۔ شوٹھس کھرٕ فینہٕ۔ نہٕ چھُم زنگہٕ پتھرِس لگان تہٕ نہٕ نرِ آسمانس۔ واَنیٚ چھُم رتھ چھوان۔ میٲنی پہتر بأے ژھنٕ پننٕ حِصہٕ ہَن پھٹا پھٹ کِنتھ۔ اکھ اَنکھ گاڑی بیترٕ بیٚیہ کوٚرُن مکانس سُہ رنگ روغن زِ نظرے چھنہٕ تتھ پٹھ ٹھہران۔ اِد وُچھتہٕ سأنِس مکانس کُن زن چھُ میٚوٕ

لۄپُن ۔ لالہٕ صأب چھُ زمینس موج ؤنتھ کنِس دول دول دِوان۔ پھرے تہٕ گرٕیِک بأژ، ہۄرے تہٕ ونِک ہاپتھ۔ میٚون پتر بچوٕر اوس کشیرِ سورگہٕ واس گوٚمت۔ میانو پتر و بایو، یہ خوش گوکھ تہٕ کوٚرُکھ زمینس، جاداس۔ لالہٕ صأب رۄ دشوٹھس شیکٕرنی مکرٕ ہیٚوٕ ہر ہمیشہٕ تال دِگنس۔ کرٕتھ چھُس نہٕ کڈتھ ہبکان۔ شاہ بنٛد چھُم گوٚمت۔ أسس چھُم پیٚنٛد لٔجمٕژ۔

ناتھنٛز گرِ واجینٛز اۄشہٕ، أس پانہٕ تہٕ لالہٕ صأبنہٕ راونہٕ سٟتؠ ٹاکین وہراونہٕ آمٕژ۔ سوٚنچان أس، ''یتھ وأرِوِ گرس منٛز ہیوٚتم نہٕ زانہہ تہٕ سوکھ سان شاہ۔ دوہے رۄ دُم اکھ نتہٕ بیاکھ پھاٹون واد۔ گوڈٕ اوٚسم زأمن ہنٛدِ کھاندرُک دلہٕ وأٹرُن۔ تتھ دِژأو یتھِ تتھِ اندبوٚر، پہو پتہٕ ژٕلُن۔ ییٚمہٕ سٟتؠ ڈیرٕ واوس سٟتؠ سیرٕ واو تہٕ ژالُن پہو۔ تتھ تہٕ کریا وگاریو کنڈبو کینٛہہ، پیٹھے پھوٚر رہشہٕ ماجہٕ ہنٛد مرُن۔ تسُنٛد وٕرِی تہٕ واجاونکھٕ تہٕ گو لالہٕ صأب تیُتھ بیمار زِرایی رۄزنہٕ۔ یہ ڈٕپؠ زِ تہٕ شرٕانہٕ پچہٕ پیٹھ پھیوٚر رواپس۔ وونی کریاو دِیَن انۄگرٕیہہ زِ یہ دۄرٕ پھوٚل تہٕ نستہٕ وأج، نِکہٕ تہٕ نچ زایم۔ دپیأو زمین کنو تہٕ سوکھہٕ سان کانٛہہ دوہ نکھٕ والو۔ آوبڈٕ چلس وۄنٹہٕ نژُن۔ أمِس چھے زمین کنہٕ نچہٕ کتھِ سٟتؠ زن مُدوس مُچھ بیہان تہٕ پتہٕ چھُ دون دون پھلبن وٕتھتھ گژھان۔ وونی زٕٹھر أوٚن بٔہرِی بایہ ہنٛد کن لاپتاہ گژھتھ۔ نفہک اوس تسلاہ گاٹہٕ موپاو ہانگلیو کریو شُپہٕ سٟتؠ واو۔ دِے رٕچھنٛز ہرگاہ نہٕ واپس پھیوٚر ریاسہٕ لوٚب نہٕ، اکھ موکلیاے أسؠ جأنٛی تہٕ تہٕ مألؠ تہٕ بیٚہہٕ کڈن لۄکھ کنہٕ کنہٕ۔''

ناتھ جیس کرنو وتنٛکی دژالن از پٹھوأرِس اتھِ فون زِ سُہ اوٚسس ونان ''ژٕ کتھ چھکھ یٔتاہ پھوکھ پانس کھاران۔ دم چھے غنیمتھ از رٕتکھ کھونو کھونو ہارٕ۔ بڈس موہنِس چھےٚ بجہٕ ژھومبہٕ آسان۔ یُس چون زمین مُلی چھُ یژھان ہیوٚن تمؠ لاٚگی تمِس زمینداراس تہٕ پھل پھٔلی تژاونی یَس ژٕ پتہٕ کنہٕ جأنس زمینس سٟتؠ زمین چھُ۔ چون

زمین گژھِ لتہٕ مونجہ۔ یتہٕ چھُ حاضر مالکہٕ زمینن تہٕ پوتو ہُر پناہ یوان تہٕ غار حاضر (مالِک زمین) کِس کھیت کی مولی۔ لہٰذا امہٕ ژار دودس گنڈی، عقلہِ ہے کام۔ شپری ہِتس بتہٕ بانس مہٕ دِ دکہٕ۔ فاصلہٕ کرفل فورتہٕ اَسہٕ ون جواب۔" ناتہٕ اوس اکہِ طرفہٕ مالی ہِندِ غاب گژھنن پڑاہ پوومت تہٕ دۆیمہِ طرفہٕ اوس زمین کِنہٕ باپتھ حالہِ حاران تہٕ پریشان۔

منزٕ اوس سونچان تمۍ ہِندِ واپس یِنہٕ سۭتۍ گژھیا زمینک سودا، تہِ زن اوسُس نہٕ دِل مانان۔ ہوپاری اوس ڈاکٹر یار ہِندِس تتھ مشورس تہِ ژاپھ ژاپھ دِوان یُس تمۍ راتھ فِکرِ اوسُس تورمُت۔ سُہ مشورٕ اوس زمین کِنہٕ ہِنکس منصوٗبس باعمل انہٕ خاطرٕ پھیکہٕ پھیکہِ دوا۔ ووٗنی گو سماجی بُندشن تہٕ کھربن منز پھسنک اوسُس خدشہِ۔ یۄمہِ کِنۍ تس یہ ژھوٚمبھ ورتاوٕنی خوش تہِ اَس یِوان تہٕ کھران تہٕ اَسۍ۔ اَتھی ژھوٚمبہ پیٹھ اوس سُہ سبٹھاہ ہُشیاری تہٕ عقلمندی سان چھیٚتۍ تہٕ کرٕہنۍ ژاٗرِتھ سام ہنٛبس دَنہٕ پِنہٕ لگِتھ۔ تہٕ یپاٗری اوس لالہٕ صاٗبنہِ واپسی تہٕ پژاران، سُہ ڈلہٕ نہٕ کینٛہہ۔

اکہِ طرفہٕ اوس ناتھس دُنی یاٗوی سوکھکہِ تہٕ آرامکہِ خیالہٕ سۭتۍ دِلس کِتہٕ کِتہٕ گژھان۔ مگر دۆیمہِ طرفہٕ اوس لۆکہٕ مِتس اَنہٕ گوٚٹ ماٗنتھ پننِس ضمیرس لانہٕ طانہٕ تہِ کران۔ سُہ اوس وُلٹہٕ آوٕلِنس منز ہبنہٕ آمُت۔ اکہِ انٛدٕ اوس دُنی یاٗوی مُشکلات مگر سماجس منز یزتھ تہٕ قدر۔ دۆیمہِ طرفہٕ سماجس منز بے قدری ہُند خوف مگر عیش تہٕ آرام۔ تس اوس اب تہٕ ٹوٗٹھ تہٕ بب تہِ ٹوٗٹھ باسان۔ عیش آرام تہِ کرِ ہے تہٕ یزتس تہِ گوٚژھس نہٕ خلل گژھُن۔ موخصر گوٗلی چلاوِہے لگہٕ ہِندِ پھیکہِ پیٹھی۔ سورنے تہِ گژھبس وزٕنی تہٕ گلی تہٕ گژھبس نہٕ ہِنۍ۔

سونچان اوس یۄمہِ سمندرٕ منز کُس دِیم تار۔ ڈاکٹر یار ہِندِس مشورس اوس سبٹھاہ سنجیدگی سان سام ہوان۔ دوہس اوس مائلس ژھاران مگر پُلسہٕ تھانس

رِپورٹ کرنس اوس نہٕ بہران۔ شامنس ٹکلاوٗن ڈاکٹر یار گرٕ۔ تس لوٗگن یہےَ ڈٔنڈ وزن وبوٗھناوٗن۔ تٔمی دِژِس ہتس کتھس اکے کتھ وٚنتھ سو مأنٛتھر ازماونٛچ مشورٕ یَس تٔمی زٕ دوہ بڑوٚنہہ فِکرِ تأر ہیوٗ اُسس۔ ناتھ اوس ووتلان تہٕ بوڈان۔ یارن وونس، ’’اِنسان چھُ ہمیشہِ بڑوٚنہہ گژھن وُچھان۔ یُس گو سُہ گو۔ روومُت اِنسان گو اُزی کہِ وقتہٕ موٗدمُت‘‘ تہِ وٚنتھ دژاو۔

مگر موٗدی متِس تہٕ رأوی متِس اِنسانس چھےٚ آسمان تہٕ زمینٛچ فرق۔ گرِ تہِ تہٕ پرِ تہِ۔ گرِ کٕنہِ نِش یِیلہِ نہٕ کانٛہہ لبنہٕ یِیہ سُہ گو موٗدمُت۔ اماپوٗز تہِ ماچھُ سرکأری عمل درآمدس چلان خاصکرِ تتھ محکمہ مالس منٛز۔ ازکل چھُ پننہٕ زِنٛدٕ آسنک ثبوٗت پانہٕ تہٕ گاہ بےٚ گاہ اَکس نتہٕ بیٚیس سرکأری دفترس منٛز پیش پیوان کرُن، اِدِ چھُ اِنسان دٔہ کامہٕ اٚنزرأوِتھ ہبکان۔ تابہٕ حال چھُ لالہٕ صأب صرِف لاپتاہ، موٗدمُت ماچھُ۔ یتھ سمسارس تہِ چھِ ہتھ بتھی۔ اماسنا پزی آسیا کرمن ہُند پھل ییتھی زمنس منٛز میلان۔ وُنی کٕنہِ ژایام دأرِ کٕنی اٚنز۔ زمینہٕ ژکلس اَسم روپیہ بُہری میلان۔ اِدِ میٚون شِکس طالع، لالہٕ صأب آو وُٹھنہٕ۔ تتھےٚ مےٚ کیٚنٛہہ ووٚنس تام گو غأب۔ پزی چھُ پژانو دوٚنمت ڈبکہٕ پلہٕ ہاے تہٕ میوٗٹھاہ کرہاے نےٚ تیٚلہِ متھرا کرٕ ہاے۔ ہومہِ یٚیمہِ بدل گوٚژھ نہٕ شوٗٹھ پننہِ ہنہِ نِش تہِ گژھُن۔ دشہِ گنٛڈی گنٛڈی چھُم کہی تام کہی تام روپییں پأنٛژن ساسن ہنٛز پرایوٹ نوکری میجموٗ۔‘‘ ناتھ اوس ونان پانٕسے ستی زن اوس کوٚر ژوٗرن ووٗ ہوان۔

یارٕ سُنٛد وُنُن اوُسس زِ ناتھِ گژھِ پگاہ یارٕ سٕنٛدِس پرٛایویٹ ہسپتالس پیٹھ ییٚتہِ سُہ کأم چھُ کران۔ یار کرِ ناتھس سو لاوأرِث لاش حوالہٕ یتھ تسٕنٛدِس ہسپتالس پیٹھ ترٛہو دوہو پیٹھٕ ووت ڈولان۔ تسٕنٛدِ یارن اوس نہٕ پولیسس یہٕ زأنِتھ وُنہِ اِطلاع کوٚرمُت خبر یتھ بےٚ بوٗج شہرس منٛز مالگہِ سُہ طبیلہٕ چِہ بلایہ پوٚنز۔ اتھ لاشہِ اوس

ناتھس مول بناوِتھ داہ سنسکار کرُن تہٕ Death certificate حاصِل کرِتھ جایداد ک
وارِث دربُن ییمہِ ستۍ سُہ زمین پانے کِنتھ ہیکہِ ہے، یتھ از روپیہٕ روٗ دِینگ اِمکان
چھُ تہٕ گرٕ شۍ آمژ کوٚکری پٕتۍ۔

دماہِ دِتھ لاج ناتھن اتھ مشورس پیٹھ سنجید گی سان سام ہیٚنز تہٕ تس باسیوو یہے
مشورٕ ژھوٹہٕ برٕ ووٹہ بوٚر۔ گرٕ واجنہٕ کوٚرُن آلو۔ شُرِ بن اُس نندرِ پیمژ۔ تس بوٗن
یارٕ سُند مشورٕ۔ سو گیہٕ پریشان۔ تمۍ کوٚر ناتھس ستۍ گز آسمان تہٕ ووٚننس، ”شوٗتھ چھا
ہُمہِ ییمہِ بدلہٕ زِندے نرکس پھٹُن۔ ساری گرٕ شو وارو تہٕ روزٕنی۔ ترٕ ژھ تتھ زمینس بیٚیہٕ
تمن پانسن یم اسہِ کِنتھ میلن۔ اِنسانس چھا خالِص روپیو ستۍ فراغت زانہہ میچمژ۔
سُہ چھُ دَلیس تام۔“ تس پھٹۍ اشۍ گنڈ تہٕ لاجے یَن بڈٕ ہٹہٕ کرٕ بکہٕ دِنہٕ۔ ہوپاری
اوُسس گرُسس مال مگر ژوٗ ڈہتھ پتھ کُن۔

ناتھن بیٚہناو پتر۔ تس اُس پتاہ سو چھِ ٹینہٕ سماوار۔ اتی تتان تہٕ اتی ہندران،
تہٕ کوٚرنس تیتھ بزین واش زِ سو چھس دپان ژٕ گرٕ شہ ییمی دمہٕ یارٕ ہندِس ہسپتالس
پیٹھ۔ پگاہ تام گرٕ تن سُہ بیٚیہٕ کانسہِ ستۍ سودا۔ گرٕ منز چھُ گرٕ یال۔ یُتھ نہ سُہ وعدس
ڈلہِ تہٕ سائنس پرٕ وگرامس اگہِ پھیش۔ شکسنہٕ واوِ چھِ وو کھل یِوان پھٹِتھ۔ یمو باژو
دوو یَو دِژ پنہٕ نس پرٕ وگرامس حتمی شکل۔ نقلی لالہٕ صانٕز لاش اُس سرٕ یمژ۔ اتھ ہکو نہٕ گرِ
شرٕ ان دھیان دِتھ کینٕہہ۔ لہٰذا اسیوٗ دُے شُمشان واتناوِتھ داہ دِین۔ روٗ دسوال ژٕ ہم،
کہم تہٕ ہم دوہ، تم گیہٕ ہرٕ دوار ہاوٕنی۔ ہاں! روپیہٕ ژٕہ گرٕ شن زیادٕ خرچ سُہ چھُ برداش
کرُن۔ باقی کیاہ۔ نوٗ کتھ نوٗن دوہن روزن۔ اَز گس چھےٚ بیتہٕ فُرصتھ لوٗکہٕ ہندِس
نیاییس سنہٕ نچ۔ تہٕ گرِتھ سۍ تن، پتہٕ کس ناران بھانس ژٹن کلہٕ۔ پنداہ دوہ گیہٕ واریاہ
وق۔ دم چھُ غنیمتھ۔ اسہِ پرٕ نہٕ ووٚنی زیادٕ کالس پزارُن۔ قانوٗنن چھُ راوی متس ستن
وٕری یَن تام پزارُن آسان اِدٕ گرٕ شہ کانہہ قانوٗنی کاروائی۔“ یہٕ سورے ووٚن ناتھن

أ کِس بہلہِ پایہِ تہٕ تجرُبہ کار وکیل ہٕندِس اندازس منز۔

''ہرگاہ لالہٕ صأب پتہٕ نوٚن دژاو أسی ما گژھو چھِتہٕ۔ لۆکھ ماژھنٛن تھوکہٕ تہٕ بیٚیہِ پپن ہتھکرِ۔'' گرِ واجنہِ پرٕژھس سبٹھاہ رازدأری سان۔ یہِ بوٗزِتھ گو ناتھس اندرِم شاہ اندر تہٕ نیبرِم رۆدُس نیبر۔ دِمباغس سبٹھاہ زور دِتھ پیٚوس یادٕ سہٕ جواب یُس یارن وٕنِتھ اوُسس تھوومُت تہٕ ہیٚژان، سرِ سان تس باوُن۔ تام گو گیٹس ٹھس۔ لالہٕ صأب ژاو سأنگو پان اندر۔ یِمن بأژن دون لٔج زنتہٕ بجلی کرنٹ تہٕ گیہِ یکدم تھوٚد وٕتھِتھ۔ تِمۍ وۆنُکھ کُرسی پیٹھ بیٚہان بیٚہان، ''یہِ ہسأ آس زمینس سودا کرِتھ۔ چاٗنِس نِکس تہٕ نچہِ یعنے میأنین دون زُرِبن ہٕندِ ناوِ برابر رقمک ژ FDR بناوِتھ۔ یِم گژھن ترٛہیہ وٕہری Mature۔ توٚتام آسن یِم دہٕ شوے بارِنی بالغ گأمتۍ۔ مےٚ کوٚر زمینگ سودا ییٚمیٚک توٚہہِ پھٹہٕ پھٹہٕ اوسِو۔ یوٗتاہ ژٕ تِمس دژالس ہتۍ چھُکاوان اوسُکھ تمہِ کھوتہٕ زیادٕ رقمس۔ ووٗنۍ گو بیٚیہِ اکہِ پھیرِ ونے یتھ نہٕ پُرن ٕکنٛکھ۔ باقی زمین موکلاونو تھٕس۔'' لِفافہٕ تھوٚوُن میزس پیٹھ یتھ منز یِم FDR أسی۔ تس لگی ہکی تارِ تہٕ کُرسی پیٹھ آو بون کُن وٕرکاونہٕ تہٕ ترٛأوِنی پژان۔ ناتھنۍ بأژ ٕبیہِ زن سُونامی ڈٕہتھ۔

☆☆☆

# ۹ہ

بہٕ گوس پنُنس موقس پیٹھٕ صُبحن ہُشیار۔ مگر نبری کنٛی اوس گٹہٕ زۆل۔ گوڈٕ
باسیوٚم شاید چھُ گنہٕ دوٗر جایہ نارلوٚ گمُت یِمہ کہٕ دِہہٕ ستۍ نێبری کنٛی انہٕ گوٚٹ چھُ
باسان۔ دارِ کنٛی نظر دِتھ گوم نہٕ تِیُتھ کانٛہہ قصا نظرِ۔ سوٗنچان چھُس دُنی یا کُس گنہٕ بڈِس
تیلہٕ کٕزٕ پرس ما دیُت وقتہٕ کھۆ دہشت گردو نار تہٕ سِری یِک گاش آو کھٹنس۔ ازکل
کِس زمانس منٛز چھُ سورُے مُمکِن۔ آدم خوٗنس چھُنہٕ آنٛک یۆتاہ مول تہٕ۔ سرنڈن ہنٛزٕ
لڑایہِ منٛز چھِ اکثر زٕزٕ نڈٕ متھنہٕ یِوان۔ مگر تێلہِ ونہٕ ہان نامیڈٕ یاواٗلی، تِمے چھِ کانٛسہِ ہنٛزٕ
پوٗنڈِ تہٕ اٗہرنس ذٕہرس کھاران۔ یێلہِ تِیُتھ ہێۆ قصہٕ آسہِ ہے تیلہِ آسہِ ہے بدل
ٹرے۔ تێلہِ کیاہ سناڈٕلپل؟ بہٕ گوس تٔرن تہٕ ترٛوٚہن۔ مگر غوطن گرٛشھنہٕ ستۍ ماژلہِ ہے
نێبرم گٹہٕ زۆل۔ کاڈٕبن دیُتم سبٹھاہ زور۔ اماپوٚ زپلہِ پیوٚم نہٕ کینٛہہ۔ دِمبا غٔلبس کتھ تام
کھاٹِنس منٛز پیوٚم اکھ فی۔ گٔو تام ٹی۔ وی چینلہٕ وٗنی یہِ خبر، یوسہٕ مےٚ تِمہِ وِزِ گٕمل
ہِش باسیے یہِ۔ پوٚز وۆنی کٔمن اوسُم زنتہٕ پزٕر باسان، زِ عنقریب سپد اکھ تِیُتھ حاٗدثہٕ
یێمہِ ستۍ دُنیاہِکس اٗکس بڈِس مُلکس، یُس پیٹرول سپلائی چھُ کران واتہِ زکھ۔ تکیازِ
دہشت گرد چھِ پننٛی غاٗر انساٗنی مقصد پزٕاونہٕ باپتھ تِتہٕ کٔمن تیلہ کٕزٕ رٕہن نار دِنس پیٹھ

کھہلے ءِتؠ۔ یِیمہٕ ءِستؠ تم دُنیاہس تیلیچ وبڑھے پاُد ہکبن گٔرتھ تہٕ بیٚیہٕ کرن تتھ مُلکس مأتی تہٕ جانی نوقصان۔

از گوم پۄرٕ بھرٕوسہٕ زِ یم ٹی۔وی چینلہٕ وأنی تہٕ یِہنٛدی رِپوٹر کأتیاہ ارژ کال چھِ زِیمن چھُ زنتہٕ آگاہ موکُل تہٕ یم چھِ ہبکان پیشن گویی تہٕ گٔرتھ۔نتہٕ ماچھُ ؤ ہشت گردٕ دُنیاہس کھوژ ناونہٕ باپتھ یمن ٹی۔وی والین یِژھ شیٚچھ بڑونہے سوزان یتھ زن سارِنٕے بیٚہہٕ ہے اہرٕ تہٕ یمن میلہٕ پبلسٹی تہٕ یم سپدن پنٕہٕ نٮ۪ن ناپاک اِرادن منٛز کامیابی پژاونس اہل۔ بہٕ رۄدُس دارِ طاقس پیٹھ یی سوٗنچان تہٕ أندری أندری ووٗتُس خبر کوٚت۔ اِنسأنی سوٗنچس چھا گُنہٕ تھاہ پتاہ۔ یہِ چھُ پارُد تہٕ أکی ہے قدمس چھُنہٕ بیٚہان۔ گرا چھُ دُنیاہکس أکِس کوٗنس پھیرِتھ یِوان تہٕ گرا دۄیمس انٛدس ژھٹھ کڈان۔ بہرحال پزی چھُ یہِ ہوا کھوتہٕ تہٕ تیز پکان۔

''ہے دۄیمیٚ ہسا کتھ گوکھ دارِ نِش ضحاُے پکھے چلہٕ گژ ہیٚو کھڑا۔ گوڈٕ ژٕے کیاہ یِیلہٕ سوُرے بنیٚو وشُمتے ژٕ چھے بیٚہنس موقا میلان تہٕ چھُہس موجا ژٹان۔ یہِ گوٚژھے میأنی پأٹھی گرِکین ؤہن اخراجاتن ہُنٛد بندوبست کرُن پیوٚن اتی ترٕہی فِکرِ گژ کٔہی چھُ۔ شوٗڈ چھِ أندرِم کأم تہٕ پانٕے کران تہٕ نیٚبرِم تہٕ۔'' گرِ واجنہٕ دیٚت کمرس منٛز اژوٗنٕے یہِ بھاشن۔ مےٚ گو بین الاقوامی مسلہٕ دِماغہٕ منٛزٕ نیرِتھ تہٕ لتہِ ژٕٹی گھریلو مسلن جاے۔ سوٗنچان چھُس تنخواہ ٹٕنکی ژٕیتھ چھُس نابہٕ تس حوالہٕ کران۔ بہٕ چھُسا اپھرانہٕ تپھرانہٕ کران زِتس چھُ گرِکین اخراجاتن انٛد بوٚر دیُن پیوان۔ ژکھ ژأیم، یوسہٕ بہٕ اکثر ژأپی تھے چھُس، تکیاز نبرِ کٔنی اوس سبٹھاہ دِ یُس مےٚ اکھ کھران تہٕ بیٚیہٕ اوس أٹھی ءِستؠ نہِ صرف سانہٕ مُلکچ بٔلی کہِ دُرٕس دُنیاہکس ماحولیاتس ؤدارٕ واتنکھ خطرٕ لاحق۔ بہٕ سپدُس اتھ مسلس ءِستؠ بیٚیہٕ وابستہٕ۔ دپان چھُس یمن ؤہشت گردن چھا کانٛہہ مذہب یہِ دُجأری ہیٚچھناوان، کِنہٕ یمن چھُ کانٛہہ وتہِ ڈألِتھ اِنسأنی یتس خلاف

تِتھی شرانگیز تہٕ خطرناک قدم تُلنس ہِسکاوان۔ کینٛہہ غریبے چھِ تِتھین لۆکن یُتھ قدم تُلنس پیٹھ آمادٕ کران۔ دبماغس آم چکر یِہےٚ سۆنٛچ سۆنٛچ۔ تہٕ بہٕ ہیوٚتنس یۆ ہے راوُن ہیوٚ۔ اٰخر یہِ ماچھُ سہل پٕنُن پان داوس لاگتھ یِیہِ سُند بول بجائُن۔ اٰتھی پتہٕ آسہِ تِنُتھ کانٛہہ زبردس طاقت یُس یِمن بزین واش چھُ کران تہٕ یِمن چھٔنہٕ پننہٕ کلہٕ ہیرِ ہُند رژھ تہٕ پرواہ روزان۔

یہِ سۆنٛچان سۆنٛچان زنتہٕ رووُس بہٕ تہٕ پتہٕ لۆگُس خبر کتھ کوچس پھیرنہٕ۔ یِتِس کالس اوُسم گرِ واجنہِ چایہِ کپ ٹیبلس پیٹھ تھوٚومُت تہٕ مےٚ تھوتھ کرنے اٰس دزامِژ۔ شاید آسبن سۆنٛچمُت ووٚنی کتھ چھُم اٰمِس ہتی صُبحٲے پگہے بٲشی یۆ دلاگُن تہٕ بُہری بایہِ ہُند گن زیٹھراوُن۔ مےٚ آیہِ کوٚہِس لتھ کارگر۔ صرِف سوٚنچام ونس از چھٔنہٕ گز فِکر تران اٰلی کہِ میٹر، مگر سواٰس کمرِ نببر دزامِژ۔

بہٕ اوُسُس صرِف دارِ کنی اتھ دِہس مدے گُنڈِتھ وُچھان تہٕ مےٚ اوس نہٕ وُنہِ تہِ کینٛہہ پلہِ پوان۔ تام گیہِ میاٰنس موبایلس رِنگ۔ مےٚ کوٚر بٹن دباوِتھ چالوٚ۔ یہِ اوس میوٚن یار دِلہٕ پیٹھٕ فون کران۔ مےٚ سوٚنچ راجدھانی منز چھُ روٗزِتھ شاید آسبس مُلکہٕ کِہن حالاتن ہنٛز صحی وٲقفیت۔ ہومہِ یِیمہِ بدلہٕ پرٛژھمس ''کیاہ سا اتہٕ تہِ چھادٕ ہ گٹہٕ کارلبنہٕ یِوان کِنہٕ یور گن چھوٚ اسہِ یہِ ڈٲلی سوٚزمِژ۔ ولہٕ سا اسہِ گودہے بُجہِ ہُند کوٚب گُل۔ یِیتہٕ اوسا اسہِ نتہٕ دِیچ وبژھے توہی نےٚ اور سوٚزہو۔''

''ہا کتھ سارۆ تھس صُبحٲے پگہے زنتہٕ کوکرژوٚرِ۔ مےٚ کُس ساٰدٕ ہ تُل یِیتہٕ یُس اور سوٚزمے۔ سِگریٹ چھمنہٕ واٰنسہِ چیوٚمُت۔ سائیکل کھٹاڑ اکھ اوُسم کِہ تام تھوٚومُت یتھ پیڈل مارِ مارِ تلہٕ پُدِ گہِہ چھم آمِتی۔ مےٚ کوسہٕ سا گاڑی یا سکوٗٹر چھُ یِیمہِ ہتی دِ دِنیر تہٕ پتہٕ واتہِ اور۔ خبر کیاہ چھتھ وُچھمُت۔ مےٚ اوس پرٛژھُن لتہٕ تہِ چھانیشکر باپاٰری نیشکرس کاٰم ہتھ سہ ژھوٹ زلان۔ یِیتہِ ہسا گیہِ اسہِ اٰدرِ کھل۔ پانہٕ

گیکھ دیا روٹنی تہٕ اسہِ گوکھ دٕہ چاؤ ن۔"

مےٚ رۆٹ کتھِ ہُند دب تہٕ وۆنمس، زنتہٕ نیشکر باپار بن غم خار لاٗ گتھ "وولہٕ ساکاٗنژھا گژھِ کماٗے کرُن۔"

"تہِ ہسا اوس پۆز مگر یُسے دود، گرُس چھےٚ سے ژالہِ ناگاٗوہنز لتھ تہٕ۔ اسہِ ہبنہٕ دِنہٕ رۆستے کنیس خیر۔" تمۍ وۆن کُمۍ تام اندازٕ تہٕ ژۆٹُن فون۔ بہٕ اوُسس وُنہٕ تہٕ اُتھۍ دٕہس متعلق سۆنچان۔ ہنا کھۆژم واٗلنج بۆٹھ زِیارن دِژمےٚ جان ثِینہٕ ون زِدٕہ چھُ گنہٕ ژھوٹک پیٹرول چھُکھ نہٕ زولمُت۔ پۆز اٗسی کیٛازِ آوالنہٕ تہٕ ولنہٕ۔ بہٕ مالا گہٕ ہا اتھ معاملس ییٛہِ تہٕ سُن مگر گیٹس پیٹھ اوس ماسکہٕ کنن وول زورٕ زورٕ کرٛبکہٕ دِوان "ماسک لگاو۔ پہچان چھپاو" بہٕ دژاس کمرِ نبر ہکہٕ گیٹس کُن۔ سوٗنچم ماسکہٕ ژومبرٕ پیٛن ہیٛنز کیٛاہ پتاہ دٕہ کرتلہٕ تھف۔ وُنۍ کمن ژاو دارِ کنۍ اٗنز ماسکہٕ وول پوٗ پانے گیٹس پیٹھ واٗتتھ۔ مگر یہِ اوس نہٕ تمہِ ماسکہٕ کنان یمہٕ نستن پیٹھِ گنڈان چھِ۔ البتہٕ تمۍ یم شُری ڈژا ماہن منز کانٛہہ رول ادا کرنہٕ باپتھ کاٗنسہِ کردار سُند بتھی لاگان چھِ۔ مےٚ سوٗنچ ازکل کس اِنسانس چھےٚ ہتھ بتھی چندس۔ اکہِ ماسکہٕ ستۍ کوسہٕ سنا ژبڈ ژلہِ تس۔ یہِ ماسکہٕ کنن وول چھُ شاید وُنہِ تہِ پرانوٗ تاروتران۔ تام آو شُری فوجا تم گیہِ ماسکہِ کنن واٗلی سندِس سایکلس دژِ کن ہندی پاٗٹھی اگادِ۔ سہٕ اوس پان موکلاوُن یژھان۔ مگر اٗزکۍ شُری چھِ ارژکال۔ کاواٗٹھ دُہر کاوٕبچہٕ شیٹھ دُہر۔ اکھ اکھ ماسک ژلِس ہبتھ تہٕ وۆنہس گرِ اٗنو اٗسی پاٗنسہٕ۔ بہٕ اوُسس دوشوٗنی در بن ہنز سوداباٗزی بڈ غورٕ سان وُچھان۔

تام آیہٕ ساٗری شُری پنٛنۍ پنٛنۍ ماسک ہبتھ واپس تہٕ کرٛبکھ سایکل واٗلس واپس حوالہٕ۔ ستۍ وۆنہس یمو ماسکو ستۍ چھنہٕ سون مُدعا پوٗرٕ گژھان۔ تِکیٛازِ تہندی مالۍ چھِ ہتہٕ بزٕ ماسکہٕ کالہٕ پگاہ ورتاوان یمو پلاسٹک زچہِ کتھ لگن تمن۔ ماسکہٕ کنن وول اوس اکھ نظر مےٚ کُن دِوان تہٕ اکھ نظر پننِس مالس کُن۔ زنتہٕ اوس دپان خداٗے دِژم

مگر کھنہٕ بلکہ خرن دِتُم نہٕ۔ بہٕ گوس تژٕ بن تہٕ تژٕ واہَن تہٕ أتھی ستی کوٚرُم گیٹ بنٛد۔ سُہ دژاو بُتھ الوٚنڈ تژٕ أوِتھ زن اوس مےٚ نِش قرضہٕ وُگراونہٕ آمُت تہٕ مےٚ زن اوسُس یینہِ تہٕ یِب کوٚرمُت تہٕ وونس تہِ تہٕ ژوٚل دِہ لد گُگر ہیُٔو۔

☆☆☆

تہٕ پننس مشرپھس پیٹھ کوٚرکھ سبٹھاہ ؤہرِ تہٕ وائے۔ اکھتے آیہ تمہِ دوہ راموہس تہِ شامتھ۔ سُہ تہٕ تژوُکھ چھوٚمبتھ برابر زِ ژِ تےَ بازرٕ ستیٚ اوسکھ تہٕ بێیہ اوسکھ ہوٗنی ہِندِس سپٹس پٹھے، ژۓ کیاز پووُتھ نہٕ یاد۔ مائلکِنی گیس أدرکی ژٹ ہش اَگادِ۔ مائلکس آو عار تہٕ تمی بچوو تمہِ دوہ رامو۔ لہٰذا لیکھنوو راموہن از ہوٗنی سُند سامانہٕ سرِ فہرست تہٕ ستی دِتکھ تس یاد پاونس پیٹھ مٹہِ مٹہِ تہٕ۔

ہوٗن ہیتھ دژلیہِ دوشوۓ بأژ کارِ منز شاپنگ باپتھ۔ راموروٗد گرِ۔ تس أس گرس منز واریاہ کأم۔ تکس اوس پگاہ وو ہرِوودتس اوس لابی منز فرنیچر تہٕ باقی ضروٗری سامان نبر کڈِتھ بال کوٗنی منز تام شژ وپراوُن۔ سُہ اوس کأم کران تہٕ أندری کنی اوس خبر کیاہ کیاہ سونچان۔ غریبس چھُ ذہن ہرساتہٕ اکہِ نتہٕ بێیہ مسلہٕ ستی آوُر آسان۔ رامو اوس گرِ کیو گرِ پیٹھی دیتمت۔ ہیٚبرِ بابہٕ اوُسس حالے حیات پانہٕ زِ بأژ تہٕ شُرہن زِ آسنہٕ کنی اوُسس عیال ژھوٚٹے۔ ووٗنی گو تہِ گرِتھ اوُسس گرِ خرچس گاہے راد زیٹھان تہٕ ہونز ژھوٹان۔ نم ژم گأمتھ اوس پنُن عیال پتر اوان۔ ییتھ گرس منز آسس کالہٕ پگاہ وُہ وُری گأمتی نوکرأژی کران زن اوس گریک بأژ۔ ووٗنی گو مائلکِنہٕ ہنزِ خامخاہ تژنی تژنی ستی اوس منزی منزی دِل ملوٗل گژھان۔ مائلکہٕ ہنزِ ہمدردی ستی اوس دوہ دوہ نِبھاوان۔ سُہ اوس گاہ بێگاہ روپیہ 50 یا 100 اتھہِ تُلِتھ تہِ دِوان۔ امہِ کنی اوس راموا تہِ بأرتھف ہش لأرِتھ گوٚمُت۔

از پھو راموہس خیال اکہِ انٛدِ پننہ نبن تہٕ بێیہ طرفہٕ أمِس ہوٗنی سُند یُس وُنی وُنی مائلکس ستی کارِ منز ہِتھ بازر اوسکھ نیوٗمُت۔ أمی ہیوٚت سونچُن، ''سأنس ہوٗنس چھُ بختِ سکندری۔ کتہٕ تم ژھوٚٹہٕ ہوٗنی یم کوچہٕ کوچہٕ، ہٹرِ ہٹرِ پھیرِتھ بتہٕ مچھوتہٕ أڈی جہ پھلو باپتھ صُبحُ شام تام دربدر چھِ آسان تہٕ کتہٕ یہِ سون ہون یُس گری گرِ نانا پژ کأری چیز ہیتھ پتہٕ پتہٕ پھیران چھِ آسان۔ تیمس بأژ ہِندی اتھہِ یہِ کینٛہہ کھێیہ سُہ زن چھُ

# أچھٹ

تمن اوس نِکہٕ نہٕ (بُرتھ ڈے) زنمہٕ دوہ باپتھ شاپِنگ خاطرٕ سُلی نیرُن۔ لہٰذا اوسکھ راموہس اتھہ کارِ کالے پھش دیاوناوِتھ تھوٚومُت۔ ژیری نیرنہٕ ستی اوس ٹریفِک جامس منز پھسنگ کاُنٛھ۔ پیڑانہٕ گرٕ واجنہٕ ہنز فِکر اٚسس تموکھوتہٕ زیادٕ اٚسس پننس ہوٚنی ہنز یُس گرمہٕ موکھٕ دارِ کنی نیری نیری ژلان اوس تہٕ ووکھٕ پاُٹھی وو پھراے کران۔ بڑ یک فاسٹ گٔرِتھ گرٕ ہوٚنس چھلہٕ چھوکھ راموہن تہٕ تیتس کالس گرٕ ہمو باُژو دویو نیرنٕچ سکھر۔ چیزن ہُند لِسٹ اوسکھ برابر اَکِس ہفتس لیکھِتھ تھوٚومُت۔ وارٕ ژبتھ دِتھ اٚسی سوٗنچان کانٛہہ چیز ماگوٚمُتھ پتہٕ گُس گرٕ ھِ نوسرٕ بازرٕ کنی دربدر۔

تتھے تمو نیرُن ہوٚت، راموہن پوٗوکھ ہوٚنی ہنٛدِ باپتھ بِسکٹ، صابن، تیل بیترٕ چیز اننگ یاد۔ دوشوے باُژ گیہ وقتس پتھ رامنہٕ یاد دِہاُنی ستی زنتہٕ مرٕ نینڈرِ ہُشیار۔ پٔتی مہ لٹِہ تہٕ ییلہِ تم شاپنگ کرنہٕ اٚسی گاٚمتی تمہِ دوہ اوسکھ ہوٚنی ہُند سامانہٕ خاُصکٔرِتھ اکھ انجکشن انُن مُشتھ گوٚمُت یُس تس کرُن سبٹھاہ ضروٗری اوس۔ واپسی پتھ تیلیٔو کھزن اوم تیل تہٕ دِژ کھ زمینٛس لتہٕ۔ دوشوے باُژو کوٚ رُکھ گرِ واُتتھ چھوچھِ کتر

تہٕ پننِس مشر پھس پتھ کوٗ رکھ سبتھاہ ژٕہ تہٕ واے۔ اکھتے آیہ تمہٕ دوہ راموہس تہٕ شامتھ۔ سُہ تہٕ ترٛووٗکھ چھوٚمبتھ برابر زِ ژٕ تے بازرٕ ستی اوسُکھ تہٕ بیٚیہ اوسُکھ ہوٗنی ہِندِس سپٹس پتھے، ژے کیاز پووتھ نہٕ یاد۔ مالِکنی گیس اٚدرٕ زٕٹ ہش اگادِ۔ مالکس آو عار تہٕ تٔمی بچوو تمہٕ دوہ رامو۔ لہٰذا لیکھنوو راموہن از ہوٗنی سُند سامانہٕ سرِ فہرست تہٕ ستی دِتُکھ تس یاد پاونس پتھ مٹہٕ مٹہٕ تہٕ۔

ہوٗن ہیتھ دزٕ لیہِ دوشوے بأژ کارِ منٛز شاپنگ باپتھ۔ رامو روٗ دگرِ۔ تس اُس گرس منٛز واریاہ کأم۔ نکس اوس پگاہ وو ہروودتس اوس لابی منٛز فرنیچر تہٕ باقی ضروٗری سامان نیبر کڈِتھ بال کونی منٛز تام شرٛ وپراوٗن۔ سُہ اوس کأم کأم کران تہٕ اٚندرٕ کنی اوس خبر کیاہ کیاہ سونچان۔ غریبس چھُ ذیہن ہرسات اکہِ نتہٕ بیٚیہ مسلہٕ ستی آوٗر آسان۔ رامواوس گرِ کیو گرِ پیٹھی دیتُمت۔ ہیہرِ بابہٕ اوٗسس حالے حیات پانہٕ زِ بأژ تہٕ شُرہن زِ آسنہٕ کنی اوٗسس عیال ژھوٚٹے۔ ووٗنی گوتہٕ گرِتھ اوٗسس گرٕ خرچس گاہے راد زیٹھان تہٕ ہونٛز ژھوٹان۔ نم ژم گأمتھ اوس پٔنٛن عیال پتھر اوان۔ یتھ گرس منٛز آسس کالہٕ پگاہ وٗہ وٗری گأمتی نوکرأزی کران زن اوس گرٕ ٹیک بأژ۔ ووٗنی گو مالِکنہٕ ہنٛزِ خامخاہ ترٛٔنی ترٛٔنی ستی اوس مٔنٛزی منٛزی دِل ملوٗل گژھان۔ مالکہٕ ہنٛزِ ہمدردی ستی اوس دوہ دوہ نبھاوان۔ سُہ اوس گاہ بیٚگاہ روپیہ 50 یا 100 اتھہٕ ٹکتھ تہٕ دِوان۔ امہٕ کنی اوس راموا تہٕ بأرتھف ہش لأرِتھ گوٚمت۔

از پیو راموہس خیال اکہِ انٛدٕ پنہٕ نبن تہٕ بیٚیہ طرفہٕ اٚمِس ہوٗنی سُند یُس وُنی وُنی مالکس ستی کارِ منٛز ہیتھ بازر اوسُکھ نیوٗمُت۔ اٚمی ہیوٚت سونچُن، ”سأنِس ہوٗنس چھُ بخت سکندری۔ کتہٕ تم ژھوٹہٕ ہوٗنی یم کوچہٕ کوچہٕ، ہٹرٕ ہٹرٕ پھیرِتھ بتہٕ میچھو تہٕ اٚڈی جہٕ پھلو باپتھ صُبحو شام تام دربدر چھِ آسان تہٕ کتہٕ یہِ سون ہون یُس گرِی گرٕ نانا پرٛ کأرِی چیز ہیتھ پتہٕ پتہٕ پھیران چھِ آسان۔ تیمس بأژ ہِندی اتھہٕ یہِ کینٛہہ کھیٚیہِ سُہ زن چھُ

قلعہ پژاوان۔ مُشکھ دار، تیل صابن چھُ أمی ہِنزِ خاطرِ گرس منز ڈولان آسان۔ دما دِتھ لوگ سونچنہٕ خبرمےٚ کیٚاز اُمس نےٚ زبانی ہنز ٹلی ژوکان۔ اُمس گوسائنس گرس منز، گوڈ میائنس گرس کتھ، کالہٕ پگاہ برابر اکھ وٕری۔ مُرن چھُ مےٚ پیو نہٕ زانہہ پتہٕ رُن۔ اکھتےٚ ییمہٕ دوہہٕ میانہٕ اتھہٕ بِسکٹ تارٕ کھوان چھُ، مالِکنہٕ تام چھُم خوش گژھتھ روپیہٕ دٕہ مرِ دِوان۔ أکی ہےٚ وٕری یَس منز اوس گنڈٕ کٔڈ ہیٚو ألی ألی کھوتمت تہٕ ہاپتھ چھُس گومُت۔ ولہٕ ساپانہٕ کمن غوطن چھکھ ناحقے گژھان۔ ژھُن صفائی کرِتھ تہٕ کچنس منز چھہِ بانہٕ پژاران۔ کتھ چھُکھ فضول دناسپری چھکاوان۔"
راموہن وۄن پانسے ستی۔ "مالِکنی آسہِ پکان۔ دَے گوٚ ژھ بوزُن کانہہ چیز گوٚ ژھُس نہٕ مُشتھ گژھُن۔ پتہٕ چھُ شوٗٹھ اُتنہِ بلایہٕ توٚت لاگان۔ اُتھی چھِہ اُدرزٹ ہش اگادِ گژھان۔ اوتہٕ مےٚ گییہ نمبر تریش بنأوِتھ تھاونی مُشتھے۔ اکھتےٚ چھُم ہوٚنس کِرش ییمہٕ بوتلہِ منز پانس ستی زِ ٹھانڈٕ رلأوِتھ تہٕ تھاونی۔ شاید آسہِ امہِ ستی جِسمس شیہلتھ پیوان۔" راموّاوس بوتلہِ ٹھانہٕ ٹلان ٹلان پانسے ستی ونان۔

"راموٗ۔ راموٗ کتہٕ باچھکھ؟ نمبر نیر جل جل۔ اگر ہوٚنس کِرش تریش چھِہ بنأومژ سو تہٕ أنی زِ ستی۔" مالِک اوس گیٹہٕ نمبرے بامبرِ منز بارٕو دِوان۔ راموٗ دژاو تأجلی سان تریشہٕ بوتل ہتھ گیٹہٕ نمبر۔ اتہٕ وُچھن پننس ہوٚنس اُدرِ کھل گامژ۔ کوٗٹھین کِجس زن لورِ ژنڈ ییلہِ ساری ہے کھوکھنس وُچھن تس بنڈیجہ کرِتھ۔ مالِکن ژون دون نربن پیٹھ اندر۔ راموہس دوٚ پُن گوڈٕ شیشٹ واہراوُن تہٕ اِد AC آن کرُن۔ ہوٚنی تر ووٗن شیٹس پیٹھ۔ اڈ تریشہٕ ہَن اوٗسن گیٹس پیٹھ چاونو ومُت تہٕ باقی آپرووٗنس چمچہٕ ستی۔ ہوٚنس آو AC یَس تل آرام۔ راموہن ژون گوٚب سامانہٕ کارِ منز کڈِتھ اندر۔ مالِکنی اُس اکھ زِلوتی لوتی لِفافہٕ ہتھ سیٚو دٕے AC کمرس منز ژامژ ییٚتہٕ ہوٚن اوس شیٹس پیٹھ۔ دوشوٕے بأژن پھیٚو رسرٕ یہہ ییلہِ ہوٚنی اُچھ مُژراوِ۔ دم

سمبھألتھ چیکھ نمبر تژلیش یوسہٕ راموہَن بنأوِتھ تھأوِمژ أس۔

ہۄنٛی سُنٛد حالِ بد وُچھِتھ اوس نہٕ راموہس تاڑ ووتھان زِ سُہ پرٛژھِہے تمن اتھ حأدثس متعلق۔ بحرحال پتہٕ نینوس زِیم أس گرِ واتنے برٛونٛہہ پہن ٹریفِک جامس منٛز پھسے ہتی۔ ہۄنٛی ہِنٛدِ طرفٕ دأرأسکھ یلہٕ تھأوِمژ۔ أمی اوس حسبِ عادت دارِ کنٛز کلہٕ کوٚڈمُت۔ نمبرِ کنٛز وُچھ ژھوٹہٕ ہۄنٛی جورہو کارمنٛز بِہتھ ہۄن۔ یاشاہ تہٕ پیرشاہ گرِتھ مِلنأوِ کھتس ہتی جیچھی۔ یتیس کالس مألِک کارِمنٛز نمبر دژاو ہۄنبن ژلناونہٕ باپتھ تمو اوس أمِس کھونٛکھُن رتہٕ دأوی نیٛومُت گرِتھ تہٕ تس اوسکھ شاید کارِ ہنٛز ٹیل ہاونس پیٹھ گز فِکرِ تورمُت۔



# گاندھی گری

بجلی ٹرانسفارمرس اَسی زِ دوہ گاٮ۪متی سڑیمتس۔ پتہٕ مہِ رہتہٕ تہٕ گیاس یوٚ ہے ڈاکھ۔ اماپوٚز گرم ماوس یؤتاہ۔ رتس گیہِ مےٚ سان، محلہٕ کێن جوانن کوٚتھی لرٕ ھل ہیوٚ تہٕ گیاوگوہن افؤہ تہٕ ٹرانسفارمر کرِیاکھ ٹھیک۔ تمہِ دوہ ونیاکھ ووٚنی پنہٕ سائنس محلس نوٚ ولائُن۔ اتھ چھُ لوڈ بڑیوٚ ومُت تمی چھُ کالہٕ پگاہ خراب گژھان۔ دفتر واٚلی تہٕ رۄدی ونان تہٕ اَسی تہٕ رۄدی بوزان۔ یوٚ تام از یتھ 45 ڈِگری سیلسیس منز ژلنس واتی۔ یہِ گو جان اسہِ جوانو کوٚرحتمی فأصلہٕ زِ پگاہ گژھو دہن کامین دب دِتھ بجلی دفتر۔ اَزی کێن یتھین افسرن ماچھُ سیزٕ اونگجہِ گیو کھسان۔ ٹاسرارے پیٹھ کرِنی اِد دِن ہینگو۔کنی دود۔" سُہ اوس گرِگُن پکان پکان اَندری سونچان۔

یِمونوجوانو اوس پرُس PHE محکمس منز گوڈ ٹیبل تہٕ کُرسی واٚے مِتی اِد گیاکھ پانیگ سوچھ۔ مگر تمہِ دوہ اوسکھ نہٕ محلہٕ پرٕیذڈنٹ لالہٕ صاب ستی۔ سُہ مادِیہِ ہکھ تہٕ کرنہٕ تِکیاز سُہ چھُ ناگاندھی وادی تہٕ اہنسا پرمودھرماہس پیٹھ یژھ پژھ تھاوان۔ از تہٕ کوٚرُن جوانن صبر وتحمل ورتاونک باند باند۔ یِمو منز اَکھ جوان جوراہ زیادے پہن پھوٚنکان۔ تقصیر تہٕ کیاہ اوسکھ۔ یتھ گرمہٕ کرٕ ایہِ منز بجلی ورأے روزُن اوس سبٹھاہ

کرٕ یوٗٹھ۔ لالہٕ صاٗبن وۄنُکھ ''گاندھی جی یَن کوٚر مُلک اہنسا یعنے عدم تشدُد ہٕتی آزاد۔ ییلہٕ زن اُسی اُسی 100 ؤری پیٹھی انگریزن ہٕندِ تشدُدٕکی شِکار۔ تابہٕ حال چھِہ اُسی از آزاد پننٕی حکومت پھٚنے۔ اُسی ہیکو نا اہنسا ورتاٗوِتھ پننٕی مسأیِل حل کرٕناٗوِتھ۔ مولانا حاؔلی یَن چھُ وۄنمت

جہاں رام ہوتا ہے میٹھی زبان سے نہیں لگتی کُچھ اِس میں دولت زیادٗ''

اتھ درجواب وۄتھُس جوانا اکھ ''لالہٕ صاٗب فارسی پاٗٹھی چھُکھ وۄنمت ''چوبِ نرم را، کرم مے خورند'' یعنے نرم لکری چھُ کیۆم لگان۔ اسہِ جوانو چھُ فاٗصلہٕ کوٚرمُت اُسی نمو پگاہ گاندھی مارکہٕ زٕ بڑٕی قلُف تہٕ ہٕتی۔ ہرگاہ چیف انجینئرن کانہہ شاٗلی تارکھ ہوو، یاشاہ تہٕ پیرشاہ گرِتھ کرہون دفترس منٛز پنٛد نیٚبری۔کٔنی کرہوس قلُف۔ اۄ ری چھُ ونن ہارِ طوطس۔ اِد زانہٕ میانہِ بُجہِ ماجہِ ہنٛز قدر تیٚمس بچارٕ زٕ راٗژ گیہِ ننٛدرِ زول کرنس بجلی نہٕ آسنہٕ۔کٔنی۔ اُکی بُزرگن پرٛژھُس حاٗراٗنی سان ''قلُفن تہٕ چھا گاندھی مارکہٕ کھوٚتمت۔'' جوانن دِتُس دزان دزان جواب ''توٚہی کتھ عالمس منٛز چھِوٕ بسان۔ سو چھ بھارت ابھیان والیو کوٚر مہاتما گاندھی ہٕندِس عاٗنکس للہٕ کھول۔ مُلکہٕ منٛز گیہِ غلاظت دوٗر۔کٔنہٕ نہٕ تہِ زانہِ دے۔ البتہٕ سرکاٗری خزانن سپز جان صفاٗیی۔ تہٕ اِد کتھ اوس تیٚمن لۄکن گاندھی مارکہٕ قلُف بناونس کھوژُن یم بناوان چھِہ۔'' ژٕہ بُزرگ گو یہِ جواب بوٗزِتھ شوٗ زد۔

چھیکرس سپُد فاٗصلہٕ زِصرِف اژن صاحب ہٕندِس کیبنس منٛز لالہٕ صاٗب، زٕ بُزرگ تہٕ زٕ جوان۔ باقی محلہٕ واٗلی روزن دفترٕکس آنگنس منٛز شور شرابہٕ ہنگامہٕ آراٗیی تہٕ نعرٕ باٗزی بغاٗر۔ سارِوے بُزرگو تہٕ جوانو کوٚر اتھ پیٹھ اِتفاق۔ یۄت گرِتھ وۄن یمن دۄیو جوانو یمن صاحبس نِش بُزرگن ہٕتی اژُن اوس، اُسی تھاوو قلُف ہٕتی۔ لالہٕ صاٗبن مون یہُنٛد بادِل نخواستہٕ۔ ہٕتی وۄنُکھ ''دفترس قلُف کرُن گو قونوٗن پنہٕ نٔبن

اَتھن منز نیٖن۔ أسؠ بنوقصوٗروار۔ سُہ ماگو اہنسا۔ صاحب ہٮ۪ندِس دفترس کتھ چھُ قُلُف دیُن أسؠ تہٕ لاگو گاندھی وأدی۔ ئلۍ کہِ دٮ۪ن بۆز تہٕ سأنؠ کأم درٛایہِ سیٚدٕ بتھِ۔ أسؠ کیاز گرٕھو یورے ہنگن میٚژ لِدتھ۔"

دۆیٚم جوانن وۆن خشمہٕ ہۆت "لاتوں کے بھوت باتوں سے نہیں مانتے ہیں۔ یٮ۪تہِ کر کھۆت سیٚز اونگجہِ گںو۔ أسؠ ہے پرٛس ترٛیشہِ گلو خاطرٕ پھیاں پھیاں کرٕنأوِکھ۔ یاد چھُو نا۔ پاد پھٕلی ناگوڑ سارٕنے افسرن ہٮ۪ندبن دفترن طواف گرٕی گرٕی۔ تِمن رٕٹۍ یہٕ ڈٕلِٕ زِ کھور۔ مگر حاصِل صِفرے تہٕ صِفر۔ پتہٕ یٮ۪لہِ تِمٕس سُپراٹنڈنگ انجینیٚرس گُنی ٹاسرارے گر، پیٚری پیٚری کٕڈِس اِد دُتِن ہیٚنگو کٕنِ دود۔ نہٕ پٮ۪یہِ پاپیے بدلاونہٕ تہٕ نہٕ پٮ۪یہِ دفتری لوأزمات پوٗرٕ کرٕنؠ تہٕ تنہٕ کۆر آراما۔ از تہِ ماپٮ۪یہِ شاید ژھل آزماوٕن۔"

"نسا گۆ برا، نہٕ تۆت پٮ۪ٹھ واتہِ نہٕ وأرؠ۔ توٚہۍ دِیومۍ ساتھ یہٕ دِمہٕ ہأوِتھ اہنسائۍ ستۍ پزٕاوَو أسؠ ضرٗورکامیأبی۔ ہاں! وقت مالگہِ۔ ہم ہستی بجایہِ ہاوو أسؠ گاندھی گری۔ پرٛس ماأوسُس یہٕ تِمن دوہن یٮ۪تہِ۔ شہرٕ نبر اوسُس یہٕ رٮ۪تس کھنڈس نتہٕ دِمہٕ ہا نہٕ یہٕ تۆت پٮ۪ٹھ نوبت واتنہٕ۔" لالہٕ صأبن وۆن سارٕنے سمجھاوان۔ "ہلڑبأزی ستۍ واتہٕ سأئِنس مفادس زخ۔ مطلب شۆدے چرٛس۔ بجلی گرٕھِ بلاناغہ چالو روزٕنؠ۔ یاں گو فیس چھِناہ بران۔ مخلس گرٕتن چیک تہٕ وُچھتن میٹر چھِنالگِتھ۔ ہرگاہ مجبوٗر گٔیہِ تٮ۪لہِ سمکھو منسٹر صأبس تہٕ۔ سُہ کیاہ جن چھا۔ نکھٕ بور والھوس۔ دِچھُن اتھ چھُ چھلان کھوورِس اتھس۔ اگر از سأئِنس دأدِس واتہِ نہٕ پگاہ کرٕہوس ووٹ منگنہٕ وِزِ کھوٚش اتھس کٮ۪تھ جواب۔" لالہٕ صأب اوس ونان تہٕ سأرؠ أس کن دأرِتھ بوزان۔

مگر تِمٕس جوانس أس نہٕ لالہٕ صأبنٕ گاندھی گری زٕنتہٕ ہٹہِ وسان۔ سُہ اوس أندرٕی سوٚنچان "سأئِنس سماجس چھُ رُشوٕخوری، غُنڈٕ گردی، دہشت گردی تہٕ باقی بدعتو اوش کۆر رُمت۔ یہِ اہنسا پرمودھرماکتہِ وسہِ یٮ۪تہِ نکھٕ۔ یہٕ گو آب منٛدُن۔ از کل چھُنہٕ

افسرن تہٕ مُلازمین فلک فِکرِ کھسان۔ یِتہٕ گوDo in Rome as Romans do ہرگاہ مہاتما گاندھی۔ یتھ مُلکس منز پُر جنم ہیٚن تم گرٛھن حأران زِ یہِ چھائے ہندوستان۔ یٚمہٕ چہِ آزأدی باپتھ تمو زُوتام رتہٕ چھیٚپہٕ دیُت۔ تمن باسہِ اہنسا اکھ دیومالأیی قصا ہیُو۔ تِکیٚازِ یُس اہنسا ہُک کُل بیٚنہٕ تمو رووُمُت اوس تہٕ تتھ ستیہ گرٛہ ستی آبیأری کٕرتھ اکھ چھج دار بوٚڈ شٕہُل کُل بنوومُت اوس، تتھ چھِ خود غرض سِیاست دانو ڈٕسی مؤل پرٛائنہٕ آمٕتی۔ فقط چھُ ووٚنی راہہِ مؤلس پیٚٹھ ڈٕرِتھ۔ یِہہِ تن ڈٕہشت گردی ہنٛز ولٕٹہٕ واو ہٕ گلنا یتہٕ گوٚہٕ راتو راتھ شالہِ ہینگ ہیُو غأب۔'' مگر لالہٕ صأبنہٕ پُر اطمینان گاندھی وادی تقریر بوٗزِتھ اوسُس دِیماغس وُترِ بُنیٛل آمٕت۔ گرِ کُن پکان پکان اوس اتھ اہنساہس متعلق سُہ منہٕ سران سونچان۔

صُبحن دوہ کہِ کھوتہٕ سُلی گاش پھوٚلنے ڈٕتھتھ۔ پارکہِ پیٚٹھ واتِنچ أسس بامبرِ یِتہٕ باقین ستی بجلی دفترس پیٚٹھ گرٛھُن اوسُس۔ منٛزی منٛزی اوس پانٕسے ستی دندتہٕ ٹکان۔ تِکیٚازِ از راتس تہٕ اوسکھ گرٛی گرس سِنگل پاور آسنہٕ کِنی یِہنے أچھن گاش آمُت۔ ماجہِ کُن وُچھِتھ أسس وأنُنچ زیٚادٕ رتھ چوان۔ تس بچارِ أس وُنبدرِ ستی أچھن ژیرٕ نیٚمی گأمٕتی۔ پارکہِ منٛز پیو سارِنے بڑٕ وُنٛتھ وأتتھ۔ وُچھان وُچھان گیہِ سأری جمع زن دِژ کھ ترٛپلہٕ کُجہِ دِنن۔ لالہٕ صأب تہٕ ووت، شاید اوس أندری کِنی دٕلیس منگان ''از گوٚژھ میٚأنس گاندھی اِزمس آبروئے روزٕن۔ مسلہٕ گوٚژھ نہٕ زٕتھُن۔ یِم جوان کِتھٕ پأٹھی رٹکھ کاپہ۔ ویسے چھُس نہٕ دین زانٛہہ ناوومید کوٚرمُت۔ تیز تیز قدم تُلِتھ وژلہِ سأری چیف اِنجنیٚرٕ سٕندِس دفترس کُن۔ تِتھے محلہ نبر وأتی بجلی محکمہ کھو مُلازمو اوس پرٛون ٹرانسفارمر کرٛینہٕ ستی وألِتھ ٹرکہِ بوٚ رمُت تہٕ نوٚو اکھ اوسکھ تمہِ بدلہٕ فِٹ کوٚرمُت۔ یتھ پرٛانہِ کھوتہٕ زیٚادٕ capacity تہٕ أس۔



# آپ مروتۂ دھرم کرو

''آ بہٕ چھُس فأیتر۔ تتھ چھا اِنکار۔ آسہٕ ہانےٚ تیٚلہِ مادِمہٕ ہاپٕنِس گرِس نار تہٕ لوٗکہٕ ہنٛزلرِ بچاوٕ ہا۔'' مےٚ وۄن تس دزان دزان۔ ''مُشکلس منٛز کأنسہِ اتھہٕ روٗٹ کرُن، اِدِ سہٕ أشناو أسی تن یا متہٕ أسی تن، چھا باورِگی۔ نہٕ نہٕ ہرگز نہٕ۔ یہِ گیہِ اعلا پایچ اِنسانیت۔'' تمہِ وۄن سبٹھاہ نصیحت آموز ہوٗنچہِ کینٛہہ توہ تمبلی وٕرأے۔ ''مگر یَس بیٚیہِ سُند گرٕ بچاوان پننہِ گرٕ ژیک یا پانٛگ حبس راوِتس کُس ناو دِموتیٚلہِ۔'' بہٕ وۄتھس ہنا بُتھ چونگرأوِتھ۔ ''ژٕ مسأ کھار پانس خامخاہ غوصہٕ۔ کتھِ ہمو سام أسی وبتاہٕ سان۔ پانےٚ ننہِ زگ تہٕ پرٛۄن۔ ژٕ کتھ پیٚٹھ چھُکھ پانس یوٗتاہ بیزار۔ اِنسانس پزِ ہمیشہٕ یاد تھاوُن۔

ہیں دُنیا میں وہی لوگ اچھے        آتے ہیں کام جو دوسروں کے

تمہِ وۄن شار سبٹھاہ نرمی سان تہٕ دزاو اسان اسان۔

مےٚ أس پتہٕ مہِ ربتہٕ پیٚٹھ وأنج رتھ چھوان۔ مگر تقصیر اوسُم پانس۔ مےٚ نےٚ ہنِکس اِنسانیتک پاٹھ پوٗرمُت آسہِ ہے أسی ما آسہٕ ہووٗنی کینٛہہ یتھ دشایہِ منٛز۔ ژکہِ دزایم پننی زٕو پیاول۔ اِدِ وٗنی کینہہ چھُس گری گرِ ہتھ تولان۔ بولتی چھُم بند گأمژ۔

کرٕتھ چھُس نہٕ کَڈِتھ ہبکان۔ ننہٕ اوُسُس ملأے کین ژوٗرِ بہتھ دوہا دوہا نکھ والان۔ اِدِ ظأہرا اِنجم پننہٕ نی أچھ۔ یہِ نئے آسم نِکس اِنسانیت رگن رگن منز بٕرِمٕژ یہِ ما پنٔنہِ ہم ڈیئنشن۔ خأر کرِ کیٛاہ۔ کمانہِ منز چھُ تِہر گوٗمت نیرِتھ۔ سُہ چھُ فقط دے ناو سوران تہٕ گیٛان دھیٛان چھُکاوان۔ نہٕ سنان دربارس نہٕ مازان گرِ بارس۔ یہٕ لوٗگُس طبیلہِ چہِ بلایہِ پوٗنز۔ پھیران چھُم نِکس کیٛازِ پریٛام دان دھرمُک یُتاہ سبق زِسہ گو مہاتما بُدھ سِندی پأٹھی دُنِیاہس زننہٕ لتھ دِنس پٹھ تیار۔ نمہٕ نمتھ ژھل گیم بے کار۔ نہٕ چھُم زنگہٕ لگان پتھرِس نہٕ نرِ پلان اسمانس۔ یہٕ روٗدُس تس ووتھوٗن تہٕ بیہوٗن ہر کانٛسہِ ستی رُت ورتاونس تہٕ اتھِ روٗٹ کرِنچ پٹی پران۔ اِدِ سأسُہ روٗدُم کوٗ کرتچھان تہٕ پوٗتی ہیٛچھان، طریقہٕ پاننا وان۔

رٕژر ورتاوُن چھُنہٕ کانٛہہ غلط کأم، مگر پرٕتھ چیزس چھُ حد۔ پرٕانو چھُ پوٗز ووٗنمُت ''دب ہالوٗگے، پھبرن پھُٹے، أچھ ہا ژاوٗے پُلہأری کھور''۔ از چھُ زمانہٕ بدل۔ حبس نٕے تھاوٗ و اِنسان لٹہِ بدلہٕ تھاونس لرٕھُل گنٛڈِتھ۔ دے گوٗشھِ رچھن ییٛتہِ چھُ غأر زأنِس ستی ہینڈشیک کرِتھ اونگجہِ گنٛزرنہٕ پیوان۔ نِکہٕ روٗدُم، روٗدُم کیٛاہ، دپھ سأ تھوٗوُم یمو ژھوٗ مبوٗنِش بے خبر۔ یُت تام گرِ تہٕ پرِ لوٗکونتھ ہیرٕ س۔ ییٛلہِ یہٕ زانٛہہ بُتھ پھِرِتھ پرٕژھان چھُس، ''یہِ کیٛاہ کوٗرُتھ۔ یُتاہ دان چھا کران؟'' توٗرٕ چھُم معصوم لنٛد ازس منز ونان، ''توٗ ہی چھو نا ووٗنمُت نیکی کر اور دریا میں ڈال۔'' یہٕ چھُس شوٗوزد گوٗشھتھ ژھوٗپہٕ دم کران تہٕ ہیٛری موٗران۔

پٔتی مہِ رہتہٕ ییٛلہِ تخاپچ کتھ ؤژھ گٔو ووٗن بڈِتھ تہٕ بوٗلِتھ، ''ییٛمہِ رہتہٕ ییٛتھ نہٕ مے کانٛہہ گرس منز منگ کرِ۔ مے چھے پیوان سکوٗٹرس دوہے پیٹرول ٹنکی فُل تھاوٕنی، ییٛتھ نہٕ وتہِ پیٹھ ڈنگہٕ گوٗشھ۔ پٔن چھُم نہٕ غم، پتہٕ کنہِ چھُم کانٛہہ ننہٕ کانٛہہ ضروٗر آسان۔ مے أس ہشی کتھاہ تس چھِ گیٛوٗ ریوان۔'' یہِ گیٛوٗ ریوٗ زِتھ ژٕج مے کھوروتلہٕ میٛوٗ نیرِتھ۔

ژور بأژیم تہٕ أسی پانہٕ بڈ بأژزٕ بیٚیہِ بالس پٮ۪ٹھ زۄن یہِ کا کنۍ بچأر۔ صُبحہ شام چھم ژۄدہن بأژن ہُنٛد بار پنہٕ نبن شانن پٮ۪ٹھ پکناوُن پیوان۔ اتھ ٮ۪ستی چھم لوٕکٹس نِکس، یُس بمبئی ٹرینِنگ چھُ کران، تہٕ ربتہٕ پتہٕ ربتہٕ کینٛہہ رقم سوزُن پیوان۔ گپھِ کتھا چھا أزی کِس وقتس منز۔ اگر صحتس ہیرِ یون گژھہٕ شوٗٹھ نے کھنڈ ہار تہٕ لِو۔ سوٚنچان اوٚسُس رژرٕ کی پاٹھن کِتھہٕ پأٹھی کوٚر أمِس ژٕ کی پھیٚور۔ نتہٕ ماچھُ موٚت لأ گتھ سالہٕ بتہٕ کھوان تہٕ بہٕ تھوونس والنہٕ لأ گتھ۔ مگر تہٕ کِتھہٕ پأٹھی زرِ، بہٕ کیاہ وورٕ مول چھسا۔ دپھ سا پانا شاہمتہٕ بد بیٚیہِ پٔنز پاپھ۔ بہٕ اوٚسُس یہِ سوٚنچان سوٚنچان اندرِ أندری أندری ژٕندر گوم ووٚتمُت۔

’’ہے کتہٕ ساچھُکھ۔ زن چھُتھ کٔنہ پھمب بوٚ رمُت۔‘‘ مےٚ ہوٚکھ ہیرِ وول کژبکہٕ دِوان دِوان، مگر جواب ندارد۔ نبرِی کِنۍ اوس وژدھ آشرمُک انچارج آلو دِوان۔ بہٕ زنتہٕ گوس مژٕ ننٛدرِ ہُشیار۔ پانس دِنا دِتھ دژاس تس بُتھِ تہٕ ژونُم اندر۔ سُہ بیوٗٹھ صوفس پٮ۪ٹھ تہٕ مےٚ ووٚنُمس، ’’یوٗتاہ کیاہ مسلہٕ چھُ زِ توہی پیوِ یورٕ ینگ کشٹ کرُن۔ بہٕ چھُس توہہِ گاہ بےٚ گاہ سمکھان۔ فونس پٮ۪ٹھ تہٕ ہیٚکی ہوی بُلأ وِتھ۔ یہِ چھُنہٕ جان گژھان۔‘‘ سُہ ووٚتھ کمہِ تام ہٹہٕ، ’’ہتہٕ مہرا کیٚتھہٕ چھےٚ ترٛژھ زِ مےٚ پیو پانے واتُن۔‘‘ بہٕ وبسر یوٚس سخ۔ مےٚ سوٚنچ خبر پٔتی مہِ ربتہٕ ماگیم وعدٕ شِکنی۔ مگر ٮ۪ستی پیوم یاد زِ بےٚ آشرم گوس اِدٕ یہِ یتھا شکتی أہم سےٚ کوٚرُم دان۔ یہِ کتھ پٮ۪ٹھ آوسون گرٕ۔ بہٕ گوس غوطن تہٕ مےٚ لوٚگ عجیب خیالن ابسن وردیُن۔ سوٚنچان چھُس ثواب ما کھوٚتُم أٔس۔

یمہٕ روپیہٕ مےٚ تس دانہٕ رٕنگی دِژٕ خبر نقلی ما دژٕ ایس تہٕ بنکس بَران بَران یا سامان انان انان ما اوس دُکاندارن پُلسس حوالہٕ کرُن ہیوٚتمُت تہٕ پیوتمی یوٚت وأتتھ۔ ٮ۪ستی پیوٚم یاد مےٚ أسی تمِ پأنسہٕ ATM منز کڈٕ ی متی۔ ووٚنی گو ATM منز تےٚ لۄکن نقلی نوٹ دژٕ ایہٕ۔ میأنس یارس پرٚس دون سان روپین ڈز وژھوو یٮ۪لہِ تٔمی مےٚ بژ ونٛتھہٕ کنہِ

ATM منز روپیہٕ کڈتھ اُسی نزدیکی مالس پیٹھ سودا اننہٕ گیامۍ تہٕ تتہٕ لۆگ پتاہ کیشرس روپیہٕ دِتھ زِ دُساسٹیٔن نوٹ اوس نقلی۔ اسہِ نۍ پتہٕ بنک والىو تہٕ مانیاو۔ مگر زان چھےٚ جہان۔ بنک کلاٗرک دژاس زاٗنی کارتہٕ روپیس زٕ ساس دِتی نس بدلاٗوِتھ۔ سُہ دوہ تہٕ یہٕ دوہ میأنی یارن دِژ یمن ATM من لوٕ۔ سُہ چھنہٕ یمن کُن وُچھان تہٕ۔ یتیس کالس کڈ اِنچارجن بیگہٕ منزٕ اکھ چیک تہٕ یژھاین مےٚ ہاوِنی۔ بہٕ پھوس زن تہٕ اَسمانہٕ۔ مےٚ پیو یاد اکھ زٕ رىتھ برٛونہہ اُس مےٚ یمن اکھ چیک دِژمُت، خبر تتھ ماچھم دستخس پھیرِ گوٚمُت۔ پیٹھ چھُ یمن چیکن نمبر آسان ٹھپہٕ کھاولد پرس (Press) پرنٹ کوٚرمُت۔ مُشکلی سان چھُ پرنہٕ یِوان۔ پیٹھ اگر عانکھ مُشتھ گوٚمُت آسہِ، یُس اکثر گوہان چھُ، تیلہِ چھُ زیادٕ گیوٚر یِوان۔ بحرحال تِمۍ اُسی چیک بیگہٕ منزٕ کڈمُت تہٕ شاید اوس سُہ میأنس یورکس عالمس پھیرنس پژاران۔ یتھےٚ مےٚ تس کُن دھیان دیُت تِمۍ ووٗن ہکہٕ، ''چاٗنی نِکن چھےٚ یمہِ رىتہٕ نقد دان دِنہٕ بجایہٕ چیکے دِژمُت۔ مگر مےٚ سوٗنچ گوڈٕ پزٕ مےٚ توہہِ نِش پوٚرٕ پاٗٹھی معلوٗم کرُن۔''

''کیاہ سنا'' مےٚ پرٛژھمس باثبر ہوٚت۔

''ہاسماٗ باثبر۔ کتھ پیٹھ چھکھ ژٕ اُدِ پیٹھ یۆتاہ غوطن گوٚمُت۔ کتھ چھےٚ فقط اکہِ صِفرِچ۔''

''صِفرِچ۔ صرف اکھ صِفر۔ مےٚ ہساگیاو پھرٛٹھ۔ نقلی نوٹن یا چیک نمبرن ما چھُ بُہری بایہِ ہُند کُن زیٹھر وومُت۔ صِفر چھُ حسابس منز بھارتچ اکھ بڈ دین۔''

''ہےٚ...... ہے...... بہٕ نسأ چھس نہٕ وُنی کینہہ تمہِ صِفرِچ توٗاریخ زانہٕ آمُت، یتھ متعلق ژٕ بھاشن لوگتھ دیُن۔'' تِمۍ ووٗن تاٗجلی سان۔ مےٚ پرٛژھمس بُتھ چوٗنکھر اُوِتھ، دزان دزان، ''پتھ اِد۔ صِفرس چھا بدلیموٗ ہیت یا شکل۔ کِنہٕ راۄ تہٕ ہوٗنٕ زیٹھر اُوی ہس۔ پانسے تام چھکھ۔ ازکل ہے کمن کمن حُلیہ بدلووٗ کھ۔ تابہ حال صِفر

بچور میٲنؠ پٲٹھؠ الفتہ مال، اتھ تہِ آسکھ کانٛہہ وول وٲجہِ۔ مگر اکھ کتھ ونےٚ صِفر ہرگاہ بڈِس یا لوکٹِس رٔقمس جمع یا تفریق کرِہون یہِ چھُ شالہِ ہینگ ہیٖوٚ غاٗب گژھان۔ وونی گو اگرِ ضربس منٛز کوہنہٕ رٔقمس، چاہے سُہ بڈِ کھوتہٕ بوٚڈ آسِتن یا لوکٹہٕ کھوتہٕ لوکٹ، ٹھولہِ لگِتھ چھُ تتھ نابوٗد کران تہٕ پانہٕ سونگو پان روزان۔ تقسیمس منٛز چھُ رٔقمس لا انتہا بناوان۔''

اٚخرس وۄن اِنچارجن، ''ولہٕ سا از دژالیہ سٲرہے پھُٹ۔ شاید اوٚسُس رٕژ زنگہِ دژا مُت۔ وونی دِتہٕ یتھ نِکنہٕ چیکہِ نظراہ، یوسہٕ تٔمؠ اسہِ دان چھِ کرمژ۔ یتھ ما چھُ اکھ صِفرُ ہرِ یمانہٕ۔ تکیازِ یتھ چھُ ژورِ پتہٕ پانٛژ صِفر (4,000,00) یعنے روپیس ژور لچھ۔ مےٚ رٕژ چیک تھٔھرلہِ لدا تھس کبتھ۔ تام دِژ لوٗکٕ نِکن بمبئے پٹھٕ مسیج ییتہٕ سُہ ٹرینگ چھُ کران۔ تٔمؠ لیٚوٗکھ کالیج والبو چھُ فیس بڈرو وُمت، لہٰذا اسوٗ زوٗ روپیس وٗہ ساس پھٹا پھٹ۔ نتہٕ ژھٔنن مےٚ یگاہ کلاسہٕ منٛزٕ نمبر کڈِتھ۔ یہٕ گوس ہے بٔنگہٕ زن لوگُم صِفرٕ ستی ضرب۔ اٚندری سوچُم ''مول نیچھن نیچوس ناو چراغ بیگ۔''



# کوکرِ کرِ ہے نامان پۆتمن ژھنیا واو

حاجِ سُلہٕ جۆ اوس گامس منز اکھ گراڈیل تہٕ بێیہٕ اوسۆدٕ حال مردِ آدم، یَس گامٕچ گام یزتھ تہٕ قدر کران اوس۔ خودایَن اوسُس جان آسنَس باسنَس ہتی اَچھن منز آب تہٕ تھۆومُت۔ بیٚالِ کھاَر پانژ تہٕ ژۆنٹھ تہٕ ڈۆنی باغ ژومبرِ تہٕ اَسس۔ شری ہَن تارِ، نیچوِ زٕ تہٕ کوٗراکھ تہٕ اَسِن ٹھکہٕ ٹھک گرِتھ نکھہٕ ڈکھہٕ واَلہٕ متہِ۔ زیٹھ نیچو غلام حسن یَس حسہٕ لال ونان اَس، اوس ڈی۔سی آفسہٕ کلاَرک۔ موقدمِ مل اَسِن مالہٕ ہندِ مرنہٕ پتہٕ تراۆمژ۔ دپان اوس "پیڑ چھُم نہٕ فُرصتھ۔ بێیہٕ چھُ ہر وزِ پٹواَرۍ یا تھانیدار گامس منز واتنہٕ ہتی پننس کامہِ کارس تھانکھ یوان۔" مگر کُنہٕ کُنہٕ وِزِ یێلہٕ کانٛسہٕ گامہٕ باَیس نوِس موقدم ہندی ذٔسی نا اِنصاٗفی گژھہٕ ہے تێلہٕ اَسس پانَس پێٹھ سخ شرارتھ کھسان۔ منزِ اوس سونچان "خدا صاب گوٚژھم نہٕ ژکھہٕ گرٕھن۔ ستن پیٚرن ہنز موقدمِ مل تراۆم۔" تام وۆت پنچایتی الیکشنک وق۔ حُکمران پارٹی لاَگ گامن منز پھیٚرتھ پننہٕ پارٹی ہند بن ورکرن پنچ تہٕ سرپنچ بناونک اتھہٕ کھور واتنہٕ۔ سُلہٕ جُوس تہٕ کوٗرُکھ سرپنچ باپتھ فارم بھرنک اِسرار۔ تِمۍ کوٚر دوہ تارِ سۆنچا۔ سونچا گرِتھ وۆت یتھ نتیجس پێٹھ زِ فارم پزٕ بھرنُے یتھ نوٚو موقدم ہنا لاکمہٕ تل رۆزِتھ خامخاہ لۆکن تنگ کرِ

نۍ۔

الیکشن سپُد تہٕ سُلہٕ جُوگو کامیاب۔ لۆکھ گیہٕ سبٹھاہ خوش۔ گرٕ ئِجس دوہن تارن سخ ووسہٕ دژوسہٕ۔ ووٚنی ییٚلہٕ حکومتکہٕ طرفہٕ پنچایتی راجکین طور طریقن تہٕ یختیارن ہُند ڈول وویٚکھ، سُلہٕ جوٚس تہٕ اُس کالہٕ پگاہ بلاک کِس دفترس پیٹھ خاصکرٕ تھ بُلاون تہٕ گامچہ پاپر جایی تہٕ بہبوٗدی خاطرٕ مختلف سکیمن باعمل انہٕ خاطرٕ مشورٕ ہوان۔ سُہ تہٕ اوس خدایس کھۄژِتھ افسرن رُت مشورٕ دِوان۔ مگر افسرن اُسی بدل ژھرٕ ژھرٕٹ یعنے ٹھۄلہٕ منٛزٕ اٚنزٕ ژھاران۔ سُلہٕ جُو اوسکھ اکثر دپان سورُے صحی مگر کھُت کھُت نہیں، تکیازِ سُہ اوس اتھ لحاظس منز یپاری۔ منٛزٕ لاجاو افسرو یہٕ گُنترٕہن ستی تژاوُن مگر تمہٕ ستی آکھ اصلس تہٕ کھر۔ لہذا اُسی سُلہٕ جوٚس ستی اشورٕ مشورٕ کرنس مجبوٗر۔ بحرحال سرپنچی نبھاوُن سبٹھاہ دیانتدارٕ ی تہٕ ایماندارٕ ی سان، ییمہٕ ستی لۆکن موقدم ہِندٕ تژنی تژنی نِشہٕ نجات میوٗل۔

تام بجوو الیکشن کمیشنرن اسمبلی الیکشنک بیوٗگل۔ اکہٕ پارٹی ییٚلہٕ سُلہٕ جوٚنی کارکردگی تہٕ لۆکن ہنٛزٕ یژھ تہٕ پژھ اٚمس پیٹھ ؤچھ، تمو سونٛچ یُہس دِمو اٚی ہے منڈیٹ۔ سُہ اوس نہٕ حقانی تہٕ یژھان۔ حسہٕ لالن تہٕ زامترِ ی تژاوی تمی ہندی یار دوس منزٕ تہٕ سُلہٕ جُو کرنوٗ کھ اٚنکار۔ تہٕ گرِتھ اٚسی زنتہٕ سُلہٕ جوٚس تسلاہ۔ زامترِی ووٚنس "لۆکھ چھِ تُرسن منڈیٹ باپتھ، توٗہی چھِوٕ اورے دِوان۔ ہرگاہ زن توٗہی نکار کرِو سُہ گو بتہٕ بھانسِ دکہٕ دیُن۔ اسمبلی ممبر بٔنتھ ہیکو توٗہی نہٕ صرِف پننہٕ گامکین، علاقن ہٚنزِ کہٕ ریاسکین لۆکن تہٕ رفاقتھ کرِتھ۔ سو چھنا ثوابچ کام۔"

"تہٕ ہسا اوس پۆز مگر پیٚس کیاہ کرٕ شوٗپ۔ کُنہٕ ہر چھنہٕ گجہ منٛزٕ تہٕ دزان۔ پیٹھ چھُ مُلکس رُشوٗخوری اوش کوٗرمت۔ ساری چھِ ژھٔلی، ہٚلِ تہٕ ٹٔلی راتو راتھ امیر بنٛن یژھان۔ سأنی ریاست چھِ اتھ زُمرس منٛزٕ زنتہٕ ساری ہے مُلکس پیٹھ تژاوُن یژھان۔

افسر وچھ سرکأری مشینری مالٕکۍ میراث زأنۍ ہٕز۔ اِدۍ ییمہِ لرِ خوش چھکھ گژھان تمہٕ لرِ چھِس ساوان۔ سأری مُلأزِم چھِ ازکل ووزلہِ پأری ژۄ پاہ کڈان۔ امہٕ کٔنۍ چھس کأنپان۔ سوٗنچان چھُس میانہٕ اسمبلی ممبر بننہٕ ستۍ گژھیا اتھ ماحولس فرق۔ پیٹھ چھُ یتھ رُشوِ خوری ہنٛدِس عالمس منٛز ایماندار انسانس کنہِ کنہِ کڈان تہٕ پتہٕ چھُس دوٚدِ منٛزٕ کٔہی واںٕلکی پأٹھۍ نبر دأرِتھ دِوان۔ یُتھ نہٕ سۆرِ بننہٕ کاووٕتھس۔ کالہٕ پگاہ چھُ ٹیلی وِژن، ریڈیو، اخبار بیترِ یِژھو خبرو ستۍ پرِتھ آسان۔ مگر تِتھین لۄکن چھاڈُنٛس رٕنٛز گژھان۔ یِمن چھادِون ہنٛدی پأٹھۍ یِڈ زانہہ کھسان۔ واریاہن ایماندار افسرن اۆنکھ جیرس پیٹھ۔ اڈبو ژھنۍ نوکری ترأوِتھ، اڈۍ ژھۆنکھ مأرِتھ، اڈۍ کرنأوِکھ خودکُشی تہٕ واریاہ کھیاوٕنأوِکھ پھیکھ۔ انگریزی مقولہٕ چھُ:

One sparrow can not make summer, but single sinner sinks the boat.

مگر یمو کتھو سببہٕ چھُس پیران تہٕ ووتلان۔ ییٚہِ نہٕ کینٛہہ۔ ''سُلہ صأبُن جواب بۆزِتھ گوو أمۍ سُند زامتٕر لڑکہ رفیق لالہٕ زنتہٕ مُجہ کھبتھ سرد۔ تہٕ گرِتھ ہأرِن نہٕ ہنمتھ۔ تٔمۍ ترٛوو سُلہِ صأبن دوس از ییٚہِ منٛزس۔ تکیاز سہ اوس نہٕ موقعہٕ اتھہِ منٛز ترٛاوُن یژھان تہٕ موجوٗدٕ رنٛگس منٛز اوس پان رنٛگن یژھان۔ سوٗنچان اوس میأنسے ہیہرٕ بابس کھوتا قوم لٹہٕ بارِ۔ أمۍ ہے گنڈ نا دستار تہٕ میلیس پدم شری ایوارڈ۔ ییتہٕ نہٕ گم گم بلہٕ وِیر ووٗنی گیم یہ ڈگرِ ٹیٖر۔ سہ اوس یژھان کُنہِ طریقہٕ سُلہ صأب مأنۍ راوُن دِوتس تہٕ گاڈٕ مارنس موقعہٕ میلہٕ ہے۔ سہ لوٚگ دنہٕ پننہٕ پننس ہُہرس حسہٕ لالس ستۍ صلح مشورٕ کرنہٕ۔ یُتھ تٔمۍ سُلہٕ جوٗس الیکشنچہ ناوِ والنس منٛز کامیاب گژھِ ہَن۔ مختصر اۆنکھ سُلہٕ جوٗس غریبن تہٕ نادارن پۆرٕ خدمتھ کرنکہِ بہانہٕ الیکشن لڑنک سُتہٕ۔ أمۍ کتھِ کرِتس گلہِ زیوٚ سہ گو لاجواب۔ سُلہٕ صأبن سوٗنچ پانٕسے ستۍ، ''یُسے زہر کھییہ سہ مرِ مے کیاہ کأنسہٕ ستۍ۔ مے کرِ کانٛہہ رُشوٕ رٹنہٕ باپتھ مجبوٗر، یہ روزٕ اتھ دوٗر۔ سارِنے پننہِ پننہٕ قبر دِین حساب۔ از تے واریاہ

منسٹرتہٕ اسمبلی ممبر ایماندار پھِہ اِد تولس منز کنۍ زن۔ مےٚ تگہِ ناپُٹن پان لوٚب تھاوُن۔ بہٕ چھُساتیوٚت لوٚت زِییہِ ہشر شرنہٕ چمہِ تزلیش۔ مےٚ چھا تاپس منز مَس چھٔوٚ روومُت۔ پُشر اوودیَس وُچھوسُے کیاہ کرِ۔ بُزرگی از بہ خرد نہ بہ سال۔‘‘

سُلہِ صأبَس اوس زبوٚ اٗنکارکڈنے حسہٕ لال تہٕ رفیق صأب، دوٚشوے بیمہٕ اٗہر، زنتہٕ گیہِ الیکشن لڑنے کامیاب۔ سُلہٕ صأبُن فارم بَرتھ تژ ووٚتُمِ پارٹی پھرٕکھ تِکیاز تس مدمُقابلہٕ تُل نہٕ کأنسہِ دوٚیمہِ پارٹی وومیدوار۔ ہانژھ باپتھ بَریاوأکی وومیدوارن فارم پتہٕ کوٚڈُکھ تہِ واپس۔ الیکشن گژھنے گو سُلہِ صأب بلا مقابل کامیاب۔ نیچوس تہٕ زامترس ووگنیہِ شانہٕ۔ تموأ گی سُلہِ صأبنی بدلہٕ منسٹری ہندی خاب وُچھن حالانکہِ سُلہٕ صأبَس اوس نہٕ سُہ کوچے۔ بلا مُقابل کامیاب گژھنہٕ ستی باسیے تمِس پانس پیٹھ زیادٕ ذِمہٕ دأری۔ سُہ پیوٚ سوچنس ’’یمو مےٚ پیٹھ یژھ تہٕ پرٕژھ تھاوٕ بہٕ گوٚ ژھس تہندین جذباتن قدر ہیکُن کرِتھ تہٕ تہندین توقعاتن پیٹھ گوٚ ژھس وُترُن۔ نتہٕ گژھم پزٕ اٗنی ہَن کولہِ۔ ویسے چھُ دَے داتہٕ۔ تسندی فأصلہٕ چھِ رِتی۔ سُہ چھُ پانے داناتہِ تہٕ بینا تہٕ۔‘‘

بحرحال الیکشن سپُد۔ یم پارٹی تَس منڈیٹ دیتمُت اوس تس آیہِ یتھس ترٕیمہِ الیکشن پتہٕ اکثریت۔ حکومت بناوُنک آو یمن حُکم دِنہٕ۔ سأری اسمبلی ممبر اٗس سُلہِ صأبنہِ یتھ پارٹی منز شأمل سپدنس نیک شگون مانان۔ اکہِ دوہہِ دوٚہ پتہٕ اوس یمن حلف تُلُن۔ پارٹی لیڈر تہٕ باقی سنئیر ممبرو کوٚر سُلہِ صأبَس تہِ منسٹر بناوُنک فأصلہٕ۔ اتھ درجواب ووٚتھُک سُہ، ’’یہ گیہِ تہنز بڈیمی تہٕ فراخدلی۔ مےٚ گیہِ تہنز پارٹی ستی جمعہ جمعہ اٗٹھے دوہ۔ مےٚ چھُ باسان بہٕ روزٕ ممبرے ٹھیک۔ منسٹرشوٚبن سنئیر ممبر۔ یہ چھُ تہُند حق۔‘‘ مگر تمو تُجس نہٕ تھِھ۔ ’’ہرگاہ توہی مےٚ زور چھِو کران توتہِ ونہٕ بہٕ پگاہ جواب۔ اٗکِس راتس دِیِو موہلتھ۔‘‘ تمِ ووٚنُکھ سبٹھاہ اِنکسأری تہِ عاجزی

سان۔

گرٕ وأتِتھ وۄنُن سارِنے یہٕ شێچھ، زامترِس تہٕ نێچوس آیہٕ نہٕ پژھے۔ زن ژاکھ دارِ کنی أنٛزٕ۔ ویسے اوس تمو دوٚشوے الیکشن زیٚنی تھےٚ چار روٚ ثمت۔ قأدرن چنیہٕ بنگہٕ تہٕ کانگرِ کھوٚت کأف۔ تم أس کھلہٕ ڈُلہٕ گاڈٕ مارنہٕ خأطرٕ مأدانٛچ صفأیی ژھاران یُس سُلہٕ صأبنہِ منسٹری ہنٛز انتہاہی سہل أس۔ تمو پُرژھس ہنجأرٕی پأٹھی، "کُس محکمہ چھُوٕ باسان دِنو توہہِ؟" سُلہِ صأبن ووٚنُکھ بے غرض پأٹھی، "شاید ما آسہِ جنگلاتُک محکمہ تِکیازِ تم أسی دپان ژٕ چھُکھ اکھ جنگلس نزدیکھ تہٕ بیٚہہِ چھُتھ سرٛینچی دوران واریاہن جنگلی ژوٚرن کابہٕ تأن کوٚرمُت۔ ریاستکِس سبزسوٚنس گُس ہیکہِ چانہِ کھوتہٕ زیادٕ نظر گُذرتہٕ رأچھی راوٕتھ کرنأوِتھ۔"

منٛزٕ گیہٕ دوہ تارٕ محکمہ بأگرأوِکھ تہٕ سُلہٕ صأب بنوٚوکھ وزیرِ جنگلات۔ گل تہٕ أس کانٛچھان دانے۔ زامترِی تہٕ نێچوی لأج دنٛدن کھہرن دِنی۔ مگر سُلہٕ صأب اوس اتھٕ زٕ ہیوٚرِ کُن کرِتھ اکثر دیٚس منٛگان وونی رٕچھر بم یزتھ یتھ نہٕ لۄکھ کنہٕ کنہٕ کڈنم۔" نایب وزیر اعلاہَن أس خاص پأٹھی سُلہٕ صأبَس یہٕ محکمہٕ دِنٛچ ووٚتھ ژھانٹ کرٕمژ۔ تس أس راے نفر چھُ نوٚو أمِس گاڈٕ آپراونہٕ چھِ سہل۔ سأنٛی ٹھل تہٕ نیر بس۔ اُتنہٕ بلایہِ لاگ ہون ئُت۔ مگر سُلہٕ صأبَس أس نہٕ مکرِس زانہہ حأل۔ لہذا دیُت تٔمی نہٕ زامترِہے، نہٕ نێچوہے، نہٕ کأنٛسہِ منسترِہے تہٕ باقی افسرن ہنٛزٕ أس نہٕ کتھے کلہٕ کڈنہٕ۔ ہاں! مگر حقدارس تہٕ گیہٕ نہٕ زانہہ حق تلفی۔ کیبنٹس منٛزٕ آو بدلے بوحرانا۔ واریاہو منسٹرو تہٕ جنگلاتکو بڈٕبو بڈٕبو افسرو لأج لابی بنأوِتھ سُلہٕ صأبَس خلاف ژوٚیہ کرنہٕ۔ مگر سُلہٕ صأبن تھوٚو سارِنے تالس نیوٚٹھ دِتھ تہٕ کھاجنکھ فینہٕ۔ اکثر پارٹی ورکر گٔھتی ودنس۔ کالہٕ پگاہ أسی نایب وزیرِ اعلاہس نِش بُتھِ بُتھِ دِنہٕ گژھان۔ تس تہٕ اوس جیرٕ آمُت۔ دپان اوسکھ، "أنم سوے وۄمِ سوے اُلجم سوے پانسے۔ شوٚٹھس ہا أس پتاہ سُلہٕ صأبَس پتس

تارِ نی گژھِ سہل۔ مگر یہِ دژاو پتہٕ مہِ آتھوارِ ہُنْد۔ یہِ ہسا چھُنہٕ آٹنہِ واٹنہِ یوانِ۔ کانْہہ ژھل پیٚیہِ سوچُن یتھ یہِ قوٚبو گژھِ۔"

رُشوٕ خور منسٹرن تہٕ افسرن سپز میٹنگ ہا اتھ موضوٗعس پیٹھ اماپوٚ زِ تِمن تِچس پیٹھ اَس نہٕ واتان۔ تام پیو اَکِس افسرس سُلہٕ صابُن زامتُر رفیق صاب تہٕ نچو حسہٕ لال یاد۔ دوٚ یکھ دارِس چھُ پھاٹوان پننہٕ نُے پوٚن سُہ ڈی۔سی تہٕ اوسُکھ پننہِ وتہِ کتھِ یسندِس دفترس منز حسہٕ لال کلاٗرک اوس۔ اَمہِ ڈی۔سی یَن دِژ یمن منسٹرن، تہِنْد بن سُلکن تہٕ باقی افسرن سُلہٕ صاب ناوِ وانِج یقین دِہانی۔ تِکیٛازِ تس تہِ اَس لانتہٕ منز چوٗنچا کھیٚنچ پاٚل۔ تمہِ اَنی ساری حرجہٕ ورتاوس تہٕ سپُد بیمہٕ ہُہر پننہِ رزِ منز گنڈنس کامیاب۔ رفیقُ صابَس دِتُکھ جنگل ٹھیکہٕ دٲری ہُنْد کاڈ تہٕ حسہٕ لالس دِتُکھ ڈی۔سی آفسس منز پُشتینی باشندہٕ سندِ (PRC) اِجرا کرنُک ٹیبل دِتھ اَسہٕ تھوٚپ۔

رفیق صابُن تہٕ حسہٕ لالن لاجاے سُلہٕ صابَس تہِ داے وِنْے۔ مگر کس؟ مُسہ ہاکپس۔ پننہٕ کنہٕ ہاٚوی ہس واریاہ نوٚنہٕ گر تہٕ تیلہٕ تلاو وونی گو کامیاب گیہِ نہٕ۔ سُلہٕ صابَس ییلہِ نہٕ مکرس ہاٚلے اَس لہذا اوننکھ نہٕ کیٛنْہہ جنگلی ژوٗرن پکھ وُرِنی۔ پوٚز بیمہٕ ہُہر رُوٗدی نہٕ پتھ۔ تموٚ گر رُشوٕ خورن ستی اَٹ تہٕ لاٚجکھ جنگلن لِتر وِایناوِنی۔ سُلہٕ صاب اوس شہرس منز سرکاری کوچھِ پیٹھ زیاد تر روزان تہٕ پنُن گام گھسنس اَسس کمتر فُرصتھ میلان۔ البتہٕ پننہِ کانسچونی ہنْد بن لوٚکن اوس اَمہِ سندِس دفترس تہٕ گرس منز بلا روک ٹوٚک یُن گژھُن جاری۔ اکہِ دوہہِ وونُس پننہٕ جانی یارن عبہٕ ڈارن یہِ ڈلِ زِ تہٕ بتھِ بتھِ دِوان دِوان، "سُلہٕ صابا جنگلن پھِرک پھش۔ ژٕ آسی ویسے خبر ے مگر مے سوٗنچ توتہٕ پاوے یاد۔"

"مے نسا چھُنہٕ خبر۔" سُلہٕ صاب ووٚتھس حاٚرتہٕ سان۔ "نسا کیٛازِ نہٕ رفیق صاب تے ٹھیکہٕ داٚری کران چھُ جنگلاتچ۔" عبہٕ ڈار ووٚتھس درجواب۔

عبہٕ ڈار دزِاو چاپا چیٚتھ، ییٚلہِ سُلہٕ صأبن دیُتُس معاملس چھان بین کرنک وعدٕ۔ یتی دوٗپنس، ''یُس قصوٗروار آسہِ تس یتی سپدِ قانوٗنی کاروأیی۔ ژٕ روز بلا وسواس۔ وُچھ خدا صأب کیاہ کرِ۔ سُلہِ صأبس چھُ خوفِ خدا برابر۔ منسٹر بننٕ یتی گووا بہٕ کرٕ اِیما نک سودا۔ تہٕ دٟن تہٕ دُنی یا دوشوے ژھُنکھ وبتھِ۔ ہر گز تہٕ ہرگو نہٕ۔ جان جایٔے پر وچن نہٕ جایٔے۔''

کھور نٕتھ پتٕھ تالہِ تام گُنڈِنس زن ریٚہہ۔ سکرٹریٹ واتوٗنے بُلاوُن پننہِ محکمین سارِنے بڈٕبن افسرن ہنز میٹنگ تہٕ پُرخاش کوٗرُن غأر قانوٗنی جنگل کٹایہِ متعلق۔ افسر و لاجاو گوڈٕ گوڈٕ کلِس ڈوٗل، مگر سُلہٕ صأبن ییٚلہِ لاکم چأرٕکھ پزٕر دزِاو دربازر۔ دئد ٹوٗی ٹوٗی وُونہس، ''جناب رفیق صأب چھُ ییٚمہِ سارِکُے ذِمہٕ وار۔ اسہِ سوٗنچ شاید چھُھوس توہیہ تہٕ یتی، امہِ سبہٕ گییہ أسی زیاد دے پہن گلہٕ زیوٚ۔''

سُلہٕ صأبن کڈی یم دوشوے بلا ضمانتہ گرِفتار کرنک حُکم، تہٕ پننِس یارس عبہٕ ڈارس کوٗرُن فونس پٹھ شکریہ زِ باخبر کوٗرتھس وقتس پیٹھ۔ یتی وُونس ''کوٕ کری کرِ ہے نامان پوٗتین ژھُنیا واو۔''



# اتھ ہاوُن گو اتھ کھیٚاوُن

میون یار آویٚژ کاٹُرِ سون از۔ اَسی رۄدی ژیرِتام دربار ژٲنان۔ مگر صُبحن گوس بہٕ حسبِ عادتھ ہُشیار تہٕ دٕراس چکرس۔ پٔنِنۍ کِنۍ کریٚام نہٕ ٹُھس ٹِھس، سۄنچام دوس گۆژھُم نہٕ اڈٕ ننبُدرِ گرژھُن۔ مگرتس چھےٚ گگرکن سُہ گو یکدم ملنگاہ ہیٚو تھوٚد وۄتھِتھ تہٕ دٕراوےٚ ستی چکرس۔ نومبرُک (کارتِک) دوہ اَسی۔ خوش یوٚن تر اَسی وٕژھمٕ وتہٕ وتہٕ اَس ہوٗنۍ سٕخ ووپھ راے کران تہٕ اورٕ یور کران۔ زن اوسکھ الیکشن لڑُن تہٕ اَس اَکی ہےٚ ٹینڈِس پیٹھ۔ بہٕ اوسُس سبٹھاہ کھۄژی کھۄژی قدم تُلان تِکیازِ ہوٗنۍ ٹوٗن ستی چھِ اِنسانس اناسیرٕ ڈلان۔ حالانکہِ انگریزی مقولہٕ چھُ Barking dogs seldom bite مگر اِنسانس چھاپتاہ زِہوٗن کرکرِ ووپھراے بنٛد تہٕ ژۄپ لاگہِ ہیٚون۔ اَسی رۄد کتھ کران تہٕ ہوٗنین کُن تہٕ خیال تھاٲوِتھ ڈوچرا ڈوچرا دِوان۔ ویسے اگر بوزو یِتھ مزٕ مےٚ کُنۍ ہےٚ ژٕنس چکرس چھُ یِوان تیٚتھ چھُم نہٕ زن بٔیِس ستی یِوان۔ خٲر یہٕ چھُ پٔنن پٔنن سۄنچ۔

از اوسُس بہٕ یارس ستی چکرس دٕرامُت۔ اکھ ہوٗنۍ جماتھاہ اَس اَکِس ہونیہِ پتہٕ پتہٕ پکان۔ اتھ جماژ منز اوس اکھ لاغر ہوٗن تہٕ۔ یَس واریاہ جتھ نیٚرتھ اَس

ژٕچھرٕ۔ شاید اوس ہونٛمن تہٕ Valantine Day تمہِ دوہ۔ یم ہؤنی اُس اُمِس ہونہِ لرِ پکِتھ زنتہٕ I Love You ونان تہٕ نیران۔ اُمِس لیوٚ ژ ہؤنِس اوس نہٕ موقعے میلان یہِ وٚنس۔ میٚون دوس اوس اتھ قِصس سبٹھاہ دِلچسپی تہٕ سنجیدگی سان سام ہوان۔ تتھ اوس بیاکھ وجہ تہٕ۔ تٔمۍ چھُ Animal Psychology پٔٹھ واریاہ کیٚنٛہہ پٔرمُت تہٕ لیٚو کھمُت ییٚمۍ کِنۍ سُہ مےٚ گاہ بیٚگاہ ونان اوس۔ قودرتی آوتس پننہِ نِس علٕمس یٕژ کاٹی پھیُر دِنک موقعہٕ۔ تٔمۍ وؤن مےٚ ہکہٕ ''ژےٚ چھیا سا پتاہ یہِ لاغر ہؤن کیازِ چھُ اسہِ کُن مُدعے گُنڈِتھ وُچھان؟'' مےٚ کوٚرُس کلہِ ہِلناوِتھ نکار۔ سُہ وؤتھ، ''یہِ لاغر ہؤن چھُ پنٕنۍ کنۍ اُمِس ہونہِ لرِ پکِتھ I Love You وُنن یژھان مگر یم باہِتے اُری دُری ہؤنی چھِس نہٕ وتھے دِوان۔''

مےٚ وؤنُس زأنتھ مأنتھ ''Animal Psychology ہنٛز زانکأری گیہِ پٔزُے مگر ژےٚ دژاکھ چھُپا رُستم۔ مےٚ نۍ دولہِ خرتگان پٔرزناوُن اِدٕ یٔتاہ زأوی جار فکرِ ترٕن۔ پٔزی پأٹھۍ ہاچھُکھ ارژ کال۔ مےٚ ونتاہ یہِ کُس تلخ یا شرٕین تجرُبہ چھُے ژےٚ یتھ ژےٚ اُمِس لاغر ہؤنی سُند نبض اتھِ آوٕ ے۔ یہ چھُس راوان ژکم کم کھوڑ پھیٚپہ چھےٚ ووٚنی ہیٚچھ مِژ۔ حالانکہِ یمن دوہن اُسی کالجہٕ پران اُسی ژےٚ نۍ زؤن مأج زؤن زانہاکھ۔ یٔتاہ زأوی جار کرہیوٚ چھُتھ ژےٚ۔'' مےٚ پیو سُہ واقعہٕ یاد ییٚلہِ اسہِ (مےٚ تہٕ میأنِس یارس) کالجِہ اکہِ کورِ تو ہمت کھاجیہٕ۔ ییٚلہِ کلاسہِ منٛز نیران نیران تٔمۍ سنٛز چؤنی (ساڑی) اُمۍ سٕندِس پین کِس کلس منٛز الہِ غأبہٕ اُکِس منٹس پھسے یہِ، تمہِ کورِ تُجا و عالم بالا نکھس۔ اُسی دوٚ شوے یار گیہِ چھِتہٕ۔ کالجس منٛز ریکارڈ صاف آسنک بتہٕ کال آیا و بڑ وٚنھی ییٚمہِ کنۍ معاملہٕ گیا وِستی رفاہ دفاہ بتہٕ ما ژھُنہان کالجِہ منٛز کڈِتھ تہٕ از آسہِ ہو اُسی دوٚ شوے ہونٛمن ستی تُل کھوان۔ اکھ گیاے خداے سنٛز گھر بیٚہِ ناوِدٕ سنٛز ژپھ۔ میٚون یار روزاو اُکِس ہفتس گری۔ از اُمۍ سٕندی زأوی جار

بوٗزِتھ اوٗسُس سوٗنچان پزٕ چھُنہٕ منزِ لُک، منز لِگے روزان۔ وقتس ستی ستی چھُ سوٗرے بدلان۔ میأنی یارن کو سہٕ ژوٗر گر بدلیتھ۔ یِیتس کالس دِژ تمی باقین ہوٗنین چھگ تہٕ لیوٗژ ہوٗنس تہِ آو اُمس ہونہِ ستی لرِلوٗرپکنس موقعہٕ تہٕ زنتہٕ ووٗننس I Love You۔ تام وأتی أسی پننس ماتالس تہٕ پھیری گرٕ گن واپس۔

میأنس یارس أس امہِ دوہ واریاہ کامہِ تہٕ مے کوٗرُس راتس سونے پنگ باند باند۔ تمی روٗچھ میوٗن دِل تہٕ شامن ووت ژھمبرِ ڈُلیتھ سون واپس۔ گلِ تہِ کانچھان دانیے۔ یہٕ تہِ اوٗسُس پزاران۔ اوِرچ یورِچ کتھا باتھاہ کرِتھ دِژ نیبھ۔ صُبحن دژ لیہِ أسی پننس وقتس پیٹھ چکرس۔ تام سمکھ اسہِ راتچ ہوٗنی جماعتھ بینہٕ۔ اندازٕ تہٕ عنوان اوس عین تہٕ غین کالہٕ گُے۔ لاغر ہوٗن راتکی پأٹھی، مگر پانیاں رسان، لُٹی ہِلگو ہِلگو، یتھ اکھ جُز وال تہِ اوس نہٕ زن أسس گاسہٕ رز، میأنس یارس نکھہٕ۔ سُہ (ہوٗن) اوس عارِضہٕ وچشموزنتہٕ میأنس یارس ونان "راجدھانی پیٹھ سوٗز کھ دِیَن از خبر کتھہٕ پأٹھی۔ یارس نِش (یعنے مے نِش) گوکھ دون رأژن۔ تمی تہِ لوٗژ رأوژے ستی کتھہٕ کُری کُری بوس۔ یہٕ تہِ چھُس چون سبٹھاہ شُکُر گذار زِ راتھ تھأوتھم ستن پیرن منتھ۔ ازتہِ ہے تہٕ ہمتھا۔ وأنسہِ روزے غُلام۔ ازتہٕ پکہٕ ہا اُمس ہونہِ ستی بس أکِس منٹس لرِلورتہٕ ونھس کینہہ نا منگے، لرِ پکے دِلبرو" میأنس یارس کھوٗت خرِ جہل۔ تمی تُل ڈنڈا اکھ تہٕ ہوٗنس بدلہٕ ترأونی أکِس کُلِس ٹاس پوٗنشہِ زن أسی پُلسہٕ وأل لوٗکن پوشنہٕ بجلیہِ گُلبن لاٹھی چارج کران۔ لاغر ہوٗنی تُج لٹ نکھس تہٕ ژُونچہٕ تجن دو۔ دوٗر وأتِتھ دِژن اسہِ گن کھوٗژی کھوٗژی پوٗت نظراہ۔ یارن ووٗن مے گن، "اُمِس ہوٗنس تہِ آس ہے ہمدرد لبنہٕ۔ ژکہٕ ہوٗن۔ زن چھُس یہٕ دِلہٕ پیٹھ یِہے کأم کرنہِ دفتر والو یور سوٗزمُت، سُہ تہِ صحأے صُحأے۔" مے گو اسن اسن ہِلی کانبن گُرس۔



# وأری

ایس۔ایچ۔او‌ہن (SHO) کری تم دوشوے تفتیشہِ باپتھ یونہٕ گام روانہٕ۔ یمن اوس واریاہ رنگہٕ سومبر۔ سوٚمس سوٚم نعمت بے سوٚم قیامت۔ أ‌کِس اوس قلم تگان جان پأٹھی چلاوُن تہٕ دوٚیمس اتھہَ دوشوے کتھ چھےٚ پُلسہٕ محکمس منز گون مانہٕ یوان تہٕ یتھی نفر چھِ محکمکی شوٗبھ بنان۔ أکی ہِندِ بیان لیکھنَس اُس نہٕ تھانس پیٹھ وأتتھ مُنشِس خوشکبتھ یوان تہٕ دوٚیمہِ ہِندِ اتھہِ چلاونہٕ ستی اوس تفتیشِس وُژہِ گژھان۔ سُہ اوس سوالِ دیگر زِ یم کتھ حدس تام أسی دوشوے کتھے باعمل انٛی یُژھان۔ تِکیازِ أکی سُند تَے چھُ وقتس ہِیٚہ سُند غذا بنان۔ پیٹھہِ چھُ پُلسہٕ محکمہٕ اتھ زُمرس منز زیادے پھن بدنام۔ فأصلہٕ ستی گس ڈرِس گژھہِ نوقصان یا گس واتہِ فأیدٕ پُلسہٕ والین کیاہ تتھ ستی دادِ معاملہٕ۔مورد جنتس گژھی تن یا جہنمس مُلارانان وکباب۔ یتھ گامس منز یمن از تفتیشہِ باپتھ گژھُن اوس سُہ اوس وُڈرد امنس تل آباد۔وُڈروسان وسان وژن قلم زن پُلسہٕ وأ‌لی، ''از چھےٚ مےٚ تھانیدار بننس وأری۔خبر یاد چھیا۔'' دوٚیم پُلسہٕ وأ‌لی کوٗرُس کلہٕ ستی أنکار یعنے یادٕ ے چھُم۔

بونہِ أکِس تل اوسکھ سطرنجہٕ فرد اواہر أوِتھ تھوٚومُت۔ مُلزمن سان اُس

موقدم، چۆکدر بیٚیہِ زٕ ژورمردِ آدم ہِتھ یمن پڑاران۔ تھانداران (یعنے گوڈنکی پُلسہٕ وأُلی) مُرکھور یتھ پہن، قدم رۆٹُن لۆت تہٕ چاأرن کونکھ۔ یِتِس کالس ووت دۆیم پُلسہٕ وول پنچاٹِتس نکھہٕ بونہِ نِش۔ ہِتھ نفروگرٕس سلاماہ بنٛدیکھا۔ بیٚہانِے وۆنکھ بامبرِ سان، ''تھانداراصاأب چھُ توت، لۆرٕ چھُ نا۔ لہٰذا اگری زبوکتھِ توٗلی توٗلی یتھ نہٕ خامخاہ بوہربایہٕ ہٕنٛدی کن زِتُھرأوِو۔'' تام ووت تھانداراصاأب تہٕ تہِ تس کٔیت اوسکھ تکیہ اکھ تہِ تھۆومُت۔ بیٚہان بیٚہانِے وۆنُن چۆکدرس کُن بُتھ چونٛگھراُوِتھ، ''کتہِ چھِوٕ تم ...... پھٹاپھٹ کرہٕ کھ پیش۔ اسہِ چھُ بیٚیہِ تہِ اَکِس دون جایَن واتُن۔ یِیٚتی نیرٕ یا ٹھۆلہِ منٛزٕ اَنٛزٕ۔'' چۆکی دار گو یکدم تھۆودۆتھِتھ زن دِژِس تُلرٕ ٹوپھ تہٕ دژاو بامبرِ ہۆت بیٚیس فریقس نادس۔ وتہِ وتہِ چھُ پانسے ءتی سونٛچان، ''اکثر پُلسہٕ وأُلی چھِ مکرِس پیٚمتی آسان۔ وونی گو اَزیکھ تھاندار چھُ نوٚوے۔ کیٚاہ پتاہ خوفِ خدا ما آسنس۔ تہٕ دیوٕ حاأج صاأبس پیٹھ چشمِ ترحُم کرِ، یس موقدم ہِنٛدِس پھوکس پیٹھ دوٚیم فریقن راہ چھُ کھولمُت، دیوٕ سہل بنکھ تہٕ اند یوٚر لگیس۔'' تام ووت حاأج ہِنٛدِس آنگنس منٛز تہٕ دیُتنکھ آلو، ''حاجا کتہِ چھِو۔ بونہِ تل چھِوٕ تھانہٕ وأُلی تہٕ پنچاٹی پڑاران۔'' دوشوے دژایہِ دارِ کنی کلہٕ کڈتھ تہٕ دۆپھوس بس وُتھی یون۔ آنگنہٕ پیٹھٕ دژایہٕ چۆکی درس ءتی تیز تیز قدم تُلان۔ حاأج اوس ووتلان تہٕ یوڈان۔ اما پوٚز نیچِوس رۆسُلِس اَسی نہٕ ڈُنٛس تہٕ ریٖشٕ گژھان۔ چۆکی درن وۆن رۆسُلس کُن، ''جانہِ بأن کرنُے گوٚو رُت۔ کتھ چھِوٕ عدالتن پھیرتھ وکیلن اتھِ چنٛدٕ ژٹاوِنی۔'' رۆسُل وۆتھُس درجواب ''تہِ حض چھُ پوٚز۔ مگر تم اَسی تن اورے ہینگن میٖژٕ لِدتھ۔ سانہِ نرمی ءتی کیٚاہ زن گژھِ۔''

''اگرے کنہٕ پیٹھ کُنی پیٚیہ تتہِ نیرن تمبرِ، ہرگاہ میٖژٕ پیٹھ پیٚیہِ تمبرِ مانیرن۔ موقدم تہِ چھکھ پکھ ولان۔ خبر اَمِس موقدمس کُس کینہٕ چھُ گوٚمُت زِتھنٛد چھُس یِتاہ

عداوتھ۔'' چۆکی درن وۆنُس ہمدردی سان۔

حأج ہمزٕ او جوابِ دِین مگر روٗسُل دِژ نہٕ تس وتھے تہٕ وۆننس، ''موقدمس حض چھُ ہٕسی کینہٕ گوٚمت۔ تٔمی وٕنی نا بابس زِ سُہ کرہے کورِ مےٚ ستی خاندر۔ بابہٕ ما کرٕہیس أنکار مگر مےٚ دِژس نہون کل۔''

''کیاز؟'' چۆکی درو وۆتھُس بے شۆنکھی پأٹھی۔

''نتہٕ چھےٚ نا حض خبر۔ گأمی گامس چھےٚ ترٕے گأمژ أمی ہنٕزٕ کورِ ہنٕز۔'' روٗسُل وۆنُس پھٹا پھٹ۔

''وُچھ سأنشاہس پتھ تہٕ چھےٚ غأبتھ آمٕژ ے۔'' چۆکی درن وۆنُس اور یور نظر دِوان۔

''روٗ دپنے چھنہٕ رب ووتھان'' روٗسُل وۆتھُس کھورِ ٹھیکرِتھ۔

حأج اوس یمن دوشوٕنی ہُنٕد ژھوپہٕ گرِتھ بوزان تہٕ پکان۔ تام وأتی بونہٕ تل بیٚتھتھ پنچأٹی تہٕ پُلسہٕ والی ہہتھ یمنے پزاران أسی۔ یم مألی پۆتھرو وچھتھ کوٚڈ تھانیدارن بڈٕ ہٹہِ یمن آلو۔ روٗسُلس گو سخ برتاہ۔ تس کھوٚت جہل شیٚشٕترٕ کھأر کرِ ہے ژٕہن مگر ژکھ ژاپٕنی۔ حأج تور بیا! تہٕ تھانیدار اوس لیکھان تہٕ منٕز منٕز اوس روٗسلس کُن خشمہٕ سان وُچھان۔ روٗسلس أس موقدم ہنٕز سخ شرارتھ۔ باسان اوس لتن تل رٕٹتھ کڈِہیس جان۔

مُدعین وۆن بیان تارنہٕ بژ وٕنہہ تھانداراس کُن کھوژان کھوژان، ''جناب اگر أسی جانہٕ بأن کرُن یٚیٚژھو......'' تھانیدارن ژٕٹُنس کتھ اڈٕ وتی تہٕ کونکھ رٕٹتھ وۆنُس، ''تمہِ باپتھ تہِ چھُو دوشوٕنی ڈربن تھانس پیٹھ واتُن۔ أخر أسی ہے ذہن کامین لتھ دِتھ یور تفتیش آمتی چھِ کرنہٕ، یہِ گژھیا بنگہِ أندری نژُن۔''

مُدعی وۆنس ''جناب بہٕ گوس تابعدار۔ لیکھِو بیانہٕ'' یہٕ گو ونان تہٕ سُہ گو

لیکھان۔ دۆیِم پُلسہٕ وول وۆتھ تھوٚد تہٕ تٔمۍ نێوٗ سُہ مردمِ آدم لوٚب کٔن، یُس بێیہِ گامہِ پیٹھٕ یور گاوِ مٔلۍ ہینہٕ آمُت اوس، تہٕ لوٚگُس رازدأری سان لوتہِ لوتہِ ونہِ "تُہندِ گامہٕ اوسُس یہٕ تھانیدارتہٕ بێیتہِ بنیوٗ ویہِ یُس بیانہٕ لیکھان چھُ۔ ژٕ ما گوکھ یہِ وُچھتھ حأرتن۔"

"نہٕ جناب نہٕ، یہِ چھُ تُہندِ دفتری معاملہٕ، تہٕ مےٚ کیٛاہ کھشرپأ جامس زنگ تژاوِنی۔ توہہِ آسہِ یہِ پتہٕ ہے دۆپ۔ بێیہِ چھُ مطلب کامہِ ستۍ۔ ژکھ آیہِ تہٕ کام دژلیہِ۔" تٔمۍ مردِ آدمن وۆنُس سێزر پأٹھۍ۔

دۆیِم پُلسہٕ وألۍ وۆنُس "وونی تھأوِ زِ پننہِ جایہِ۔"

"مےٚ کتھ چھےٚ زہرباد زنگ تژاوِنی۔ محکمہ چھُوٚ پنُن الہٕ گرۍ توس یا وانگن۔ یہِ خوش گژھِ تہِ گرۍ توس۔ ژٕ روزِ بلاوسواس یہٕ کڈٕ نہٕ کأنسہِ نِش اَمیُک اِبشاہ تہِ۔" سُہ وۆتھُس بےٚ غرض پأٹھۍ۔

"وُچھ حٔض بێیتہِ چھُ قرنہٕ پھیُر گۆمُت۔ ازکل چھا یِمن رنگروٹن (رۆسلس کُن اِشارٕ کٔرتھ) کینہہ فِکرِ کھسان۔ بێیتہٕ چھےٚ پننِس دستارس دہ یودہ یوا تھوتھف کرٕنی پیوان۔ نتہٕ دِن اسہِ پُلسہٕ والین طبلیچہٕ بلایہِ پوٚنز۔ تمۍ وۆنمےٚ کتھ تھاوٕنی پننہِ جایہِ۔ اِو یہِ وَنتم یِمن منزٕ کُس دٔرِس سُندٕ اَشناو چھُکھ۔" پُلسہٕ وألۍ پرٕژھُس رازدأری سان۔

"ہتھ حٔض یِمو منزٕ چھُمنہٕ کأنہہ دۆر اَشناو۔ البتہ اوسُس یور گاوِ مٔلۍ ہینہٕ آمُت۔ پےٚ کڈان کڈان وۆتُس یتھ پێنجہِ پیٹھ۔ بێیتہٕ بوزُم ہوٚمِس نفرس یِمۍ ہِندِس درخاسس پیٹھ توہۍ یوٚر تفتیش کرنہِ چھِوٚ آمتۍ، چھےٚ گاوٕ ژنٕز۔" اَمۍ وۆنُس سێزرے تل نَم پیٹھ نم تھاونہٕ ورأے۔ پُلسہٕ وألۍ دیُت بیہان بێہانٕ کتھن ژاپھ۔ مُدعی یعنے گاو وألۍ اُس صُلیٛچ کتھ تُجمژ۔ ٹیوٚٹھ داما چیتھ وۆن تھانٕدارن موقدمس تھوٚد دوو تھان ووتھان تہٕ پھکِس پیٹھ اتھ تھأوِتھ، "تلہٕ حٔض یور کُن پکھ اکھ قدم۔" موقدم تہٕ تھانٕدار گٔیہِ قدم دٕہ مرٕ لوٚب کٔن۔ تھانٕدارن زول سِگریٹا تہٕ دٕہ پھکراوان پھکراوان وۆنُن

موقدمس ''مےٚ چھُنہٕ جیٚر ہُند عادتھ، تمی کوٚڈ مِ سِگریٹ۔ ووٚنی وَنتم اگرے یم صلح کرن نہ گژھیا جان کِنہٕ تام لِتھ ناوہوکھ۔'' موقدمن ووٚنُس دماہتھ ''لِتھ ناوٕنی اَسی پزی۔ خاصکٔرتھ چھےٚ مےٚ اَمِس حاجَ ہِندِس نچوٚس روٚسلیٚنز مُرمُر دزان۔ مگر پتہٕ چھُ اسہِ کالہٕ پگاہ اَتھی پھاٹہٕ وَن وادس ہتی روزُن۔ لہٰذا اگرے کینٚہہ نیرِکھ اسہِ تہٕ تُس حرجہٕ گژھِ۔'' اونگجِہ تہٕ تھیوٚٹھس پھش پھش دِوان اوسُس ہاوان۔

تھاندارن موکلاو سِگریٹ چبتھ تہٕ دوٚشوے آیہ تہٕ پِیٹھی پتھر باقین پنچایتین ہتی۔ تھاندارن تھوٚو بیٚنہٕ کاغذن ہتی پان آوٗر۔ موقدمن برنوٚو چلمہِ تموک تہٕ لوٗگ دام دام دِنہٕ۔ چوٗکی در ووٚتھ تہٕ دوٚیمس پُلسہٕ واٗلِس نش بِہتھ ووٚنُن سارِنے کُن ''ہرگاہ زن دوٚشوے فریق پانہٕ واٗنی صلح کرن، تیٚلہِ تہٕ چھُکھا چوکہِ پیٹھ واتُن ضروٗری۔ جان گیا واگرے بیٚتہِ تھے سورُے انٛدِ ہے۔ قفیہٕ زمین برسرِ زمین۔ ووٚنی کتھ اوس پگاہ نوٚو بولو۔ مےٚ چھُ باسان تی روزِ ہے جان۔ روٗدسوال کاغذی کاروٲیی ہُند تھاندار صاٗب گٔری تن ساٲتیتھ یُتھ زن پگاہ کانٛسہِ ذٔرِس بدگُمانی گژھِ نہٕ۔ ہاں! اگر سرکاٗری خزانس منٛز کینٛہہ فیس بیٚترٕ برُن آسکھ سہ برِن۔ نیاے ژھوٚٹراٗوِتو۔''

''ژٕ چھُکھ تیتھٕ پاٗٹھی ونان زن چھُ اسی نیاَیس کُن دِیُتمت'' تھاندارن ووٚنُس بُتھ چونٛکھر اَوِتھ، زن آو پلہٕ پیٹھٕ پوٗز وٕتھتھ۔ چوٗکی در ووٚتھُس سبٹھاہ نرمی سان، ''نہ حضٕ توٚہی کٔی وٕنی تو سو کتھ۔ کتھ گژھِ کرٕنی خدایہ ہِندِ خاطرٕ تہٕ لور گژھِ تٔکنٕ بٲے ہِندِ طرفہٕ۔ تی گٔری تو یہِ جان گژھِ۔'' دوٚشوے فریقو کوٚر چوٗکی در ہنٛز کتھِ تایید تہٕ تھاندارن روٚٹ کتھِ ہُند دب تہٕ گیس شرارتھ ہنا کم۔ مگر موقدمس اوس نہٕ زنتہٕ ہٹس وسان۔ تس شٕر پیٚنہِ یہِ کتھ کِہے پٔہن تہٕ ووٚنُن ''تہِ ہسا اوس پوٗز۔ مگر سرکاٗری کاروٲیی تہٕ چھِ کانٛہہ کتھا۔ یہِ ماسپدِ دِس بدستی۔ ہنا کٔرِو صبر۔ آخر مُقدمس گو برابر اکھ وٕری، اَنزراونس لگبس نا اکھ ہفتہٕ تہٕ۔ چوٗکی درونان بہہٕ نیٚتھرٕ تہٕ تیمی دمہٕ۔ توٚت کھبنہٕ ہتی

چھُ ہیُر دزان۔"

تھانداران ژیوٚن موقدمہٕ ہنٛزِ کتھِ ہُند اِشارٕ تہٕ ووٚنُن پُلسہٕ بُتھ کٔرِتھ ''چوٚکی دار چھُ ژٕڈِس پیٹھ گاو پرساوِنی یژھان۔ نِوِ ژٕندوارے وأتی زبو تھانس پیٹھ دوشوے ژٕرۍ بمعہ موقدم تہٕ چوٚکی دار۔ باقین ہُند ینگ چھُنہٕ وونی کانٛہہ ضروٗرتھ۔ تتی وُچھو گٔہنز موج تولہِ سون تہٕ گٔہنز روپھ۔"



# ثواب اَٹہٕ بارِ

مےٚ اُس کوٗر اُڈی جہِ داُدَن ہنٛدِس ڈاکٹرس ازٕ بیٚیہ ہاوٕنی۔ اِد سا یمن ڈاکٹرن ہپژانہٕ ہپر بارٕ چھکھ آسان تیٚوٗ تاہ چھُکھ فیس آسان۔ ازکل کِس زمانس کوٚر سماجکو دہ یوٗ طائفو اولیا ہمن ہِنٛدِس پیشس تہِ باپار۔ اکھ گوٚ ڈاکٹرٕ تہٕ دوییم گیہِ ووستاد۔ حالانکہِ دہ شوٕنی طائفن منٛز چھِ کیٚنہہ جان تہِ۔ وٕنی گوٚ تِہٕنٛد تعداد چھُ توٚملِس منٛز کنس برابر۔ اکثر ڈاکٹرو چھُ پانس پور کھالنہٕ باپتھ Pre-appointment وقت بورڈن تہٕ نسخن پیٚٹھ لیٚوٗ کھمُت آسان۔ اڈِ گھنٹہِ پیٚٹھٕ ووت مےٚ اتھ نمبرس فون کران مگر جواب ندارد۔ بھارتِکِس اِٹھمِس شیڈیوٗلس منٛز یَس تہٕ کانٛہہ زبان شاٗمِل چھِ تتھ زبانٕی منٛز وژن میٚانٕی موبایلن out of reach, out of reach۔ بحرحال کُنہٕ تام کُنہٕ تام ٹٔلکھ فون تہٕ مےٚ لیٚکھنو وناوتہٕ دِتُکھ کھم نمبر۔ نمبر بوٗزِتھ گوس خوش سوٗچُم کاہ ناٗوی سُند کاہ چھُ دیٚوٕ رُت نیر۔ اسہِ لاٗج سکھر کرٕنی۔ ڈرایورس اوٗسُم بروٚنہےٚ فون گرِتھ تھوٚومُت۔ حالانکہِ گاڑی چھِ گرہِے منٛز مگر مےٚ یِیٚلہِ نہٕ چلاونک شوٚنٹ ےاوس، لہٰذا اٗسنٛی تہٕ نہٕ رٔسنٛی ہشی کتھا۔ گرس منٛز اُستھ تہٕ پتہٕ ڈرایورس ماتحت روزُن چھُ سبٹھاہ گرٛوٗٹھ۔ اماپوٚز اِنسان دِیا نارس نرٕ۔ پیٚٹھٕ یمن پرٛایویٹ کِلنکن تہِ از فایوٚسٹار ہوٹل گاٗٹی۔ ناوتھوٚد تہٕ نستہِ

گۅ۪د۔ بڑ وٹھ ہے دود دَگ کرِ ہے اِنسان اوس شفا خانہٕ گژھان تہٕ پژی اوسُس شفا تہٕ میلان۔ مگراز گژھِ بیمارس شفا قسمتس آسُن نتہٕ چھُس خدا ہے حاًفِظ۔ ازکل چھِ اکثر ڈاکٹر ٹرینِنگ موکلاونہٕ پتہٕ پریکٹس کرنہٕ کہِ گوڈنکہِ دوہہٕ پیٹھے تم لچھ وأدراتو راتھ کماوٕنی یژھان یم تمِس ٹرینِنگ کرنس پیٹھ خرچ چھِ آسان گاًمتی۔ یہ چھُ پوٚز ژٲر چھِ پھلہٕ خاًطرے حاًران مگر خوفِ خداتہٕ چھِ کاًنہہ کتھا۔ یتھی ڈاکٹر چھِ بیمار بٔلراونہٕ کھوتہٕ تمِس نِش زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ پنہِ چنٛدکہِ یلاجُک بندوبس ژھاران۔" یہٕ اوسُس لانس منز کُرسی پیٹھ بہتھ ڈرائیورس پژاران پژاران سونچان "یتھی ڈاکٹر چھِ بیمارس رنگہٕ رنگہٕ تہٕ قِسمہٕ قِسمکی ٹیسٹ، ایکسرے بیترِ کرناونہٕ باپتھ اکھ نتہٕ بیاکھ شاًکی تاُرکھ ہاُوِتھ والہٕ واشہِ لاگان۔ تتھ تہِ چھُ بیاکھ وجہہ۔ یتھین ڈاکٹرن چھُ یمن لیباٹرین ہنٛد بن ماًلکن ستی تہِ اَٹ آسان تہٕ تمن نِش تہٕ کمیشن رٕنگی جان کھژ رٹان۔ مورِٕ جنتس گژھِ تن یا جہنمس مُلا رانان وکباب۔"

یہٕ اوسُس اکھ نظر گرِ کُن دِوان تہٕ بیاکھ گیٹس کُن۔ ڈرائیورس ہنٛدِس ژیرِ گژھنس پیٹھ اوسُس سیٹھاہ پریشان۔ ژیری اوسُم اول ٹریفک جامُک کاًنٛہہ دویم اوسُم تمہِ اکہِ کِلومیٹر وتہٕ ہنٛز تہِ پریشاًنی یوسہٕ کِلنکس تام واتنس طے اُس پیوان کرِنی تلکیاٗزِ تیاًرکی اُس ژیری پکنس ہنا دِقت یوان۔ تام اوس ڈرائیور آمُت تمی اُسی پوٚت درواژٕ اَژِتھ کارٕ ہنٛز کُنز نِتھ کار گراجہِ منزٕ کڈٕ مٕژ۔ گیٹ مُژ روُون تہٕ یہ گوس کُرسی پیٹھ یکدم تھوٚد وُتھِتھ۔ یتِس کالس کڈ ماجہِ تھپھ گرِتھ نچ تہٕ بیہناًوِن کارِ ہنٛز پٔتی مہِ سیٹس پیٹھ تہٕ یہ بیوُٹھس ستی۔

وتہٕ پکان پکان دیُت واریاہ پاًدل پکن والیو سانہٕ کارِ اتھ۔ مگر ڈرائیور روٗد صِرف پکان تہٕ مے روٗدونان، "از چھُ لوٗکن منز بیاکھ وُلٹہٕ عادت تہِ لاریوٚمُت۔ پرائیویٹ کارن تہٕ چھِ اتھ دِوان، زن چھِ گورنمنٹ گاًڑی، اِدٕ رُکیو، کرایہ رٕٹ تہٕ

کھوٚت۔''

''سو چھنہٕ کتھ۔ کانٛہہ کانٛہہ چھُ مجبوٗر آسان۔ سأنی پأٹھی چھُس مانتہٕ ڈاکٹرس پان ہاوُن۔ پتہٕ کیاہ گو اگر أسی تٔہند پانس ستی۔ گژھنہٕ چھُ گژھُن۔ تمِی سٕندِ ستی کوسہٕ فرق پییہِ اسہِ۔'' مےٚ وۆن تَس سمجھاوان مگر ڈرایورس اوس نہٕ میون وَنُن زنتہٕ شرٕ پان۔ تام پھو بُتھِ موٚٹ دڑوٹ جوانا مگر لونگ لونگ کران تہٕ لۄر ڈکھرأوتھ دِتُن اسہِ اتھ۔ وارِیاہ ٹریفک آسنہٕ موکھ اوس ڈرایورلو تہٕ لوتہٕ پکان۔ یہ نفر آومےٚ دارِ نِش گلی زِ گنٛڈِتھ وۆنُن ''شوٚٹھس چھُ تتھی کِلنکس پٮ۪ٹھ گژھُن تہٕ ڈاکٹرس پان ہاوُن، لیس نِش توہہِ گژھُن چھُ۔'' مےٚ وۆن ڈرایورس دأرمۆژرنہٕ باپتھ یتھ لونگ کھٔستھ ہیکہِ۔ ڈرایوروۆتھ بوٗن دِلہٕ نتہٕ کِلہٕ دِی دِی، سونچان آسہِ ہے مےٚ کتھِ پأٹھی تارِ زمانٛچ ستم ظریفی فکرِ۔

اسہِ دوشوٕ ےلۄدسہٕ بڑوٚٹھمس سپٹس یہ ڈٕپٕ زِ تہِ کھکھرِ کھکھرِ۔ کاردڑاہِ۔ ووٚنی اوس اسہِ تمہِ سُنسان وتہِ لگ بگ أکس کلومیٹرس پکُن۔ أمی نفرن وۆن تس شوٚٹھس اوس ایکسیڈنٹ گومُت۔ ڈاکٹرٕ چھُم دپان آپریشن ماپییہ کرُن۔ تتھ چھُ لچھ بوٚد روپیہِ درکار۔ شوٚٹھس چھُنہٕ شب درشانڈ۔ کِشِن نم تام گلی ڈاکٹر وانن پھیری پھیری۔ دَے تھٔوی نو توہہِ وارٕ۔ مےٚ دِژوٕ لِفٹ، نتہٕ گژھِ ہمہ لۄنگ لۄنگ کران أڈی جن وارے ٹوکہٕ سوٚر۔ سہٕ اوس اتھِ ہیوٚرگن گرِتھ اسہِ بانڈِ دُعاے خأر کران۔ أسی چھِ پکان تہٕ ٹیپ رِکارڈس پٮ۪ٹھ اوس کمہِ تام فِلمی بأتک یہ بول چلان۔

جب بھی جی چاہیے نئی دُنیا بسا لیتے ہیں لوگ،

ایک چہرے پہ کئی چہرے لگا لیتے ہیں لوگ

تام گیہِ مشٹنڈِ نفر تارِ ڈٔنڈِ ہےَ ہےَ کھڑاتہٕ ڈرایورن دِژ یکدم بڑیک۔ میانہِ کورِ ژٕج ہکہٕ کرٕ بکہ نیرِ تھ۔ ''لالا'' مےٚ رٕٹ پانس ستی تہٕ کلس پٮ۪ٹھ تھوٚونس اتھ۔ یمو دِژ ڈرایورس

گردنہِ گُنی تھپھ تہٕ وولگھ بون۔ بہٕ تہِ ووتھُس بون۔ یاشاہ تہٕ پیر شاہ گٲرِتھ ترٛاُوبکھ ڈرٛایورس دُستہٕ تھاپر ژومبر تہٕ ییٚہِ ژھچ ہَس مُکالہِ پٲنٕشہِ۔ مےٚ کوٚر رُکھ ظاہر بجرِ کِنی لبجاظے۔ بہٕ گوس رٕو زِتھ مےٚ پھیٚور نہٕ چھہ تہِ۔ دوٚ پھ یکدم کٔڈ و چنڈِ منٛز بٹوٕ بیترِ۔ مےٚ اَس ہٕنٛس سونہٕ ہنٛز چین ییٚہِ اَٲسم اونٛگجہِ وأج ، سو تہِ دوٚ پھ دِنہٕ باپتھ۔ مےٚ گرٛیاو دِنس پس و پیش مگر کارِ منٛز یُس لوٚنگ اسہِ تُلمُت اوس سُہ تہِ اوس بون وٕتھمُت۔ سُہ اوس نہٕ لوٚنگ ٹِلِ کِہِ یہُنٛدے جوٚڑی در۔ تٔمی اوس لنٛجرُک چانگہٕ لوگمُت۔ سُہ کھیہ لیٚو و زیادٕ پہن۔ بحر حال مرتا کیا نہ کرتا۔ مےٚ کوٚر تمن یکدم تہٕ سوٗرے حوالہٕ تیٚچ تموٗ منگ گٔر۔ ژلن ژلن گٔرِ کھ ہواہَس منٛز فایر تارٕ تہِ۔ اَسی بچے یہٕ اتھن پھوٚک دِوان۔ کِلنکس پیٹھ وأتتھ، دم ستٕھٲلتھ تہٕ تزٕلیش چیتھ ترٛ وواسہِ پھرٛ کھ ہیٚو۔ ڈرایور اوس مےٚ کُن وُچھان تہٕ شاید أندری ونان ''ثواب کھوٚت اَٹہٕ بارِ۔'' تہٕ بہٕ اوسُس تس کُن صرف کٹہٕ أچھ گٔری گٔری وُچھانٕے یوت۔



# مالئُن

''یِہُس گیہِ گرمِچہِ چھٹیہ کٔشیٖر بجایہِ شُملہٕ گذارنہٕ۔ وٕنی گیہِ اسہِ ؤری ژٕہ مرٕ کٔشیٖرِ گرمس منٛز یِتہٕ گژھ کران۔ یِہُس گو Destination بدلاوُن۔'' لوٗلی وٕنٛ کوچ کھوٗان پننہٕ نِس خاندارس لوکیشس تہٕ شُر بن دون گُن۔ شُر بو کوٗ رژرِ پوٗپ تہٕ دژایہِ پننہٕ نِس Study روٗمس گُن۔

لوکیشنہِ فیملی ووت ؤری 25 مرٕ شِکاگو (امریکہ) ہَس منٛز بسان۔ یِمن ووت پرٕس تام رہتہٕ کالہِ برابر دون رٔتن کٔشیٖرِ تران۔ یِمن چھُ سری نگرٕ کِس اِندرا نگرس منٛز پنٛن اِکھ ڈُبوٗر مکانہٕ۔ بوٚنِمس پورس چھُکھ پننیٚ اکھ یار روزان تہٕ دوٚیم پور چھُکھ پننہِ باپتھ مچھے تھوومُت۔ تمہِ چہِ گنٛز تہِ چھِ یارس اتھی آسان تہٕ سُہ چھُ یِہنٛدِ یِنہٕ بڑوٚنہہ اتھ صفائی بیترِ کرِتھ تھاوان بیٚیہِ اگر کُنہِ جایہِ داغ دوزی کرِنی آسہِ تِتہٕ چھُس تھاوان کرناوِتھ یُتھ نہٕ لوکیشنہِ فیملی اتہِ کانٛہہ پریشانی پیش یِیہِ۔ لوکیشن چھنہٕ کانٛی ٹایلہ یا ماربل ستیٚ فرش کرنوومُت۔ سُہ چھُ تتھ وُڈرمیٛنٹ ستیٚ لِوناوان۔ تس چھُ سُہ لوٗن مُشکھ سبٹھاہ پسند۔ بتہٕ گو پتھرٕ بِہِتھ ژادر یا چوکہِ پٹھ کھیوٚن۔ Dinning Table وغارٕ چھُنہٕ تٔمی اتہِ تھوٚومت۔ گوڈٕ گوڈٕ گیاس شُر بن مُشکلیے مگر پتہٕ گیکھ پانے ہٲل۔ لہٰذا چھِ

تم (شُری) تہ شِکاگو، اِندرا نگرکہِ مکانٕچ کتھ کتھ گاہ بیگاہ کران۔ تمن دوہن زیادے پہن ییلہِ کٔشیر ترٛن چھُکھ آسان۔

لوکیش چھُ عجیب مزاجُک نفر۔ سُہ چھُ کٔشیر وأتتھ بِلکل پرٛأنی پأٹھی روزان۔ نتہٕ ہیکہِ ہے ناسُہ کُنہِ 5-Star ہوٹلس منٛز پنٕنی فیملی ہیتھ رٕتھ زِ گُذٲرِتھ۔ یہِ کوسہٕ کتھ چھےٚ تمِس نِش۔ سُہ چھُ پرٛوِن Chartered Accountant یَس امریکاہس منٛز وُری ترٛہ مرٕ ووت نوکری کران۔ مگر مزاجن چھُ سُہ کٔشیرِ ستی تتھٕ پأٹھی رٔلتھ زِ اِنسان چھُ وُچھِتھ حأران گژھان۔ تس چھُ کٔشیرِ ہٕندِ بن چیزٕن، کھینن چین اُسیٚ تن، پلو دلو اُسیٚ تن، گرِ استعمالُک سامان اُسیٚ تن، دیوان خان سجاوٕنک اُسیٚ تن، ہنٛز حدِ کھوتہٕ تہِ زیادے ماے۔ گرٛٹہٕ سوٚت، بیل تومُل، سُدرکانٛز، وأرِمُٹھ، سوژٕل، ووستہٕ ہاکھ، الہٕ کانٛجہِ، پُدنہٕ چیٹنی، الہٕ ژوکبر حتا کہِ الہٕ ہچہِ وانگن ہچہِ تام کھوان تہٕ باقی کھینن چیٖنٛچ چھنہٕ کتھے۔ حأرت چھُ تس چھےٚ یِم چیز بناوٕنک تہٕ تیار کرٕنک طریقہٕ تہِ پتاہ۔ اِنسان چھُ راوان کتہِ CA تہٕ کتہِ ہاکہٕ آنٛچاربرٕن تہٕ باقی سبزی بیترِ بناوٕنہِ۔ تتھے پأٹھی یہِ بانہٕ بٔنٛہِ دانہِ گٔٹھِن منٛز پرانہِ وقتہٕ اُس آسان تمےٚ چھُن ازتہِ سجأوِتھ تھأوی متی تِکیاز لیٚجہِ، دبگل وغأرٕ کُس چھُ ازکل استعمال کران۔ سماوار، کیٚنٛز کھأسی تہٕ لوٕکٹ لوٕکٹ تِتھی ہوی چیز چھُن نہ صرف سرینگرٕ ٹلی کہِ شِکاگو تہٕ واتنأوٕمتی۔ دیوان خانس منٛز ڈوٗنی لکرِ ہٕندی چیز تہٕ پیپرماشی ہُند سامانہٕ وُچھنہٕ ستی چھُ اِنسان سٕندِس ذیہنس عجیب طراوتھ میلان۔

رٕتہٕ کالہِ یور تتھ چھُ یِمن سارِنٕے چیزن صفأیی گٔرِتھ پننہِ پننہِ جایہِ سجأوِتھ تھاوان۔ اگر کانٛہہ چیز خراب آسہِ گوٚمُت سُہ شیٖرِتھ یا نوٚو أنِتھ برابری کران۔ أمی سٕندِس گرس منٛز چھُ پٕلھور، پٕچ، وگوٗ، کانگرٕ، گرٛٹنی، ژأنٛجہٕ، ووکھُل تہٕ کاجہِ وٕٹھ، کٔی تہٕ دوٗن وُچھِتھ اِنسان رٕوٗزِتھ گژھان۔ متہ چھُ گژھان رأسے پأٹھی تُلہاتہٕ تھاوٕ ہا پننہِ

گرِ۔ کٲشیرِ منز پٮ۪تمین أکِس دون ؤری ئِن وٕنِدس سبٕٹھاہ شیٖن پیٖنہٕ کِنۍ بدلیوو تمۍ ژھیٚپہٕ پٔش۔ تس آسۍ نتہٕ ٹیٖنہٕ پشس ستۍ زنتہٕ رٔش۔

کٲشیرِ ستۍ آس تس جنونکس حدس تام ماے۔ سُہ اوس نہٕ کٲشیرِ خلاف کانٛہہ تہٕ کتھ بوزنٕک روادار۔ کانٛہہ تہِ اوس نہٕ تس فونس پیٹھ یا Facebook پیٹھ کٲشیرِ خلاف کینٛژھہ ونس یا لیکھنس بوٗہران۔ مگر ازیوسہٕ کتھ تِمس گرٕ واجنہِ ڈِنر کران کران ؤنۍ تمہِ ستۍ گنڈٕنۍ تس کھورنبٕ پیٹھٕ تالہِ تام ریٚہہ۔ سُہ اوس أندرۍ دنٛد ٹکان۔ تہٕ شارٹ کٹس منز پنٕنۍ Reaction ہاوٕنۍ یژھان۔ مگر تس اوس نہٕ زنتہٕ پلہِ پیوان کمہِ ژولہِ وسہِ۔ سبٕٹھاہ ژٕبتھ دِتھ تہٕ اخبارس پھِرِ دِتھ، یتھ سُہ ہلٕۍ ورق گردانی کران اوس، وۄنُن کمہِ تام ہٹہِ لولی کُن، ''اِندرا نگرٕ پیٹھٕ چھکھ ضرۄرا کہِ دوہِ لٹہِ ملہٕ یار (حبہ کدل) ؤستھ تتھ ملبہٕ ڈیٚرس وُچھنہِ گژھان۔ اما سنا کیاز؟''

''سۆے میۆن مالیُن چھُ تۄہۍ کرٕژھ کتھ چھِو کران۔ اِد مکانہٕ زن چھُنہٕ کینٛہہ مگر تتیُکھ اونٛد پۆکھ، کوچہ، سڑکہٕ تم چھِنہ میانہٕ مالنٛکی شناخت تہٕ مےٚ چھُ ہتھ ہتھ لولہٕ ژلان۔ یہٕ چھُس نہٕ ڈٕہۍ دوہس تتہِ بیٚہتھ تنگ گژھان۔ تۄہہِ چھا یاد پرٕس ییٚلہِ مےٚ تم سیرِ پھُٹھ اکہِ طرفہٕ ؤٹھ تھاویہِ۔ تتھ فرٕس گل کِس کھوڈٕ منٛڈِس کُن وُچھِتھ چھُ مےٚ لوکچار پیٹھٕ کھانٛدرس تام سورُے یاد پیوان۔ خبر تۄہہِ چھا یاد پرٕس دِژاو مےٚ تتھ کھوڈٕ مونٛڈِس بڑٕ ؤنٛہہ کنہِ ئکِہ ہربوستۍ اورٕ یورٕ زنتہٕ ڈُون پھٔش تہِ۔ مےٚ چھُ تتمین تمہِ وٕیکیک چۄنہٕ تہٕ رنٛگ وُنہٕ تہِ دِپد مان باسان ییٚلہِ تۄہۍ کھانٛدرکہِ دوہ آنٛگنس منز وٕیکس پیٹھ مےٚ پرٕاران آسۍ وٕ۔ یہٕ چھِہ سو جاے ییٚتین تۄہۍ تہٕ بہٕ، لۄکہٕ ارساتھس تھٕی، اکھ أکِس لرِ لۄر ودٕنۍ آسۍ۔ اسہِ آپرٕاۆکھ برفی، رتنہٕ ژٕانٛگجہِ آلوبکھ، منٛدن مال گنجٕا ئکھ، میانہِ سورگہٕ وأسی ماجہِ......'' تَس ژوٕل اوٗش بٔکہِ نیٖرتھ۔ تہٕ تِمۍ ہیٚوک نہٕ امہِ بڑٕ ؤنٛہہ ؤنِتھ۔ تس گٔیہِ کٔتۍ۔ لوکیشن پلنوۄس تریشہِ گلاساہ مگر پانہٕ اوس أندرۍ سڑان۔ لولی

چھےٚ تژیش ساڑھِ پژھِ ستیٚ وۄتھرٕون اۆش تہٕ اپارِ آیہٕ شُربن نظر دِتھ۔ تمہٕ اُس پڑھایہ ستیٚ آوٕری۔ تمۍ کوٚر تمن تھوتھ کرنہٕ ورأے درواز بند تہٕ وأژ لوکیشس نِش پوٚت کھورِ واپس یُس ووٚنی بیڈرۄمس منز بیڈس کُن ڈوٗکھ تژ اُوِتھ اوس۔

''ووٚنی وٗنی تو توٚہہِ کتھ پیٚوٕ ملہٕ یارِچ کتھ یاد'' لولی پرٕژھس کھوٗژی کھوٗژی کم تام ہٹہِ۔

''یوٗنہی، بٔلی'' لوکیشن ووٗنُس۔

''توتہٕ، ووٚنی گو وننۍ جان۔''

''یُتھ نہٕ بیٚیہٕ اُچھن حُکم دِکھ''

''ہاں۔ مےٚ اُسو پتہٕ اتھ سنان۔ سہٕ آیام بُکھ ہیوٗ نیرتھ۔''

''تیلہٕ ونا''

''آبالکُل، تہٕ بے والیہ پأٹھی۔''

''یتھِ پأٹھی ژٕ ملہٕ یارِکس میٚژ ڈیرس مالئین مأنتھ ماہ تہٕ میٹھی چھکھ کران تِتھے پأٹھی چھےٚ کُل کشیر، یتھ منز نہٕ صِرف تتکی باغ، ون، مرگہٕ، آبشار، ناگ، کوہ تہٕ بال بیترِ، بٔلی کہِ تمہ گنڈی زرنڈ تام یمن کُن اکثر پلوروٹان اُسی چھُ میوٗن مالئین۔ اتھ مالِنس تژ ووٗتھ ژےٚ شملہ پارسنکس تہٕ ووٗنتھ یہُس بدلاوٗو Destination۔ اگر Destiny بدلہِ، میوٗن Destination بدلہِ نہٕ مرنالس تام۔ بس یِتے اوسُم وَنُن۔'' پتہٕ لگیٚ تس تہٕ ہکی ہوی۔



# ترٛشنا

سُہ پوٚ صُبحٲے سون وٲتِتھ۔ بہٕ اوسُس اخبار پران تہٕ چایہِ گولا گولا تہِ چوٚان۔ گیٹہٕ پیٚٹھے لٲجِن ژٲ کھٕر زِ بہٕ آس۔ مےٚ ترٛ ووڈرایِنگ روٗمس بریلہٕ تہٕ سُہ گوٚ صوفس پیٚٹھ یکدم بہتھ۔ ٲلی واکھ گٔرِتھ موٚنگُن ترٛیشہِ گلاسا۔ ترٛیش چیٚتھ وۄتھ مےٚ گُن، "تلہٕ ساتھاویہِ اخبار تام بنٛد، بہٕ بوزٕ ناوتھ از ہم خبرٕ یوسہٕ بوزنس تہِ سننس لایق چھےٚ۔"

"اِد ساٚ فرماو ژےٚ کٔمی کوٚرُے ٹھاکھ۔ صِرف ونتہٕ چایہِ چھاٚ مٔدرٕ بر برابر ترٛاوُن کِنہٕ کمے۔ پتہٕ چھکھ ناچاے چیٚتھ ءکٹھ کڈان۔" مےٚ وۄنُس اَسان اَسان۔

"ہے تہِ نساٚ چھ کتھ۔ مٔدرٕ بر ترٛٲ ویٚوٕس برابر۔ مےٚ ہسا اوس وُنن زِ بہٕ اوسُس راتھ تتھ پرایوٹ کِلنکس پیٚٹھ بیٚیہِ گوٚمُت۔ تہٕ تتہِ دژ ایم ساٚ رےٚ فُٹ یتھ مےٚ رٕتھ پاٚنشہِ مرٕ ژرژان ووت" تٔمی وۄن رازداٚری سان۔

"پتہ ہے چھم ژےٚ ووتُے اوٚ رمٔژی مٔژی گرٛھان۔ مگر خبر ما چھکھ ونان۔ خبر پیٚژ اتیلہٕ زالے کتھ پیٚٹھ چھکھ کران" مےٚ پرٕژھمس حاٚرتہٕ سان۔ سُہ وۄتھ مےٚ گُن کپ وُٹھن گُن زِوان زِوان "یِوٚت بےٚ تاٚبٕ مسا آس لاگان۔ اٚسی اٚسی دوٚ شوے

بأژ راتھ روزی ستی تور گأمتۍ۔ تمس اوس ملاحظہٕ کرناوُن۔ گوڑ کیاہ ونو۔ اِنسان چھُ اَز راوان۔ گاہے چھُ وُچھتھ اوٗن تہٕ گاہے بوٗزِتھ زوٗر پھوان لاگن۔ یہٕ چھا سأنہ پزٕون وق۔ ییتِس کالس نوش کوٗر پزٕسان تہٕ اَس زِٹھبن اَس نہٕ پیی لگان۔ اِدِ یہٕ وق۔ ہیٚوٕنہٕ خأرِ پیٹھے چھُ ییمن ڈاکٹرن پان آسان ہاوُن۔ گرا اکھ اِنجکشن کرُن آسان تہٕ گرا بیٚا کھ۔ اکہِ ربتہٕ اکھ ٹیسٹ تہٕ دوٚیمہِ ربتہٕ بدل۔ نوشہِ کورِ ہُند دوا کھیے کھیے چھِ باقی بأژ تہٕ پسرِ یوان۔"

"ژ چھ سأ زمانہٕ بدلیو و۔ تیٚلہِ اوس پزٕتھ کانٛہہ چیز صاف تہٕ شۆد میلان۔ اِدِ ییٚیہِ ژِ نوشن کوربن تہِ اَس نہٕ ییمن ڈاکٹر وانن پیٹھ زیادٕ پتہٕ گژھ لگان۔ ازکس چیز چھُ ییتھ نہٕ اَسی مِلاوٹھ چھِ کران۔" مےٚ وۆنُس کُنہِ توہ تمبلی ورأے۔

"ستہٕ پأٹھی چھکھ ونان زنتہٕ بہٕ مِلاوٹھ خور چھُس۔"

"نتہٕ چھسا بہٕ۔ مگر ییم کران چھِ تم لۆکھ تہِ چھِ سانہِ سماجکی فرد۔ تم ما چھِ بیٚنِس دُنیاہس منز روزان۔ تم تہٕ چھِ اسہِ ژھایہ ہٕندی پأٹھی ستی آسان۔ ازکلُک اِنسان چھُ راتو راتھ کرورپتی بنُن یژھان تہٕ چھُ ژھٔلی، ٹٔگی تہٕ ٹٔلی سأری حربہ ورتأوِتھ پنُن بول بجا انُن یژھان۔ باقین گژھی تن الہٕ یا وانگن۔ ییمن مِلاوٹ خورن ہٕندِس تل ہٕدِس ئُندِ تھ۔ خامخاہ زٕ تھٕر وو اسہِ بحث۔ اصل شیٚچھ تھأوِتھ وُنہٕ تہٕ پجہٕ تلے" مےٚ وۆنُس وضاحتہٕ سان۔

"بہٕ چھُس دراصل سوے کتھ ژےٚ باوُنہٕ آمت۔ یہٕ پیوم ضمن یاد۔ پیٹھ یوسہٕ ژےٚ مِلاوٹھ خورن ہنز ژُج دِژٕتھ اسہِ ستی چھُم واریاہ کینٛہہ یاد پیوان۔ اۆتر ے اوُسم اکھ دوستا ونان زِ سبزی ییٚن، میوٕس علاوٕ ہسا چھُ ازکل ٹھولن تہٕ اِنجکشنو ستی کُستام دوا یوان برنہٕ۔ ییتھ تم جل جل گانٛڈ گژھن نہٕ۔ مےٚ ہسا ژٕج کھورو تلہٕ میژٕ نیرتھ۔ مےٚ نسأ کریہِ تمٕ ہٕندِس ونِس پزٕ ھے مےٚ دوٚپ اَمی لأے اَنی مأنی گیٚلاہ۔ مگر پتہٕ ییٚلہِ تمی

پۄر باوتھ کرنم بہٕ گوس قاٲیل۔ بہٕ اوُسس پنہٕ نِس نِکس دوِد بجایہٕ ٹھۄل کھنبس کہن کہن کران۔ پَتہٕ أز کی شُری یم وُنہِ چھکھ وارنین ہٕنڈی پونسہٕ بقایاہے آسان، مول موج چھِکھ ہُلے وے سکوٗلن درٕج گرِتھ یوان۔ ییٚہ چھِ دپان زیادٕ کالس تھوڑی چھکھ تتہِ روزن، گھنٹہٕ ز گھنٹہٕ صرف۔ اِنسانس چھُ متھ گرٕھان زِنوشہِ نچوس ترٕاو ہا شلکھ گرِتھ۔ مگر کرو کیٛاہ نارس دِموانرِ۔ سارِنے چھُ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ پاٲنسہِ کماوُنک چسکہٕ ژامُت۔ ''تمی وۄن تفصیل دِوان دِوان تہٕ بہٕ اوُسس اصلی شیٚچھ بوزنہٕ خاطرٕ بے تاب۔ تمی تھوٚو کلام جاری تہٕ لوٗگ وننہِ ''اوٚ ترٕاوُسس اتھ کلنکس پتھ راتس ہتھ تکیاز اسہِ اَس روزی تتہِ داخل گرٕمژ Delivery باپتھ۔ شُکر دَیس کُن تس گیہِ ڈیلوٕری۔ مگر یُتھ نہٕ سونچِک نارمل، لوگُٹ موٗکٹ آپریشن نہٕ ئلی کِہ باضابطہٕ Caesarian۔ دوشوے رۄدی وارٕ وتہِ تہٕ اسہِ گر أندری أندری تھرٕ۔ مےٚ ییٚلہِ تَس ڈاکٹرس ہنجاری پاٹھی پرُژھ اُخرنوٗن رتبن چون یلاج گرِتھ کیٛازِ پوٚ آپریشن کرُن سُہ وۄتھُم بڈِتھ تہٕ بوٗلِتھ ''یم چھِ ڈاکٹری زاٗوی جار، یم چھِنہٕ سارِنے فِکر تران''، تہٕ ژاو شی گرِتھ آپریشن تھیٹرس منز ییٚہ تتہِ گُستام آپریشن کرنہٕ۔ بہٕ رۄدُس ہانگل ہیٛوٚ وُچھان تہٕ دند ٹکان۔ تام اوس بیٛا کھنٕ اِیٛنچس پتھ ہتھ شاید ما آسہِ ہانس بہٕ اَمس ڈاکٹرس ستی کتھ کران وُچھمُت۔ تمی ہووٚمےٚ اتھہٕ ستی اِشارٕ ینچس پتھ بیہنگ۔ بہٕ گوس تہٕ بیٚوٹھس تس نِش۔ تمی لوٗگ بدل فلسفہٕ مےٚ فِکرِ تارُن۔ دپان چھُم ازکل کِس زمانس منز گَس چھنہٕ ترٕ شنا۔ اَمس ڈاکٹرس کُس راہ کھارو۔ کالہٕ پگاہ چھُ اخبارن، ریڈیوہَس، ٹی۔وی چینلن، سوشل میڈیاہَس پتھ یِتے ہاوان زِ کمی لیڈرن، کمی مہاتماہن، کمی افسرن کاٚتیاہ غبن تہٕ گپلہٕ کری۔ سائنس مُلکس ہے برٕ گہ ہندی پاٹھی کانہہ تانِے چھنہٕ سیوٚد۔ لیٚج تہِ ژوٗرتہٕ گَج تہِ ژوٗر۔ عام اِنسان چھُ پھکھ گھنبس وۄتمُت۔ ونہِ گَس تہٕ بوزبس گَس۔ نتہٕ ونتہٕ اَمی ڈاکٹرن چھا دبِہ ہندِس کالجس منز ٹریننگ گرٕمژ۔ ہماری

بِلی اور ہم سے ہی میاوٗں۔ ییٚتہٕ ہسا چھُ مُتۍ آب وۄتھمُت۔ دِنظر ہوٚمس لڑکس کُن یُس ریسپشن ہِکس کیبنس منٛز کُرسی پیٹھ بِہتھ چھُ۔" مےٚ دِژ نظراتہٕ وُچھم اکھ لڑکہ ؤہرِ 19 یا 20 ہتھۍ، مگر اُمِس اتھِ زن تہٕ کوٚر اتھ مُشکلی سان پٔن ہبکان رٔٹتھ۔ اگر نےٚ کھوورِس اتھس کیتھ بڈ رومال آسبس سارِنےٚ کاغذن گرٛھ لالہٕ ستۍ کُنےٚ۔ لال اوس ستۍ ستۍ وۄتھراوان۔ اُمۍ تھوٚو پنُن کلام جأری تہٕ وۄنُن ""یِیمہِ کلنہٕ کُک مألِک چھُ یِہےٚ ڈاکٹر۔ اُمۍ چھِ سرکأرۍ نوکری ترٛاوِمٕژ، مگر زنان چھس سرکأری ہسپتالس منٛز وُنہٕ نوکری کران مگر ونے کیاہ مےٚ چھےٚ گامہٕ پیٹھٕ اُشناوس اُکس ہنٛز خاندارٕنۍ ییٚتہٕ دأخل۔ تم بیچأرۍ اُسۍ پننہِ غرٛیبی ہِکنہٕ سرکأری ہسپتالس پیٹھ زٕ دوہ بڑوٚنٛتھ گأمتۍ تتہٕ وۄتھمک نہٕ خاص باز پُرخاشاہ کینٛہہ۔ اُمِس ڈاکٹر ہنٛزِ زنانہٕ یُمس ستۍ وُنۍ ژٕ کتھ اوسکھ کران، پوٚرُکھ واعظ تہٕ سیٚز راوٕنۍ پننس ییتھ پرٛایویٹ کلنکس پیٹھ۔ تِکیاز ِ لالہٕ موٚت چھکھ ناکُنہٕ اُچھ گاش اُمِس ماپۄشکھ۔



# زِنٛدٕ

مژھِ گرٲستھ تہٕ گیاس بہٕ تھوٚ دٕ ؤتھتھ وُزکس گلاکس وقت وُچھنہِ۔ تِکیاز
نِکس اوس ناکہِ بجہِ واتُن تہٕ مےٚ اوس سُہ نیٚبر مہِ سڑکہِ پیٹھِ سکوٗلچہِ گاڑِ منز رٲٹتھ گرٕ
ژاتُن۔ وقتچہِ قدرٲس مےٚ شیٖٹھِ ڈٲلتھ ازپلہِ پیٚمژٕ۔ حالانکہِ 37 ہَن وٕرییَن سرکٲرۍ
نوکری کٔرِتھ تہٕ زن اوسُس آچھرُ ے۔ زانٛہہ اوسُم نہٕ ژیٚر گژھان۔ افسرٲسی نیٚوین
نوکری لگٕمتین رنٛگہٕ روٗژھن وقتچہِ پابندی تہٕ قدردٲنی باپتھ اکثر میٲنۍ مِثال دِوان۔ افسر
ہٕشرِ زیٚوِ یِڑھ ہٕش کتھ بوٗزِتھ اوس مےٚ تہٕ بوٗش کھسان۔ کھسہِ ہم نہٕ کیازِ، ژکہِ چھُس
بہٕ تہٕ اِنسانٕے۔ مگر ازچھُ فِکرِ تران دراصل اوس سُہ (افسر) مےٚ تھٲنٛز کٔرِتھ ودٕتہِ انان تہٕ
کٲم کٔرۍ کٔرۍ یار والان۔

بہٕ دژاس گیٹہٕ نیٚبر تیز تیز قدم تُلِتھ یُتھ نہٕ نِکنہٕ سکوٗلچ گاڑی مےٚ بل چُک
کرِ۔ ہرگاہ تُس دَے رٕچھنٕز دب دژس لوٗگ شوٗٹھس کرن گرٕکی ستھ گز آسمان۔ تہٕ ونم
خبراخبارس کُن گو! آوٗر، کِنہٕ فیس بُکس پیٹھ اوس یارن دوستن سٕتی گپ ماران۔ بہٕ
زن ہاوکھ اتھ رٲٹتھ بھگوان تہِ سوکتھ نسأ چھنہٕ، میٚون گُس بوزِ۔ گرس منز چھُم فقط یہے
کامہِ ہواو۔ ہرگاہ اتھ تہِ زیر زبر گژھم شوٗٹھ لِو نہٕ کھٔنڈ ہار۔ گرٕیٹک تہٕ پرٕیٹک کڈنم کنہِ

کنہٕ۔

مٮ۪ون گٔس بوزِ۔ بٔڈِس چھِ پتہٕ ساٲری ژ کھِ گژھان۔ سُہ زن ونہٕ ہے "وٲنسہِ گرٕم تپلہٕ وٲنۍ دانٛدٕ ہنٛدی پٲٹھی کنہٕ پٮ۪ٹ گنٛڈِتھ گرٕ باپتھ کاٚم۔ دۄ پٮ۪نس ساٲرِوٕے کوٚر ییٚ ژٕ کیاہ لولی گرتھا۔"

شُکر دِیَس کُن حکوٗمتس چھ مُلاٗزمہِ ہنٛز تژٕ ہن، پاٗنژٕ تژٕ ہن ؤری یَن ہنٛز خدمت گنٛذ اری ژبتس تہٕ چھُس اکھ مُشخص رقم رہتہٕ پتہٕ رہتہٕ پٮ۪نشن رٕنٛگی بنک کھاتس منٛز جمع کرناوان۔ ؤہری ؤہری چھُس پننہِ زِنٛدٕ آسنٛچ سند پیش پھوان کرٕنۍ۔ اما سنا زِنٛدٕ آسُن گواشاہٕچ کھسہِ وَس جاری آسُن۔ حکوٗمت چھُ اتھی کھسہِ وسہِ زِنٛدٕ مانان۔ شاہن ہنٛز کھسہِ وسہِ یوٚت چھا زِنٛدٕ آسنٛکھ ثبوٗت۔ مےٚ باسان سےٚ اِنسان چھُ زِنٛدٕ یَس پٔزی پٲٹھی تم ساٲری گون مۄجوٗد آسن یِمہِ باپتھ سُہ دین یتھ سنسارس منٛز سۄزمُت آسہِ۔ اتھ منٛز چھےٚ اِنسانیت سرِ فہرست نتہٕ گو اِنسان اکھ بولوٗن جاروٲے۔ اِنسانس چھا زِنٛدٕ روزنہٕ باپتھ صرف شاہٕ تٕلنٛچ کھسہِ وسہٕ کاٗفی۔ کنہٕ تس چھُ امہِ علاوٕ تہٕ ہتہٕ بزٕ کتھےٚ پانس اندر رٕژھرِتھ تھاوُنہِ، اِد سپدبس زِنٛدن منٛز شُمارٕ۔ اِنسانس ماچھُ اشرف المخلوقاتن منٛز شاٗمل سپدنہٕ باپتھ واریاہ پڑاو طے کرٕنۍ۔ یتھ سُہ اِنساٗنی روتبہٕ پٔز پٲٹھی پژٲوِ تہٕ روزِ زِنٛدٕ۔

سائنس دان چھنا ازکل شیشترٕ کھنٛجن تہٕ تارٕ ٹکرن ہُنٛد روبوٹ بناون، یِم عام اِنسانہٕ ہنٛدی کھوتہٕ تہٕ جان کاٚم کران چھِ۔ فقط چھُکھ نہٕ وُنہٕ تِمَس دِل ہیوٚ کمُت بناوِتھ، یِمہِ کنۍ اِنسانس چھُ وُنہٕ تہٕ کم کاسہِ اِنساٗنی وصف بچِتھ۔ بہٕ اوٚسس یژےٚ کتھٕ پانٕہےٚ سٕتۍ داٗنۍ راوان، تام دٕژ گاڑٕ زورٕ ہارن تہٕ بہٕ زن گوس مژٕ نٮ۪نٛدٕ رٕہشیار۔



# پٕنٕہ ہچہِ باہ ترچہِ

موم ہِ شیٖخس اوس از برابر اکھ وٕری گوٚمُت سو پیٹھ بند گرٕ ہتِس۔ تس اوس أز ییک تأریخ وأنچہِ ہند بن پرٕن لیکھتھ۔ خاندارنہِ أسس چایہِ سماوار تہٕ ژوچہِ ہن بنأوِتھ بزٕ وٕنٹھ کنہِ تھأوِمژ۔ مگر سہ اوس اکہِ بالہِ وسان تہٕ دوٗہس کھسان۔ سوٗنچان اوس ''جدٕ بڈٕبن، بڈٕ ببن، مأکی تہٕ پانہٕ اوٚسن یہِ کارالہِ پلہِ ہتس وٕری یس پکنو وُمت۔ تمن ایامن اوس غرٲبی ژوپأری نال ووٚلمُت۔ اِموکھ اوسُم مأجِس لوکچارٕ پیٹھے اتھ شہلیوٗمُت۔'' حالانکہِ ییٚلہِ خاندرکرٕ یاہس تمن دوٕہن تہٕ أس ٹیٹھ چاے تہٕ سوٚت کھیتھ دُ وقت خوٚش تہٕ خوشحال پأٹھی گزاران۔ تس اوس کالکُ بتہٕ یاد، ییٚلہِ خاندرٕ کی دوہ تُمی ہشرٕ ماسہِ جنتی قہوس زٕ پیالہِ ٹلِتھ تھأوِیٕمتہٕ أسی۔ یُتھ پگاہ صُبحن مہریںہ تہٕ ہشرٕ دودٕ ماجہ چاوِ۔

پٕنُن پُشتینی کارترٕ اُوِتھ باغہٕ ٹکرس وأتُن اوس موم ہِ شیٖخنہِ باپتھ اکھ کرٕ وٕٹھ تہٕ نیٚوٗٹھ سفر۔ حسہٕ لال، یِہُند کنہِ واجہِ کوٚٹی اوس از برسرِ روزگار۔ تُمی اوس مأجِس پننہٕ نبن جدن ہُند کارجأری تھوٚونس ٹھاک کوٚرمُت۔ پنٕنی قسم دِتھ اوسنس زنتہٕ شیٖشترٕ ہأنکل نالی ترٲوِمژ۔ تس اوس نہٕ بزٕ وٕنہہ پکنس وار نہٕ پتھ پھیرنس وبستار۔ پتہٕ کھےَ تہٕ بزٕ وٕنٹھٕ نار۔

یمن غوطن گژھتھ اوس اتھ زٕ ہیوٚ رگُن تلُتھ خدایس رحمک درخاص کران۔ خانٛد ارێنٛز دۄیمہِ کمرس منٛز اژنہٕ ستی گو زنتہٕ مژ نیٚنٛدر ہُشیار، ییلہِ سو سماوار واپس تُلنہٕ ژایہِ۔ موٗمہٕ شیخن چاے نہٕ چٔنبس پیٹھ سبز سبٹھاہ حأران تہٕ پریشان تہٕ۔ تکیاہ زِ سماوار بیتر اوس تمی آیہ۔ ییمہِ آیہ تمہِ تھوٚو مُت اوس۔ پتھر ہتھ لٔج خانٛدارس تھلہِ تھلہِ وُچھنہِ زن اُسی ستھ راٗژ مہربن مہراز۔ بیہان بیہانے دِژن اُمس پرٛ ھ دِنن زِ سہ آیاولبہٕ کُن لاینہٕ۔

نیچوٚ اوسکھ استانن دشہِ گنٛڈی گنٛڈی خانٛدر پتہٕ الہ پلہٕ اُٹھ وٚہری زامُت۔ تس اُسی ژھایَن تہٕ گراین وُچھان۔ میلہٕ کاکنٛز کنٛڈتھ گُرس دین یأری تہٕ بنیوٚ کالیج پروفیسر۔ دوشوے بأتز اُس روگھناتھ ماشٹر جیس ہر ساتہٕ دُعاے خأر کران، تیمی یہنٛدِس اکہِ ننٛدنس شفقتُک اتھ ہمیشہِ کلس پیٹھ تھوٚو مُت اوس تہٕ ییمہِ کہٕ برکتہٕ سہ پال بچھِ لوٚگ۔ موٗمہٕ شیخن بیہنایاو دٔہمہِ منٛز گری تہٕ لاجان پنہٕ نِس کارس یہِ وٗنتھ زِ اتھ چھِ تنگی۔ مگر تٔمی ماشٹر جین دیُت نہٕ کُلیتاُ تس تہِ کرنہٕ۔ پانہٕ تہِ اوُسس ہتہِ رٔنگی اتھ روٗٹ کران تہٕ ژاٹہٕ ہالہِ طرفہٕ تہِ اوُسس وظیفہٕ بیترِ دیاوٕ ناوان۔ کوٗٹ اوس زیرُک، ہونہار تہٕ محنتی، لہٰذا اگرس دین تہٕ یأری۔

دیان وۄستاد تہٕ مول موجے یوت چھےٚ پانس تھوٚ دیا کھ وُچھتھ ہبکان۔ وۄستاد شاگردِس تہٕ مول مأج اولادس۔ ماشٹر جی روگھناتھ تہِ اوس اُتھی زُمرس منٛز یِوان۔ موٗمہٕ شیخن کار بدلاونس منٛز اوس حسہٕ لالُن گوڈ ماشٹر جیس ستی صلاح مشورٕ کوٚرمُت۔ سہٕ اوس نہٕ ماشٹر جیس ورأے اکھ شاہ تہِ ہوان۔ نوٚو مکانہٕ اوسکھ بنوومُت تہٕ ہردِ اوُسس وۄنی خانٛدر تہِ۔ کوٗر اُسی سراجن ہنٛز سرکأری ماشٹر باے۔ کٔشیرِ منٛز چھُ اکھ روش ییلہِ طایفہٕ در باگذار گژھِ تس چھُ پرانہِ ناوٕ بدلہٕ پزِ یہِ وُن ناو گرِتھ مغرج کھاران۔ مِثالے نأوِدس ونان حکیم، کاندرِس صوفی، شیخس سراج، وأنس خوجہِ بیترِ بیترِ۔ موٗمہٕ شیخس اوس سراج ناو بوٗزِتھ زنتہٕ مُدوس مُچھ بیہان۔ تس اوس نہٕ

سراجن ہنز کوٗر، نوش اَنِز خاص ژمان کینْہہ۔ اکثر اوس وَنان زِچہِ زٕٹ تہٕ پچہ پٹ چھےٚ شوٗبھان۔ مُنلس کیٛاہ گژھہِ پشمینہ ژٕج واٗٹنہِ ستی وارے گژھہِ بے کور۔ حسہٕ لالس ما کرِ ہے گاربو گنڈہ بو کینہہ مگر ماشٹرجی نِس وَننس ماہیکہِ ہے ژوچہِ گرِتھ۔ کار بدلاونک بنیو وتھ اکھ وجہ۔

تس اوس پنُن پان بیمار تہٕ بے قرار باسان۔ ان کتھا اوس تتھ ہچہ وِپیٹہٕ کُن کٹہٕ اٗچھ گرٕ گرٕ وُچھان آسان۔ زن اوس تتھ منز لندنک لاس آمُت بند تھاونہٕ۔ منز اوس سوٗنچان واریاہ جوٗ کھُم پننس کارس ساٗرہِ ہے واٗتسہِ انڈ بور دِوان، ووٗنی زن کڈہٕ تہِ ووشاہ۔ مگر ستی اوسُس پننہِ کارُک امارٕ وولسنس یتھ دِلک قرار راٗوٕ راوان۔ باغہٕ کاٗم اٗسن نہٕ واٗتسہِ تہِ گرہو۔ کار آہال گو کارساٗہال۔ اورٕ یور یتھ اوس زنانہٕ پٹھ ہاٹ پھٹراوان۔ گُربن نہٕ پوشان تہٕ لیز بنن چوب۔ سو بچاٗرٕ اُس سورے اَندرٕ ژٕرپہ راوان۔ حالانکہِ سو گیے یہ نہٕ چھون کنن واجینٛز کینْہہ مگر ماشٹرجین تہٕ حسہٕ لالُن اوسُس لحاظہٕ تہٕ بیم تہِ۔ تس تہِ اوس خاندارسُند ربوٗ دہہن واٗلنجہِ کتراوان۔ گاہے اُسی سوٗنچان پزٕ اٗنی دوہہ اُسی جان۔ پتہٕ ییلہِ ٹمہِ اِرسرٕ یاد اٗسس پیوان ووٗتھ ہش اُس کھوان تہٕ اُس دیس کُن شکر کران تہٕ وَنان اٗزی گےٚ وقت چھُ جان۔ بحرحال پزٕ ون پزٕ انان تہٕ نوٚ ونوان۔

ہرُ دہیوٚتُن واتُن خاندرس اٗسی ووٗنی مسا مساڈہ دوہہ روٗدمتی۔ یمو باٗژو دِویو لاٗج گرس صاف صفاٗیی کرٕنی۔ ہوٚمہٕ ییٚمہِ بدلہٕ وِوٗن مومہٕ شیٚخن خاندارنہِ "ہوٚتھ پیٹہٕ کرتہِ شِناٗے، دِتن طاقچس پیٹھ داٗرِتھ بون، شیٚشتر کلوتارٕ ما آسنس، یہٕ دِمس نظرا تہٕ دِمہٕ کباٗڑس۔ طاقچ تہِ موکلہِ تہٕ صفاٗیی تہٕ روزبس۔" یتُے بوٗزِتھ گنڈُن مومہٕ شیٚخس کھورٕ ننٛتھ پیٹھ تالہِ تام گُنی ریٛہہ تہٕ گو نارو نار۔ خاندارنہِ ووٗنُن کمہِ تام ہتہٕ "جاٗنی ماٗلی جنت گارن اوس جانہِ لونچہ مےٚ ستی گنڈ کرنک اٗنکار میاٗنس بابہ جنت گارس امی پیٹہٕ

ہٕنٛدِس سامانس وُچھتھ دِیُتُمت۔ یہ پیٚڑ چھِےٚ مےٚ جدٕ بُڑی بب ہٕنٛز وراثت، پَنٕنہٕ نس مأٔلِس نِش ٹرمٕڑ، یتھ ژےٚ شیٖشہٕر کھنٛجہٕ تار ناوکو رُتھ۔ کیٛنٛہہ یمن سراجن، حسہٕ لالن ہوور بن، ہُنٛد سٕر سٕر ژاوٕ وکاڈ بن تہٕ چھکھ کجٕو پیٚٹھی ٹھۆل تژ اوان۔ یاد تھاو زِ نوش ژایہٕ گرٕیکلس گو اِر۔ یموے شیٖشہٕر کھنٛجو واتنأٔوکھ یتھ مُقامس پیٚٹھ۔ شیطان ہٕنٛدی کن ژٕری، سون حسہٕ لالہٕ تہٕ آسہٕ ہے نہٕ یتھ عہدس پیٚٹھ کیٛنٛہہ۔ خداین کوٚر فضل تہٕ پنڈت روگھناتھ ہٕنٛزٕ ماشٹر جی سٕوزِن تیمی اُمِس سیٚز رٕچ وتھ ہاو، نتہٕ کیاہ اُس سأٔنی اوقات۔ مگر اکھ کتھ تھأٔوی زِ یاد یوسہٕ پیٚڑ بہٕ حسہٕ لالن بند تھاوٕنُس تہٕ قسم چھنس کرنٕو مُت سو چھِ میانہٕ باپتھ بڑ ارزتھ، تکیاز اُمی پیٚٹھ چھِ سأٔنہٕ ژور پیر پتر اُومٕڑ تہٕ پھأٔپھلأ ومٕڑ۔" تس کھٕڑ شانٛش ونان ونان۔ خاندارنہٕ اُنی دانہٕ کوٚٹھی منٛز جل جل تژیشہٕ گلاسہٕ جوراہ تہٕ مومہٕ شیٖخن چھےٚ گٕٹ گٕٹ کران۔

"از لوٗگ ناصُجأٔے پگہے بدل گلہٕ گوشس، چاے روٗزِس چیٚنے۔"

خاندرانہٕ پھرِس پیالس چاے تہٕ دژلیہٕ واپس۔ سو اُس اُنٛدری سوٗنٛچان لسہٕ کوٚرا جان موروثی کار تژ وو۔ حسہٕ لالنی پروفیسری پیٚٹھ اُس نہٕ ژٕ ھُنمتین پھوتن واتان۔ خاندرس گن وُچھتھ اُسس واُلنٛجہ زِلہٕ ٹکٕر لگان۔ واریاہ پھِرِ آیاس یوٚت یوٚت تام زِ حسہٕ لالس تہٕ ماشٹر جیس نِش لوٗ ژراوٕ بوس مگر تارٕ وٕتھس نہٕ زانٛہہ۔ شاید اُس سوٗنٛچان نِچُوس ماگوھمم خامخاہ دِل آزأٔری۔

خاندر سپدٕ چکہٕ چاوٕ سان۔ سأٔری پٕوٚھری اُسی دٕنٛدن کھہرن دِتھ، انتظام اوس سبٹھاہ احتیاطہٕ تہٕ ژٕ کہٕ سان ماشٹر جی نہٕ سربراہی تہٕ سرپرستی تحت کرنہٕ آمُت، گُنہٕ قسمٕچ پرگی اُس نہٕ۔ سأٔری اُشناو، رُشتاو تہٕ یار دوس دژلیہٕ سال کھیتھ زیون ٹاس کٕڈان کٕڈان۔ نہٕ سیٚز گُنہٕ قسمٕچ کنجوسی نہٕ کانٛہہ فضوٗل خرچی۔ خدایس حوالہٕ سپدی سأٔری پٕوٚھری سیٚد بُتھِ روٗھتھ۔ نوش واتنہٕ ہتی لٕج گرس منٛز نوٗ نٕوے تہٕ پژأٔنی دِوے زن۔

موٚمہٕ شیٚخ اوس أتھی گلہٕ گوشِس کِمہٕ پٔہن سنان ووٚنی گو خاندارنٮ۪ أ ٮ۪سس منزی منزی أڈی پۄ رتژ اوان۔ تس أس پیٹھٕ کُن نظر پتھ وأنٛچ دُبہ پھیران، ییٚس نہٕ تمُی خاندارنہٕ تہٕ طاقچہِ پیٹھ ڈالنہٕ دِژہٕ اُس۔

ربتھ تارٕ گژھتھ، کِنہٕ ہوورِ بو کرنأوِس، حسہٕ لالس شہر تبدیلی، زنان أ ٮ۪سس بڑوٚنہہ تتی نوکری کران۔ کینٛژس کالس روٗد گرِ پیٹھٕ شہر تہٕ شہرٕ پیٹھٕ گرٕ پیٚنز کران۔ چھیکرس ونہٕ نووٗکھ ماشٹر جیس اتھِ گرِکِبن زِ شہرٕ سوسأری تہٕ تتہِ بیہمو کرلیہٕ مکانس۔ موٚمہٕ شیٚخن دِژھ نارس نرِ۔ فأصلہٕ کوٚرُکھ ییم بأژِ کرن ڈیٖر، پتہٕ آسن چھُٹی دوہ گرٕ کھسان۔ کینٛژس کالس روٗدیہٕ پڑوگرام تہِ چلان۔



أخرس گیہ مہرینٛ ڈیرِس پیٹھ حسہٕ لالہٕ ہتھ ژژپےٚ ہِتھ۔ مول مأج روٗد ہُرد مشید ہُند جن ہیوٗ گرِ گنی ژٔنی۔ موٚمہٕ شیٚخس زن ژوٗل کھٕچھ، پیٹہِ ہن وأجن اکہِ دوہہٕ طاقچ پیٹھٕ لوٚتی پأٹھی۔ ییم کُسُند اوسُس ووٚنی۔ ماشٹر جی اوس سورگواس سپُد مُت تہٕ حسہٕ لالہٕ اوس مہرینہٕ ستی شہرٕ ہِتھ موج ژٹان۔

☆☆☆

# دَبہٕ دَبہٕ

بہٕ چھُس نہٕ یِتھ وأنۍسہٕ زانہہ کانٛہہ چیز انس یاوُچھنس تِثٕبلیوٗمُت یُتاہ بہٕ لنڈنہٕ کوہ نوٗر ہیرٕ وُچھنہٕ خأطرٕ بے تاب سپدُس۔ مےٚ وۄن نِکس۔ تَمۍ کٔر اسنہٕ ہناتہٕ وۄنُن "یہے چھابڑٕ کتھ۔ بہٕ کرہو آن لاین (Online) تُہنٛدِ خأطرٕ پگاہ باپتھ ٹِکٹ بُک۔ یِیتی دِمہو ٹیکسی ہِتۍ سو پزارِتو ہہِ تی، یِیتِس کالس توٚہۍ کوہ نوٗر وُچھِتھ موکلِیو۔ اکھ کتھ تھأوِو زِ بو یاد، تتہٕ چھُو اَکِس بورڈس پیٹھ امِچ ہسٹری تہِ لیکھِتھ۔ سو تہِ پٔرِ زِ بو تمہِ ہِتۍ سپدِ تُہنٛدِس وأقفیتس ہُربر۔" مےٚ سوٗنٛچ وَنِس ہُربر گژھِما کِنہٕ زخمن وتھنم کرٛأنٛی۔

پگاہ پیو ٹیکسی وول وقتس پیٹھ وأتِتھ۔ نِکن اَسہِ ٹِکٹہِ ہنٛز ہارڈ کاپی (Hardcopy) ہِتۍ دِژٕمٕژ۔ مےٚ سوٗنٛچ اَنہِ وقتس پیٹھ یِیہِ تن موبائیلس ہونگہٕ تہٕ بہٕ ماگژھہِ پتہٕ چھتہٕ۔ پاسپورٹُچ اکھ کاپی تہِ اَسہِ ہِتۍ تھأوٕمٕژ۔ حالانکہِ نِکن وَنیاے امِچ چھنہٕ کانٛہہ ضروٗرتھ۔ مےٚ سوٗنٛچ دُنیاہ گژھِ دوٗر زانُن آیہِ زن کأنٛسہِ انگریزس لٔٹھ تہٕ ژھأرن پاسپورٹُچ کاپی تہِ۔ کوہِ نوٗر روزِ کوہ نوٗرچہِ جایہِ شوٗٹھ آسہِ لوٗگمُت واوِ ہالہِ۔
سانہِ ڈیرٕ پیٹھٕ لوٗگ برابر اکھ گھنٹہٕ تورواتنس۔ ڈرائیورن کٔر کار پارک تہٕ آو

مےٚ مین گیٹس تام ہتیٚ۔ ہتی وۄنُن واپسی پیٹھ آسے بہٕ ییٚتی پزاران۔ مےٚ کوٚرُس باند باند یتھ نہٕ اور یور ڈلکھ تہٕ شوٗٹھس ووتھِ نہٕ یتھ وۄ پر مُلکس منز سور بنہٕ کاوتہٕ۔

مین گیٹس اندر اُژِتھ وُچھ مےٚ بڈٕ شوٗبہِ دار پارکا۔ یتھ اَندِ اَندِ وارِیاہ گُلبو سان بونہٕ تہٕ آسہِ۔ مٔتس بتہٕ چی زپرا۔ مےٚ پیہ یکدم کٔشیر یاد۔ مےٚ سوٗنچ تتہٕ وایکھ بونبن لِترِ، تتہٕ ما آسن نہٕ ییژ ھایتہٕ چھِ۔ بہٕ ژاس Corridor س منز اندر اُکس کمرس کُن ییتہٕ اکھ قداوار انگریزا کُرسی پیٹھ ہِتھ وِزٹرن بکنگ نمبر پرژھتھ اندر اژنک پاس دِوان اوس۔ اَمِس زن اوس توٚت اولوٗ اَمِس منز ییلہِ میٚون ناو بُلووُن۔ مےٚ توٚر دۄیمہِ آلو پتہٕ فِکرِ تہٕ گوس تٔمی ہندِس ٹیبلس نِش تہٕ بیوٗٹھس کُرسی پیٹھ یتھ کُن تٔمی مےٚ اِشارِ کوٚر۔ تام کھوٗل تٔمی کمپیوٹر پیٹھ Net کہِ ذٔریعہِ میٚون اول وانگن نوٚن تہٕ وۄنُن سبٹھاہ نرمی سان ''ژِ چھکھ اِنڈیا پیٹھ آمُت۔ زامُت چھکھ کٔشیر تہٕ ازکل چھکھ جیٚمہِ روزان۔ ییتہٕ لنڈنہٕ چھکھ نوشہِ نیٚچوس نِش رۄزِتھ۔ گرواجنی تہٕ چھےٚ یور آمۄ۔ مےٚ کوٚرُس کلہٕ ہتیٚ اَنکار اَنکار۔ پانسے ہتی سوٗنچم بیہٕ ماونہِ تٔمس وارنہٕ ہُند ناوتہٕ یُگ مےٚ شوٗٹھس زبنہٕ گرِ نان آسہِ ہے ژٕمژ۔ پتہٕ تھاونووُنس اَکس مشینہِ پیٹھ ڈچھن اتھ تہٕ میٚانٔی Finger Prints کرِنی تٔمن ہتیٚ Tally یم وِیزا وِزِ تُلمُت اَسِکھ۔ پتہٕنس ریکارڈس ہتیٚ رلاوِتھ تژ وۄن اسنہٕ ہنا۔ مےٚ کھوٗ وانج بوٗٹھ تہٕ کوٚرُم وُٹھ کُمجار۔ پتہٕ لوٗکُن وۄنُن ''اِنڈیا پیٹھ آمتن چھِ کوہِ نوٗرس ہتیٚ زنتہٕ دِلی وابستگی۔''

''کوہِ نوٗر اوس نہٕ بڈٕ اُتی سونُے۔'' مےٚ وۄنُس چارژٕتھ۔

تٔمی وۄن اسونہٕ ہونجہِ ''دریں چہ شک''۔

مےٚ کوٚر سیہہ جگراتہٕ پرژھمس ''کتھ اَسہِ وَنی۔''

سُہ وۄتھ اسان اسان، یُس انگریزن عادتھے چھُ "By all means."

''اگر ژےٚ تام آسہِ ہے، ژٕ کرکھایہِ کوہِ نوٗر سانٔس مُلکس واپس؟'' مےٚ

پرٛژھمس بےٚ شوٗنکی پاٗٹھی۔

''ہرگز نہٕ'' یہِ ونان ووزلیٛو وسہٕ وارے۔

''کیاٛزِ نہٕ؟'' مےٚ کوٚرمس سوال۔

''تتھ چھِی واریاہ وجوٗہات۔'' تٔمۍ ووٗن دزان دزان۔

''مثلن؟'' مےٚ پرٛژھمس ہنٛجاٗری پاٗٹھی۔

تٔمۍ ہیٛژ نمبتھ دِنۍ تہٕ ووٗنُن ''ہُنٛدِس مُلکس اِنڈیاہس چھےٚ وُنہٕ تہٕ کاہن گاٗو راٗوِمژ۔ شکر کٔرِوسائی مُلکن اوس یہِ کوہِ نوٗرتہٕ پیٚٹھ یوراوٗنمُت۔ توٚہۍ ما آسہٕ ہانواتھ تہٕ چھلہٕ تہٕ پھلہٕ کرنہٕ پیمژ۔ پتہٕ کیٛاہ زن وُچھو یوٚت یتھ۔''

''کیاٛزِ پیٚیہِ ہن چھلہٕ کرنہٕ؟'' یہٕ گوسس زنتہٕ اگادِ۔

''پاٗکِستان گو الگ۔ تِمن تہٕ اوسو ناِحصہٕ دِیُن۔ تِمن نِش گو پتہٕ بنگلہ دیش ژھینہٕ۔ تِمن تہٕ اوسکھ نا کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ دیُن۔'' یُہ ووٗتھ تٔمۍ تام عنوانہٕ۔

''پاٗکِستان گو الگ سُہ تہٕ چھُ تہنٛدِ ے گُلِ خاٗر۔'' مےٚ ووٗنُس درجواب۔

''پزر، مگر از چھُ نا آزاد۔ از کیٛاہ چھوٚیوٗ تاہس کھیٚنےٚ تہٕ مس کھیٚنےٚ لوٚ گمُت۔ سائی مُلکن چھُ ہندوستانس سان، دُنیا کینٛہ واریاہن مُلکن پیٚٹھ حکوٗمت کٔرمژ۔ اسہٕ چھِ کوہ نوٗرکی پاٗٹھی واریاہ نوادِر یور أنۍ مِتۍ، یِمن کُن وُچھِتھ سانہٕ نیہِ پیٚیہِ پننِس پوٚت کالس پیٚٹھ فخر چھُ سپدان۔ یِتۍ چھکھ حب الوطنی ہِندِس جذبس ووتھبو لگان، بیٚیہِ چھُ یِموٗ یِتۍ سانہٕ مُلکُک دبدبہٕ وُنہٕ تہٕ دُنیاہس۔''

یہٕ گوس غوطن۔ مےٚ اوس تٔمۍ ژٔکی ٹٔلی آب داتنوومُت۔ مےٚ گٔیہِ گلہِ زیوٚ۔ مےٚ پھیٚوٗرنہٕ دِہٕ تہٕ۔ أندری ووٗنُم ''میٚون أستھ چون گوم، پٔنُن أستھ منگُن پیوم۔''

